# اَنہار

(گریرسن نمبر)

ایڈیٹر

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

مجلسِ مشاورت

ڈاکٹر رشید نازکی

محمد شفیع سمبلی

کأشُر ڈِپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر

یونیورسٹی ریسرچ جرنل۔ فیکلٹی آف آرٹس

# انہار

جلد — ۱۰

شُمارٕ — ۱۳

وٚری — ۱۹۸۷ء

کوٗڈنیک چھاپ — ۱۰۰۰

موٗل — ۲۰ روپیہ

خطاط — معراج تُرکوی

سرورق — اقبال ٭ مطبوعہ: شالیمار آرٹ پریس

کاشُر ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل، سرینگر

# ترتیب

# گوڈٕ کتھ

"اِہار" چھُ کاشِر شعبُک اکھ تحقیقی تہٕ تنقیدی رسالہٕ
آسنچہِ حیثیژٕ منز پننِہ کینہہ شمارٕ صرف تِمن موضوعاتن ہنٛد وحاطٕ کرنہٕ
خاطرٕ وقف کران آمُت، یِم موضوع اَمہِ شعبُک کِین سالانہٕ سیمنارن ہنٛدِس
موقعس پیٹھ مقالہٕ نگارن دعوتِ اظہار دِوان چھِ۔ اِہارُک یہٕ
اَزیُک شمارٕ تہِ چھُ پرٛس منعقد کرنہٕ آمنہٕ سیمنارکین تِمَن مقالن
یکوٹہٕ چھاپ کرنہٕ خاطرٕ وقف تھونہٕ آمُت، یِم سر جارج ابراہم
گریرسن ہنٛزِ کاشرِ زبانہِ پیٹھ کرمژٕ کامہِ ہنٛز سام ہیوان لیکھنہٕ
چھِ آمتۍ تہٕ یِم اَتھ تام وقتس پیٹھ واتناونہٕ چھِ آمتۍ۔ اگرچہِ اَسۍ
لسانیاتس ستۍ براہِ راست وابستہٕ ڈاکٹر عنایت اللہ اندرابی ہیوٚو
عزیزو سلسلہٕ وار وُگرالیَو باوجود پرارِ ہنی تھاوۍ تاہم کرِ ڈاکٹر
نذیر احمد دار تہٕ رتن لال تلاشی ہیوٚو عزیزو یہٕ کمی پوٗرٕ۔ یِتھ شمارس

منز شایَل مقالن ہندِس معیارس تہٕ اہمیتس متعلق کانہہ نوو تمہید گنڈنہٕ بجایہ چھُ میٚہ یِی مُناسب باسان زِ سیمنارکہِ رسمِ افتاحہ برونٹھ مدعو سامعینن برونٹھ کنہِ برنہٕ آمُت خطبہٕ استقبالیہ کرن بہٕ پیش لفظ ژنگی بن وعن شایَل یتھ زَن پرَن والین یُتھ شمارس منز شایَل مقالن ستیٚ وابستہٕ سانین توقعاتن ہُند عکس تہٕ نظر ییہ۔ بہرحال گوڈ کتھِ ہندِ بقیہ حصہ ژنگی چھُ پیش وُہمہ نومبر ۱۹۸۶؁ء گاندھی بھونس منز جمع تقریباً ژورن ہتن سامعینن برونٹھ کنہِ پرنہٕ آمُت خطبہٕ استقبالیہ۔

## خُطبہ اِستقبالیہ

صدرِ محترم پروفیسر سرور صاحب، مہمانِ خصوصی پروفیسر پُشپ صاب، قابلِ قدر سامعین، خواتین و حضرات۔ اَزبُک یہ سیمنار چھُ کاشرِ ڈیپاٹمنٹُک بُہم سیمنار آسنکہِ حیثیتہٕ اکہِ باگہِ بوٚرنہٕ رلواتیُک تسلسل۔ اَسی چھ یِمہ سیمنارکہِ ذٔریعہٕ اُکس تتھس بہلہِ پایہ عالمِ ہندِس جمع کرِہتس تحقیقی سرمایس پھیر دیاونُک سَنز کران، یمی کاشر زبان عالمی سطحس پیٹھ خاص اہمیت لبناونس منز بہلہِ پایہ رول ادا چھُ کوٚرمُت۔ نوہ ہرِ بزرگن تہٕ عزیزن ہُند پننِو مصروٗفیاتو منز وقت کڈِتھ مشکلاتو باوجود یِمہ سیمنارُک رونق ہرادنہٕ خاطر وقتس پیٹھ تشریف اَنُن چھُ ژٕ زِ باٹھی کاشر شعبہٕ کین وہستادن، رِسرچ سکالرن،

طالب علمن تہٕ باقے سٹاف ممبرن تِہندِ احترامچ تہٕ شُکر گذاری ہنز
ذمہ واری ہیٚر راوان ۔ یہ چھُس یٚنہِ طرفہٕ تہٕ اَمہِ ذمہ واری ہُند احساس تھوَن
والین پننین سارنے ساتھین ہند طرفہٕ ورٚژھہِ وانجہِ تو یہ استقبال کران ۔
میہ چھُ یقین زِ یتہٕ تہِنز شمولیت یمہِ سیمنارکس افادیتس اضافہ کرِ تہٕ
بَنہٕ یمہِ سیمنارٕ خاطرٕ ژارنہٕ آمُت موضوع سانہٕ مادری زبانی ہندِ ین گیتین
زاوِلین تہٕ دلچسپ مگر نظر انداز گمتین پہلوٕن کُن توجہ پھِرنُک باعث تہٕ ۔
خاص تحقیقی تہٕ ٹیکنکل مُطالعہچ کل گنزراون وول یہ موضوع
ہیکہِ اَسہِ یتھ کاتس مانتہٕ آمژن دوٕن خاص کتھن ہُند پۆز رٔسر کرنس
منز تہٕ مدد کرتھ ۔ اَکھ کتھ ہیکوٚ اَسی انگریزی پاٹھی راےَ سیدٕ مٔت
مفروضہ آسنہٕ کنہِ "CAREFUL SURVEY OF ENGLISH
RESEARCHERS" وٕنتھ ییلہِ زن دوٚیمہ کتھ "THOROUGHNESS OF
WESTERN MIND" ناو ہیکوٚ دِتھ ۔ آیا سر جارج ابراہم گریرسن
ہنز کاشرِس بیٚٹھ کرنہٕ آمژ ساری کام چھا یمَن دوٕن کھوتین بیٚٹھ
پایہ نیران تہٕ ہاوان اَسہِ یتھ سیمنارس منز شمولیت کرن والی مقالہ
نگار بیٚیہِ مقالن بیٚٹھ عالمانہٕ تہٕ مُحققانہٕ بحث کرَن والی حضرات ۔
مثالہِ پاٹھی "لنگوِسٹک سروے آف انڈیا" ہس منز گریرسن سُند
طرفہٕ کاشر زبان سنسکرتچ کور زانُنہٕ بجایہ سنسکرتچ بیٚینہِ زانتھ دردستانچن
زبانَن ہنز بڑھیمٕتہٕ زبان گنزرنِ تہٕ یتھے پاٹھی کاشرِس گرامرس انتہائی
سہل قرار دِوان تم سُند اَکھ صفحس بیٚٹھ یہ دعوا کرُن زِ: ۔

" I MAY CLAIM TO HAVE ADOPTED AN ENTIRELY NEW SYSTEM OF ARRANGEMENT OF THE KASHMIRI GRAMMAR."

پتہ دوئمِس صفحس پیٹھ یہ فتویٰ صادِر کرُن زِ :۔

" KASHMIRI, WHICH HAS REALLY A VERY SIMPLE AND REGULAR GRAMMAR PRESENTS TO THE UNHAPPY STUDENT NOTHING BUT AN UNDIGESTED MASS OF APPARENTLY HOPELESS IRREGULARITIES WHICH CAN ONLY BE ASSIMILATED BY ROTE."

پتہ پتھے پاٹھِ چھُ وُچھُن زِ کاشُر ادبچ زِ ابتدأیی ڈِسیاب
کتابہ یعنے شتی کنٹھنی " مہانے پرٚکاش " پتہ لَل دید ہِندی واکھ ترتیب
دِوان اصلی کلام پتہ رَل گومُت کلامہ ژارنُک معیار کیا چھُ اَتُس
اوسمُت، یتھ زُن اَسہِ تمہٕ NORMS OF EDITTING بندی
یا ترتیبی اقدار اَکھ پِن۔

یمُن گوشَن کنُ توجہ کرُان اَگر اَسہِ پتہ باسہِ زِ زبانَن ہُند
تحقیقی سفر چھُ تَنہٕ پیٹھ کتہٕ کور بردنٹھ لوٗکمُت اما پوٚز یہ کتھ چھیِ یَنہٕ
جایہِ مُسلِم زِ گرِئرسنٔن روزِ ہمیشہِ یہ امتیاز حاصل زِ تمیٚ چھُ سرکاری
سطحِ کس اَکِس بڈِس منصوٗبس ستیٚ آوُر آسنہٕ باوجوٗد بیٚیو کینژو اَہم

زبانو کھوتہٕ ژۄر توجہ کاشر زبانؠ ہُند مجموعی مطالعہ کرنہٕ خاطرٕ وقف کوٚرمُت، ییمہ کنۍ شہ اکھ بہلہِ پایہ زبان دان تہٕ محقق زانہٕ علاوٕ اَکھ ممتاز کشیر نواز محسن تہٕ زانٕنۍ پزٕ۔ تِمنز وکیزٕو کوتاہیو سببہٕ تِہُند پُرخلوص دیُت بیٚیہٕ تِہُند اِنہماک نظر انداز کرُن چھُنہٕ انصاف۔ خاص کرِتھ تہٕ یتہِ نظرِ تل تھٔوِتھ زِ گرِیرسن سُند مطالعہ اوس EXTENSIVE نوعیتُک نہ زِ INTENSIVE نوعیتُک۔ تاہم چھِیہ تمہ کینہہ پزٕ لوٚنہٕ میلہ پچہٕ لاگِتھ زبان شناسی ہنزٕ اوٚٹ لاینہٕ رنگہٕ ساۄنؠ وتھ روشن کرٕمٕژٕ۔ تہٕ پزر تہٕ بیٚیہٕ نظرِ تل تھٔوُن زِ کانہہ عالم ہیکہٕ نہٕ پننس علمی مادانس منز مکمل آسنُک دعویٰ کرِتھ یا کانہہ تحقیق ہیکہٕ نہٕ حرفِ آخر زانہٕ پتھ۔ لہٰذا چھُ علمی کامن خاص کرِتھ تحقیقی کامن سام ہینہٕ وزِ محقق سُند خلوص پیش نظر تھٔوُن تہٕ تیوتے لازمی ییتہٕ تِمسنزن کوتاہین ہنزٕ نشاندہی ہیٚڈنہٕ تہٕ ہیر کڈنہٕ جذبہ وراۓ کرٕنؠ بلکہ کوتاہین ہند ازالہ خاطرِ عالمانہٕ مشورٕ دِتھ بہتر صوٗرت ودہ تلاونؠ لازمی بنان چھِیہ۔

کاشر ڈکشنری کاشرِس تلفظس تہٕ کاشرِن علاقائی کیو طبقاتی بولین خاص کرِتھ کاشرِکؠ قدیم ترین تلہٕ ترٕاو رُژھرن واجنین پوگلی تہٕ کشتواڑی ہشن زِندہٕ بولین زیرِ بحث انان تہٕ بیٚیہٕ اَکھ گرِیرسن بندی نظریہ رد یا قبول کرنہٕ وزِ سیٹھاہ محنت کرٕنؠ تکیازِ تمہ سُند استدلال چھُنہٕ تیوتاہ کمزور۔

انگلستانٕکس آیرلینڈ علاقس منز واقع ڈبلن ناوکس بندرگاہس
نِکھ ۷، جنوری ۱۸۵۱ء منز ژٕھنہٕ پیٚمتی گریرسن کوٚروٕہ وٕرِشہٕ وانہٕ
یعنی ۱۸۷۱ء منز بے انڈین سول سروِسہٕ ہِند مشکل امتحان پاس
تہٕ صرف ۲۲ وُرِشہٕ وانہٕ یعنی ۱۸۷۳ء منز گوو سُہ بقولِ سینتی کمار چیٹرجی
ہیٚتہٕ بزن لوکچن پتہٕ بجن زبانن لٔل کھوٚل کرن واکس بھارت ناوکس لسانی
سورگس عاشق تہٕ اتھی عاشقانہٕ مزرس تحت رُود سُہ قریب پانژاہ
وُرِین ہندوستانکین مختلف علاقن منز لسانی سروے کران۔ گوڈنکین
پندہن وُرِین گوو سُہ تحقیقہٕ موٚت یتھ لسانی سورگس اندر مختلف
زبانن ہندِن زاد جارن تہٕ تنہا سام ہیوان ۔ مگر تحقیقچ قدردان تہٕ
علمچ آبیاری کرن واجینی فرنگی حکومت کتہٕ ہینکہٕ بے اَمِس انگریز
نوجوان سُند یتھ محققانہٕ جذبہٕ نظرانداز کرتھ۔ چنانچہ آو سرکاری سطحس
پیٹھ ۱۸۹۸ء منز اہم ہندوستانی زبانن ہندِ سروے ہِک بوڈ بار
پروجیکٹ اَمی بے گریرسن ہنز سربراہی منز دردس بنہٕ، یُس
ترٕہن وُرِین ہندِ زبردست محنتہٕ پتہٕ ۱۹۲۸ء منز تیتھے پاٹھی
مکمل کرنہٕ آو یتھ پاٹھی ایرانکی قومی شاعر فردوسین پژانین مسودن پھیر
دِتھ کُڈ ترلو امتحانو پتہٕ "شاہنامہٕ ایران" پہٕ ونان آند واتنا یلو وزن سہ

بسے رنج بُردم درین سال سی

عجم زندہ کردم بدین پارسی

دُچھُن چھُ پہٕ زٕ ۹، مارچ ۱۹۴۱ء تام زندٕ روزن دول

کاشِر زبانٕ ہندِس بہلہِ پایہ محقق یَند خاطرٕ یہ اکھ ماجہِ زیو آسنہٕ برعکس اکھ اکتابی زبان آس، کاتہِن کاشرِن اندر ہیوٚک زبان شناسی ہنز کل وۄتلاوِتھ یاتَس پیٹھ کام کرن والیو کتھ حدس تام ہیوٚک لسانی تشخص برٕزلاونکہ تحقیق برونٹھ پکناوِتھ، تہٕ مادِن یتھ سیمنارس منز پرنہٕ پننہٕ وٲلی مقالہٕ کٔنہ حدس تام ہاوِتھ۔

ویسے چھُ باسان زِ عالمی سطحس پیٹھ تحقیقچ جدید نہج وُچھتھ ماگرِتھ وۄنی گرٕ برسن ہندی پاٹھی وارِہَن ٹاکین وُہرٕ رِنج تِمہِ ترک یِدہٕ نی تہٕ خود مرکوزِ لوکٹِن لوکٹِن دایرن منز کام کرنٕچ نہج بارسس ینی۔ اتھ سِلسلس منز چھُ شاید کاشُر ڈپارٹمنٹ یہ توقع تھونس منز حق بجانب زِ ییٚتہٕ جمع یِدہٕ میتِن اہم دانشورن تہٕ نمایندٕ ادیبِن ہندیو بحث مباحثو اندرٕ وۄتلِن بالواسطہٕ یا بلاواسطہٕ کینہہ تِتھی گاشرِ مشورٕ یمِن پیٹھ آسہِ پننِن ایم فِل تہٕ پی، ایچ، ڈی کرن والین ریسرچ سکالرن تِہندیو مخصوص میلاناتو یعنے اپنٹی چوڈو مطابق خاص علمی دایرن اندر سپیشلسٹ (ماہر) بناونچ رہبری زیادٕ مؤثر بناوِتھ ہیکو۔

پوٚتُس کرٕ بہٕ بیٚیہ اکھ پھِر صدرِ محترمس، مہمانِ خصوصی لیٚں، مقالہٕ نگارن، نمایندٕ ادیبِن تہٕ ادب دوستن فرداً فرداً استقبال۔

جناب سرور صاب چھنہٕ کُنہٕ تعارفکی موحتاج تِم چھ اُردو زبانٕ ہندی اکھ مقتدر نقاد آسنہٕ علاوٕ ساہ یونیورسٹی ہندی بُزرگ ترین

ووستاد تہٕ ۔ یتھے پاٹھۍ چھہٕ یمہٕ اجلاسکۍ خاص پٔزٕھ پروفیسر پُشپ صاحب تہٕ گرِیرِسنس رہبری تہٕ اُتھ روٗٹ کرٕن والین پنڈت آلشر کول جوتشی تہٕ مکندرام شاستری ہوین عالمن ہندی جانشین آسنہٕ علاوٕ شعبہٕ کٲشرِ کین بانی کارن منزٕ تہٕ شامِل ۔

لہاذا کرٕ بہٕ گوڈٕ پُشپ صاحبس گذارش زِ تم کرٕن صدرِ محترمس برونٹھ پننین خیالاتن ہند اظہار ۔

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

صدر شعبہٕ کٲشُر

پروفیسر پُشپ

# گریرسن نہٕ کاشر لسانی تحقیقکی ماخذ

۱۔ کاشر زبانی پیٹھ لسانی سوٗنچ کرِتھ لیکھنہٕ وقتہٕ یم ماخذ گریرسنس برونٛہہ کنہٕ رُودی متہٕ چھہٕ تم چھہٕ شیٚیہٕ قسمکی :۔

اکھ :۔ کاشرِ زبانی ہندِ ناوٕک اندراج

زٕ : کاشر زبانی ہُند لوٗغت

ترٛے : کاشر زبانی ہُند گرامر

ژور کاشر زبانی ہنٛزن خصوٗصیژن ہنٛز وِتٲژھنے

پانٛژھ کاشر ادبکی نموٗنہ

## شُے : شخصی زانٛی کاری

١٠٢۔ اکھ : کاشُر زبانٛی ہندِ اندراجَن ہندی چھِ یِم ماخذ گریرسنٕنٛ برونٛہہ کنہِ آسی متہ۔

١۔ امیر خسرُونٛ "نہہ سپہر" یُس ١٣١٧ء یس منز لیکھنہٕ آمُت چھُ تہٕ ایلیٹ ہندِ "ہسٹری آف انڈیا" (٣/٥٦٢) کہِ حوالہٕ گریرسنٕنٛ نظرِ گوو۔ اتھ اندر چھُ کشمیری ناو لاہوری تہٕ سندھی بیترِ ناوچن زبانن ستی ہیٚنہٕ آمُت۔

٢۔ ابوالفضل ہنز "آئینِ اکبری" یُمیُک پتاہ جیرٹ ہندِ انگریزی ترجمہٕ (٣/١١٩) ستی گریرسنٕس لوگ۔ اتھ اندر تہٕ چھُ کشمیری ناو درج۔

٣۔ اڈے لُنگ جوہان کرسٹوف سُند "سپراکھین اُنڈ منڈاریئن" (جلد ١) یُس ١٨٠٦ء یس منز برلنہٕ دراو تہٕ یمہِ کِس ص ١٩٥ اس پیٹھ درج چھُ زِ "کاشرِ ہنز زبان چھیہٕ سنسکرتچ کُور تہٕ مراٹھی یَس ہِش آسِتھ تہٕ چھیہٕ سیٹھے مُشکل۔"

٢٠٢ زِ : کاشرِ زبانٛی ہندی یِم لوغت گریرسنٕس نظرِ گامٕتۍ چھِ تمو منز چھُنٛ یمَن ہنزن کوشِشن ہند ذکر کوٚرمُت :

ایچ وڈرتھ (۱۸۴۱ء)، ایچ (۱۸۴۴ء) کنگھم (۱۸۵۵ء) آسٹن
(۱۸۶۶ء) کیمبیل (۱۸۶۶ء/۱۸۷۵ء)، بوورنگ (۱۸۶۶ء)،
ایلمزلی (۱۸۷۲ء)، ڈرو (۱۸۷۵ء) تہٕ ایشرکول (۱۹۱۶)۔

۳۰۲ ترٛےٚ: گرامرکھن والیو منز آسس یمن ہندی تصنیف
بروٚنہہ کنہٕ رٲوِدی منٛز:

۱. انگریزی پاٹھٕ: ایچ ڈرتھ (۱۸۴۱ء)، ایچ (۱۸۴۴ء)
تہٕ ویڈ (۱۸۸۸ء)۔

۲. اردو پاٹھٕ: بشن ترائن (۱۸۷۳ء)

۳. سنسکرت پاٹھٕ: ایشرکول (۱۸۷۵ء)

۴۰۲ ژور: کٲشرِ زبٲنی ہنزن خصوصیژن ہنز ورتھنٕے کرن والی
تصنیف آسی ایشرکول سنٛز "کاشمیر شبدامرتم" (۱۸۷۵ء)
علاوٕ برکھارڈنی ترٛےٚ مضموٗن یم آسی جرمن زبٲنی منز
کٲشرِس فعلس، اِسمس تہٕ پوٚت لگس پیٹھ ZDMG
(۱۸۸۹ء، ۱۸۸۸ء، ۱۸۸۷ء) س کڈ۔ (حالانکہ پوٚت
لگہٕ بدلہٕ چھُ اتہٕ PREPOSITION لگاونہٕ آمُت)۔

۵۰۲ پانژھ: گریرسنن آسی کٲشرِ ادبٕکی یم نموٗنہٕ وُچھتیٚ:

۱. کٲشرِ انجیلہٕ یمہٕ سریرام پور مشن کلکتہ کہِ طرفہٕ (۱۸۲۱،
۱۸۲۷، ۱۸۳۲، ۱۸۸۴ء تہٕ ۱۸۹۹ء یس منز) شایع سپٕز۔
خاص کرٕتھ یار محمد بند مدتہٕ کٲشرِس منز پھرنہٕ آمُت

پرٛدن عہد نامہ۔

۲. داستان یٔشخ شبلی، یُس انڈین انٹی کویری بمبئی کس ۱۸۷۲ اکس شمارس اندر دراو۔

۳. محمود گامی سنٛز یوٗسف زلیخا یوس برکھارڈن ZDMG ہس اندر (۱۸۹۵ تہٕ ۱۸۹۹) شایع کٔر۔

۴. نولزٕ سنٛز کتابہٕ "A DICTIONARY OF KASHMIRI PROVERBS AND SAYINGS" اندر درج دِیتھ (۱۸۸۵ء)۔

۵. نولزٕ سنٛز "KASHMIRI RIDDLES" کتابہٕ اندر درج پرٛژ (۱۸۸۸ء)۔

۶. للہٕ واکھ یم گریرسنن تہٕ ایل ڈی بارنٹن ترجمہٕ تہٕ شرح سان (۱۹۲۰ء) شایع کٔرِ۔

۷. حاتم تلہٕ وانی سنٛز وٕنہٕ مٕژ کتھ یمہٕ گریرسنن تہٕ شٹاینن ترجمہٕ تہٕ دیباچہٕ سان (۱۹۲۳ء) لندنہٕ پیٹھ شایع کرٕ۔

۸. ستو پرٛنےٚ ناو کرشن رازدان سُند شوٗگن یُس پنڈت مُکندرام شاستری سٕند مدتہٕ گریرسنن ترجمہٕ سان ۱۹۱۴ء پیٹھ ۱۹۲۴ء تام قسطوار چھپاونو۔

۹. شری کرشنا وتار لیلا یوسہٕ وشنہٕ کنٛی صاحب کول سٕنز بدلہٕ دیناناتھنی ظاہر کرنہٕ آیہ تہٕ گریرسن سٕنز انگریزی ترجمہ

سان "ایشاٹک سوسائٹی طرفہٕ" شایع پیپرز (۱۹۲۸ ایٚس منز)۔

۱۰۔ پرکاش رامُن رامایَن یُس دِواکر پرکاش بھٹ نہٕ ناوٕ زانہٕ آو تہٕ گریرسن نہٕ ترجمہٕ سان سوسائٹی طرفہٕ ۱۹۳۰ ایٚس منز کلکتہ پیٹھٕ دٲراو۔

۱۱۔ مہانے پرکاش یُتھ پیٹھٕ گریرسنن اکھ لسانی مطالعہٕ الگ پاٹھٕ تہٕ لیوٗکھ۔

۶۰۲ شیٚتۍ ؛ شخصی زاتی کٲرۍ ہنز۔ گریرسنس حاصل پیپرز تِمو منز رۄدی واریاہ بے ناوے۔ حالانکہ انگریزی جُملن کٲشرٕ اونس منز رۄد کینژن ہُند سیٹھاہے اہم رول۔ (مینوول کِس پیش لفظس منز چھِ یمَن شہ زٕ کٲشرٕ وُنۍ تھے کتھ کھوان چھُ) تاہم یِمو اُمس واریاہس زنگٕ مَدد کوٚر تِم چھِ:

۱۔ مہامہو پادھیاے مُکندرام شاستری یِم سنسکرتکۍ عالم اُسی تہٕ یِلہٕ واکھ، شِو پرنے، شری کرشنا وتار لیلا، رامہٕ چرت ہیٚوٕن کٲشرٕ متنن یِمۍ گریرسنہٕ نہٕ باپتھ لفظ بہ لفظ سنسکرت ترجمہٕ تیار کٔرۍ تہٕ اَمہٕ علاوٕ ایشر کول "نہٕ کاشمیر شبدامرتم" ناوکہٕ گرامرکۍ زاوی جار فکرِ تارۍ۔ چنانچہٕ اَمہٕ غرضہٕ نیوٗ سہٕ گریرسنن پٹنہٕ ناد دِتھ۔

۲۰۔ پنڈت گوبند کول یُس نوٕ طرزکہٕ تحقیق جان اَتھ وَتھ اُس تہٕ کیازِ سٹاین صاحبس ستہٕ اُس اُمۍ سیٹھاہ کٲم

گرٛمژ۔ میٖنول لیکھنس کوٚر اُمی تہٕ گریرسنس مدد۔

۳. مِس، ای جی اہل یوسب فوری بدہن سرینگر مشنری روزمژ اَسں تہٕ کأشرٕ بولنس منٛز طاق پسنٛدمژ اَسں۔

۲.۷ بیٚیِن بیٚیِن تحقیق کارن ہُند تہٕ توٚز گریرسنس فاضں۔ خاص کرِتھ یِمَن ہُند:

۱. میکس مٔولر سُند (۱۸۵۴): مُنڈا زبأنی ہندِ اثرک۔

۲. شمِٹ (۱۹۰۶) سُند : آسٹرو ایشاٹک زبأنی ہندِ اثرگ۔

۳. ارسکن بیری (۱۸۵۳) سُند : ہندوستأنی زبانن ہنٛز ڈشاکھل ورگہ باگیہ ہند۔ یِمہٕ مُوجوٗب کأشر زبان ہندی، بنگالی، گجرأتی بیترِ سٕتی زانہٕ آیہ۔

۴. بیٖمس (۱۸۶۷) سُند : ہند آریأیی زبانن ہندِ تقابلی مطالعک۔

۵. ہارنلے (۱۸۸۰) سُند : گوڈی زبانن ہندِ تقابلی مطالعک (چنانچہٕ اُمس سٕتی اَکہٕ واس کرِتھ لیچھی گریرسنن بہاری زبانن ہنٛز تقابلی ڈکشنری تہٕ)۔

۶. سٹین کونو (۱۹۰۰-۳) سُند : یِمو پیشاچی تہٕ باشگلی پیٹھ خاص بوٚکھمت اوس۔ (چنانچہٕ باشگلی پیٹھ لیکھی ہِتھ کونونس مقالہٕ پیٹھ لیکھی گریرسنن نوٹیم ۱۹۱۱ (۱۹۱۱ء) یس منٛز چھپیہ۔

۳. ماخذن ہنز مجموٗعی نشاندہی کرنہٕ پتہٕ چھُنا صلع ووٕنی ترادٕو تیتھ تحقیقہٕ سرمایس تہٕ نظراہ یُس گریرسنن کاشرِ زبانی متعلق وقتہٕ وقتہٕ اَبہٕ برونٛہ کنہٕ تروٗو یُتھ زن یمن ماخذن ہندِ اثرگ پوٚت منظر نوٚن گژھہٕ۔

۱۰. باسان چھُ زِ یمن دوٚہن گریرسن ہندِ لِسانی سروٕے ہُک سنز کرنہٕ بجیوو تمنے دوٚہن آیہٕ تس زٕ اہم تصنیفہٕ اتھہٕ۔ اکھ ایشرکولُن "کاشمیر شبدامرتم" تہٕ دوٚیم برکھارڈ ہندی لِسانی مقالہٕ یمن اندر کاشرِ زبانی ہندِس فعلی، اسمی تہٕ پوٚت لگ نظامس سام اَس ہینہٕ آمُت۔ یم دوشوٕے وُچھِتھ ہیوٚت گریرسنن کاشرِ زبانی ہندِ ین زاوِ بجارن سنزٕ ۔ "کاشمیر شبدامرتم" اوس ایشرکولن سنسکرتس منز ہیم چندر ہندِ سوٗترٕ اندازِ لیوکھمُت یتھ اندر پانن سند توضیحی انہار ہیوٚ وقتلیومُت اوس تہٕ برکھارڈن اوس لاطینی گرامرکس شکنجس اندر کنہٕ ورایی کاشرِ زبانی ہندی کینہہ موٗلہٕ اصوٗل نتہٕ کڈی ہتہٕ ۔ گریرسنس باسے یہٕ یم دوشوٕے کوشش ایکٕ ورتھ لیچ تہٕ ڈیڈ سندٕی تمو گرامرٕ کھوتہٕ زٕودار یمن لاطینی گرامرکی ڈاڈ تصرف ہیوٚ گومُت اوس ۔

چنانچہ گریرسن کوٚر برکھارڈنِن مقالن انگریزی ترجمہ یِم "ESSAYS ON
KASHMIRI GRAMMAR" ناوِ بمبیہ ہِندِس A ہس اندر ۱۸۹۵
پیٹھ ۱۹۰۰ تام نیران رُودی تہٕ پتہٕ الگ کتٲبی صوٗرتس منٛز تہٕ چھاپ
سپدی۔ یمی لیوٚکھ ۱۸۹۶ ہس منٛز کٲشرِ زبٲنی ہندِس واولہٕ نظامس ۲.
پیٹھ تہٕ مضموٗنا یتھ اندر ایشر کولنہٕ لسٲنی طریقِ کارچ وضاحت کٔرِن۔
ماتٕرا واول چھُ اَکھ دیُت۔ یُس وونی غارٕ ضروٗری باسان چھُ۔

۳. اُتھی دورانس کوٚرُن "کاشمیر شبدامرتم" اضافہٕ سان دوٚن
جلدن منٛز ایڈِٹ۔ (۱۸۹۷ تہٕ ۱۸۹۸ ہس منٛز)۔ اکھ
موٗلی اضافہٕ کوٚرُن زٕ ۹۲۵ ہن کٲشرِن کرینہ موٗلن (یعنہٕ
ریڈکلن) ہُند فِہرِس دِتُن اُندی آوازِ مطابق ترتیب۔
یعنہٕ: کھ، چھ، ز، ہٕ، یہٕ، تہٕ، ہہ وغارٕ۔
دوٚیم کوٚرُن سوٗترن ہُند ترتیب وار فِہرِس تہٕ شٲمِل
تہٕ ترٛیِم زٕ گرامرس اندر مثالوٗ زنٛگیٔ آیہٕ لفظ تہٕ جملہٕ کٔرِن
ترتیب وار پیش۔

۴. ۱۹۰۰ ہس اُندی لیکھ ہیوٗ لوٗگ گریرسن ہندکہِ شمال
مغربی سرحدِ اپارِچن زبانن سام ہینہٕ۔ چنانچہ
۱۸۹۸ ہس منٛز لیوٚکھن سواتچن کینشن زبانن پیٹھ
(۸ اس منٛز)۔ ۱۸۹۹ ہس منٛز لیوٚکھن پستاے لغمانی
تہٕ دیہاتی زبانن پیٹھ۔

۵. تہٕ (ZDMG س منز) دردی زبانن ہُند تصور ہیوٚتنس ووتلنُ۔ چنانچہ ۱۹۰۱ ئیس منز ییلہٕ "A MANUAL OF THE KASHMIRI LANGUAGE" لیکھنہٕ بیوٚٹھ، کأشرِ زبأنی ہندی دردی انہار ژھارنچ کل گنییس۔ مینول لیکھنُک موٗلہٕ مقصد اوٚسس کٔشیر ییٚنہٕ والین وِزٹرن کأشُر ہیچھنس اَتھ دِتھ انُن۔ اما ۱۹۱۱ ئیس منز مینول چھاپ کرناونہٕ دِز بیوس ظون زِ وسطِ ایشیاہس اندر ییم پرأنی دستاویز تمنہٕ دوہن نۍ کڈنہٕ آمتی آسی، تمن منز آمتیو زبانن فِکرِ تاریخ کانہہ کُنز۔ اما میلہٕ پشاچی زبانن اندر یموٚ منز (گریرسنہٕ زٕ وَننہٕ) کأشرِ آژ ادبی زبان چھیہٕ۔

۶. مینول لیکھنہٕ پتے لیوٚکھ گریرسنن ۱۹۱۳ ئیس منز پشاچی، پشاچ تہٕ جدید پشاچی عنوانہٕ ۲۷ ہَن صفحن ہُند مضموٗنا (ZDMG ہس منز)، ییمہٕ کِس بنا ہَس پیٹھ ۱۹۱۵ ئیس منز کأشرِ یُک لِسأنی ورگُت سرکھر کرِتھ دردی بوٗزن تہٕ اُمی غرضہٕ لیوٚکھُن XLIV ہَس منز تہٕ پینژ کِنہٕ ۲۲ صفحن ہُند مضموٗنا۔

۷. ہُپأرِی اوس وِینا اورینٹل کانگریس (۱۸۸۶) کہٕ قرارداد موٗجوٗب ہِندگ لِسأنی سروے چلان تہٕ یپأرِی ہیٚتُر گریرسنن ایشر کول نس موٗلہٕ موادس پیٹھ کأشر ڈِکشنری تیار کرنٕی۔ اَتھ لگی شُراہ وری (۱۹۱۶ پیٹھ ۱۹۳۲ تام)

تہٕ ژوٗن جلدن منز چھپنہٕ پیہ شایع۔

۸۰۔ اُتھی دورانس منز ییوٚکھ گریرسن تژھی تہٕ تورِوالی زبانن پیٹھ تہٕ۔ ییمہٕ تتی دردی زبانن پیٹھ بیٛیہ تہٕ گاش ترٛاوون۔ اما پوٚز تمن تحقیقی مقالن منز دردی رشتن ہندِس امکانس پیٹھ برابر زور دِوان رووٚزِ تھ تہٕ ہیوٚک نہٕ گریرسن کاشرِ زبانٕ ہندی تہی دردی اظہار بدٕ کڈٕتھ ییمہٕ چہٕ بُنیادٕ پیٹھ اُتھ تٕہقہٕ پاکھٕ دردی زبان وُنتھ ہیکہِ۔

۱۰۴ کاشرِ زبانٕ پیٹھ دردی اثر آسُن گیہٕ اکھ کتھ تہٕ کاشرِچ بُنیاد دردی مانٛز گیہٕ بیاکھ کتھا۔ یوسہٕ تہٕ تمہٕ موادٕ تلہٕ سرکھ پیدِ تھ ہیکان چھیہٕ یُس مواد گریرسن مینولس منز تہٕ LSI کِس دردی زبانن ہندِس جلدس اندر پیش کوٚرمُت چھُ۔ چنانچہ اُتھی کتھِ کتھِ کران چھُ سہٕ ۱۹۲۱ پیٹھ ۱۹۳۲ تام ۱۸ ہندین ترٛین شمارن منز چھپیمتین مقالن اندر تہٕ اَمہٕ تھیوری ہنز بُنیاد کھوکھرے تھوان۔ پوٚز گوو زِ گریرسن چھُ پانہٕ تہٕ وِز PROBABLY لفظ ورتاوِتھ اُتھ کتھِ شکٕکِس حلقس اندر باوتھ کران، اَمہٕ حلقہٕ نیبر نہٕ کیہنہٕ منٛن نی توٚہم ہوی بیان:۔

1. It is probable that in Dardic languages distinction between dental and cerebral mutes is not as sharp as in India proper. (P. 63).

2. In Kashmiri and probably in all the Dardic languages, the following pairs of vowels are commonly confused: i, e, ī, ē, u, o, ü, ë (P. 62).

3. All the Dardic languages probably possess a-mātrā, but only in Kashmiri do we find positive information about it. (P. 109).

تہٕ کرِتھ محض لفظن ہندِس آواز ۔ ہشرِس پیٹھ زور دِتھ
جملہٕ گرتن اندر لفظن ہندین رشتہٕ گنڈن ہند ہشر دأی اوُنہٕ
رۆس ہیکیا اَمہِ قسمچ کانہہ ورگہٕ باوُتھ بیٚنہٕ ۔ (CLASSIFI-
-CATION) کرنہٕ یِتھ ؟ خاص کرِتھ کریٚنہٕ لفظن تہٕ ضمیر
لفظن ہندِس گرتہٕ نظامس اندر ۔ کأشرِ زبأنی ہندین
دردی رشتن پیٹھ پزنہٕ پیٹھۍ اصرار چھُ گریرسن نہٕ خود
اعتمأدی ہُند کوس ہیٚو باسان ۔ خأر تو تہٕ یٖنہٕ مانُن ۔

زِ گریرسنن گرامری نظام چھُ کاشُر لسانیاتچ اکھ اہم میلہ کنی
یِمہِ برونہہ پکنہ رُوس اَتھ موضوعس پیٹھ بامقصد قلم
تُلن ووٚنی مُمکنے چھُنہ۔

٢.٤ بیاکھ پھِہ چھُ گریرسنس پیٚومُت یِمہِ نِشہِ
باخبر روزنُک ضرورتھ چھُ، سُہ گوو کاشُر زبانی ہندوٗ
کشیری تہٕ مُسلمان کشیری لیبلہٕ چپان کرِتھ دُشاکھل
وَنُن۔ ڈلوٗ زِ گریرسنن کیا چھیٚہ زانِتھ مانِتھ اَمہٕ ہِنز قسمچ
حرکت کرٕمٕژ، تہٕ نہٕ۔ تسُند کردار اوسس سیٹھاہ تھٔوٗد
تہٕ شوٗد، اما اَتھ کیا کرِو زِ کینہہ تصور چھہ ہنگہ منگہ النہٕ
تہٕ وُلنہٕ یِوان۔ سُہ گوو ہندوستانی زبانی ہند ہندی تہٕ
اُردوٗ دوٚن رنگن منز ظاہر سپُدن۔ یوٚہے رنگہ پھیر
چھُ گریرسنن کاشرس اندر تہٕ بے شونکی پاٹھۍ وُچھنہٕ
لگان تہٕ خبر کیا برابری چھُس یِوان تمو دوٚیو پیرایو
ہِتی یِم PRODIGAL SON کتھ ہند کاشر ترجمہ
تس برونہہ کُن واتی۔ کری تو یِمن تِہُنٕ تہٕ نظرا تہٕ پانٕے
سوٗنچ تو زِ یِمن ہندوٗ کشیری تہٕ مسلمان کشیری لیبل دِنی
کوتاہ مناسب چھُ، کینہہ جُملے نی تو گوڈنکی:

| HINDU DIALECT | MUSLIM DIALECT |
|---|---|
| اَکِس مہنوِس آسی زٕ نیچوی۔ | اَکِس شخصس آسی زٕ نیچوی۔ |

تمو منز دوپ کینژی ہوی ماژس کہ | تمو أندر دوپ لوکٹہ ہوی ماژس
ہے مالہ، میہ دِ دنگ حصہ یُس میہ | اے مالہ مالک حصہ یہ میہ واتہ
واتہ۔ توٗ پیہ تمی تہند خاطر دِنہ باگرودون۔ | تہ دِ میہ تہ تمی دیت تمن مال باگرتھ۔

سونچیو کتھ چھیہ زِ کیا شخص، لوکٹ، مال، مھینو، کوٗنس تہ دِنہ لفظن ہند ورتاو چھنا کاشرِ ہند مشترکہ ورتاو۔ یمن کِنہ اکھ ہے فرقس ستی والستہ کرُن چھا مناسب یا معقول؟ زیادہ کھوتہ زیادہ ہیکو ونتھ زِ یم چھہ ورتاوکی تمی انداز زِ کانہہ اکھ مذہب یا فرقہ ہیکہ نہ یمن پننے یوت ونتھ۔

موختصر زِ گریرسن نہ لسانی سونچک زودار میراث شیر لاگتھ تہ پرز اسہ امہ سونچہ چین کینژن کمزور پہلو ہن نشاندہی کرنی تہ مفروضہ کس کنس پیٹھ کانہہ رنگہ لُر استاد کرنہ بجایہ کاشرِ زبانی ہنزن مولہ موخن نوسر سام ہینی۔ جلد بازِ تحقیق کارن واتہ نہ انی کھلہ کاشرِ زبانی ویدچہ زبانی ہش یا عبرانی زبانی ہش پرانی ونتھ تواریخی عملہ چین حقیقتن نہوہ تہ کلہ دِین بلکہ لگہ ہار مواد س موروضی نظر تراوتھ کاشرِ زبانی ہندس تواریخی ارتقاہس پیٹھ تحقیقک کاشش تراون تہ امہ زبانی ہنز صحیح منگ پرزناوتھ اتھ برونہہ برونہہ پکنہ دنگ پایہ کرُن۔

یونہے گوو گریرسنس ساروے کھوتہ شوبہ دار باج۔

ڈاکٹر ایس، این، کول

# لوغت سازی ہندی اصول تہٕ

# گریرسن سنز کاشر انگریزی ڈکشنری

لِسانیاتُک مدعا معنے تہٕ مقصد نظرِ تَل تھوٗتھ چھ ایک
ماٗدان عام پاٹھی ہیتھ کُنہٕ تقسیم ہیوان کرنہٕ ۔ توضیحی لِسانیات
( DESCRIPTIVE LINGUISTICS ) تواٗریخی لِسانیات
( HISTORICAL LINGUISTICS ) تہٕ تقابلی لِسانیات
( COMPARATIVE LINGUISTICS ) ۔ لِسانیاتس منز چھ یم
دوٚنی پراٗنی ناو بنیمتی ۔ وقت بدلنس ستی ستی چھ اتھ منز
نوٚو ماٗدانو واتھ کوٚرمٕت تہٕ دوکھبو لوٚبمٕت ۔ یمو منز
چھ عملی لِسانیات ( APPLIED LINGUISTICS ) تہٕ

تخالفی لِسانیاتچ ( CONTRASTIVE LINGUISTICS ) ناو
قابلِ ذکر۔ توضیحی لِسانیات، تقابلی لِسانیات تہٕ توٲریخی لِسانیاتس
مُتعلق چھُ یہِ یوان وَننہٕ زِ یمو ستۍ چھُ زبانٕ ہندین الگ الگ
نہجن تہٕ اَمہِ کِین اصولن ہُند مطالعہٕ کرنُک موقعہٕ میلان مگر یہِ
مطالعہٕ چھُ غارعلمی، تہٕ کیازِ اَمہِ ستۍ چھُنہٕ عام لوکَن کانہہ خاص فایدٕ
واتان۔ مگر تخالفی لِسانیات تہٕ عملی لِسانیات چھِہ لِسانی اصولن
ہنز وضاحت کرنس ستۍ ستۍ زبان دانی ہندِس وَرتاوس تہٕ
دوٚیمین کتھن پیٹھ زور دِوان۔ مثالہِ پاٹھۍ وَرتاوک مطلب
گوو لِسانی اصولو ستۍ زبان دانی ہُند سبق سہل، صحیح تہٕ موثر
بناوُن، زبان یا زبان تیتھ پاٹھۍ ہیچھناونی زِ کم کھوتہٕ کم رُکاوٹ
( LANGUAGE INTERFERENCE ) ییٚن بُتھِ۔ عملی لِسانیاتس
منز یم خاص موضوع یوان چھِ تِم گژھن اسلوبیات ( STYLISTICS )
شارٹ ہینڈ تہٕ ٹایپ، لغت سازی وغارٕ۔

انگریزی پاٹھۍ چھُ اکھ لفظ ( LEXICOLOGY ) ییٚمیک
موٗل چھُ LEXICON ۔ اَکھ ڈِکشنری معنے چھُ لفظن ہنز
دولتھ۔ زبانٕ چھِہ ویٚنھۍ پاٹھۍ زٕ پہلوٗ آسان، اکھ گوو اَکھ
لفظن ہُند سرمایہ تہٕ دوٚیم اَکھ گرام۔ زبان وَرتاوس منز
اَنہٕ خاطر چھُ یہِ ضروری زِ اَسہِ گژھن یمَن دۄشوٕنی پہلوٗن پیٹھ اختیار
آسُن۔ ہرگاہ یمو منز اَسہِ اکھ چیز ژھٕ کمی آسہِ تیلہِ چھِیہ سانی

زبان کھوٹھ زٕد گژھان تہٕ کتھ باتھ کرنہٕ وزِ انسانس وٕڈٕ کھر لگان
لغت سازی ہُند تعلق چھُ زبانٕ ہندِس اتھ لفظی سرمایس سٟتۍ۔ وینٛتھ
پاٹھۍ دٔنو زِ ڈکشنری چھیہٕ لفظن ہنز ترتیب وار سوٗمبرن۔ یہنز
وضاحتھ چھیہٕ اتھ منز الگ الگ طریقو کرنہٕ یوان۔ ڈکشنری ہُند
پریچھ کانہہ لفظ گژھِ اکہٕ زبانٕ ہُند اصلی تہٕ صحیح (AUTHENTIC)
لفظ آسُن تہٕ لفظن ہند معنے مطلب گژھِ صاف، صحیح تہٕ ٹھیکھ
(EXACT, ACCURATE AND DEFINITE) آسُن۔ دراصل گُنہٕ لفظُک
معنے مطلب سمجاوُن چھُ بڑٕ مشکل آسان۔ مانٕ تو اَسہِ چھُ لفظ
پتاہ، ایکُ معنے مفہوم تہٕ چھِ زانان، مگر یِیلہِ اَسہِ امہِ لفظچ
دٔکھنۓ پیوان چھیہٕ کرنٕ اَسہِ چھیہٕ زبان زٕن تہٕ کلان۔ اتھ چھُ
ؤجہ۔ لفظن چھُنہٕ صحیح بدل آسان۔ یم بدل آسان تہٕ چھس تمن
چھیہٕ پانہٕ وانٕ کانہہ نتہٕ کانہہ فرق ضرور آسان۔ مثالہِ پاٹھۍ ہرگاہ
کانسہِ پرژھو زِ کتاب کیاہ گیہِ تہٕ سُہ وُنہٕ "کتاب گیہِ سو
یوسہ پرٕنہٕ ییہِ" ہیکنہٕ کتابہِ ہُند صحیح مطلب آستھ۔ اگر اسہِ
کتاب پرٕتھ چھِن ہکان، اسی چھِ اخبار رسالہٕ سایِن بورڈ وغار
تہِ ہکان پرٕتھ۔ تمیک مطلب گوو یم ساری ین کتابہِ ہندِس
زُمرس منز شمار کرنہٕ مگر تہِ چھُنہٕ ممکن۔ وَنُن چھُ یہ زِ لفظُک
معنے مطلب گژھ موٗل لفظچ صحیح صحیح ترجمانی کرُن۔
یوٗہے ؤجہ چھُ زِ ڈکشنری بناونٕچ کام چھیہٕ سیٹھے

مُشکِل تہٕ کھرٕ دار مانہٕ یوان۔ ڈاکٹر ایس۔ جان سَن چھُ وَنان زِ
یہِ چھےٚ سیٹھاہ بےٚ زُر بر محنتچ تہٕ مشقتچ کام۔ اَکھ مشہور لغت ساز
زگُتا چھُ وَنان زِ ڈکشنری ہنز کام چھےٚ لِسانی سرگرمی ہنز سیٹھاہ
مُشکِل کام۔

جے۔ جے بِکے لِجر چھُ وَنان زِ بدترین مُجرِمَن گژھِہ نہٕ موتک
یا سخت جسمانی سزایہِ دِنہٕ، تِمَن گژھِہ ڈکشنری بناونچ کام دِنٕہ،
تِکیازِ اَتھ منز چھِ پرتھ کُنہٕ قسمکی عذاب تہٕ تکلیف شامِل۔

1) (IT IS) "A HARMLESS DRUDGE."

— KATRE, S.M.: LEXICOGRAPHY; PAGE 1.

2) "THERE CAN BE NO DOUBT THAT LEXICOGRAPHY IS A VERY DIFFICULT SPHERE OF LINGUISTIC ACTIVITY."

— ZGUSTA, LADISLAV: MANUAL OF LEXICOGRAPHY. PAGE 15.

3) "..... THE MOST COLOURFUL OF THESE OPINIONS BASED ON A LEXICOGRAPHER'S LONG EXPERIENCE IS THAT OF J.J. SCALIGER (16TH — 17TH. CENT.) WHO SAYS IN FINE LATIN VERSES THAT THE WORST CRIMINALS SHOULD NEITHER BE EXECUTED NOR SENTENCED TO FORCED LABOUR, BUT SHOULD BE CONDEMNED TO COMPILE DICTIONARIES, BECAUSE ALL THE TORTURES ARE INCLUDED IN THIS BOOK."

— ZGUSTA, LADISLAV: MANUAL OF LEXICOGRAPHY, P. 15.

سائنس ہکس منز چھیہ ڈکشنری بناونچ تواریخ کافی پرانی۔
سنسکرت زبانی منز لیکھتھی نگھنٹو' چھ دُنیہچ سارِوے کھوتہٕ پرانی
کوشش لوان تصوُر کرنہٕ۔ اَتھ سِلسِلس منز چھُ اَکھ مہرشی
یاسک سُند کوشن نِرکُت' ڈیسی یاب سُپدمُت۔ یتھ پاٹھی
چھُ 'نِرکت' کوشن ہُند سارِوے کھوتہٕ پردن نوموہٕ۔ پانِنی
سُند گرامر "اشٹا دھیایی" چھُ ڈکشنری ہُند اکھ بہترین نوموہٕ۔
امرسنگُن "امرکوشن" چھُ سنسکرت زبانی ہُند مشہور تہٕ
بہترین لُغت۔ یمِن کوشن ہنز بڑ کمزوری چھیہ یہ زِ یمَن
چھنہٕ اچھر ترتیب۔

لُغت سازی ہندی اصوُل چھِ مکمل پاٹھی صاف تہٕ
صحیح۔ یِہنز وِبرٕ ھنے چھیہ LEXICOLOGY منز لوان کرنہٕ۔
دوٚیمہ طرفہٕ چھیہ ڈکشنری بناوٕنی اکھ ہونر۔ اوصوُلس تہٕ
آرٹس ہیکو اَسی یتھہٕ پاٹھی ہیُٹ کٔڈتھ۔ مانی تو اَکھ چھیہ چاے
بناوٕنی۔ اَمہ خاطر گژھہ اَکھ سٹوٚد، بانہٕ، پونی، چاے، دود
وغارٕ آسُن۔ یہ چاے بنیا خراب کِنہٕ جان اَمیک دارمدار
چھُ چاے بناوَن والی سندِس آرٹس پیٹھ۔

لُغت سازی تہٕ لسانیاتکین الگ الگ ضبطن چھُ
پانہٕ وانی قریبی رِشتہٕ۔ مثالہٕ پاٹھی ہمو فونیمیات (PHONEMICS)
تہٕ لُغت سازی۔ فونیمیاتس منز چھ اَسی زبانی ہندین فونیمن الگ

الگ طرٖیقو کٕنہٕ نظر تراوان۔ فونیم کیاہ گوٚد، اکھ فونیم کیٚتہٕ پاٹھۍ چھُ دوٚیمِس
فونیمَس نِشہِ بیٚون پٔتہٕ بدٕلِن تہٕ تِمن کوتاہ صوتی رِشتہٕ چھُ۔ فونیم تہٕ
ذیلی فونیم ( ALLOPHONE ) کیاہ گوٚو؟ وغارٕ ـــــ فونیمیاتس منٛز
چھِ اَمی پٔتھنٛے موضوعن دَل دِوان۔ فونیم چھُ زبٲنی ہُند بُنیادی
تہٕ ناقابلِ تقسیم جُز۔ فونیمچ بٲرِکی سمجھ وراے چھیہٕ کٕنہِ زبٲنی ہنٛز
ڈِکشنری بناوٕنۍ ناممکن۔ اَمہِ کِنہِ ہنٛز ترجمٲنی چھیہٕ گریرسن سٕنٛز
" کٲشُر انگریٖزۍ ڈِکشنری" جان پٲٹھۍ کران۔ ڈاکٹر صابن چھیہٕ
یہِ ڈِکشنری ژُن جِلدن منٛز تقسیم کٔرمٕژ۔ تِمو چھیہٕ بڑٕ محنت
کٔرِتھ کٲشرِ سورن تہٕ کانسونَنٹن ( CONSONANTS ) ہنٛز
صوتیٲتی زان کرناوٕنچ بڑٕ کوٗشش کٔرمٕژ۔ یہِ چھُ صحیح زِ ڈاکٹر گریرسن
آسۍ کٕنہِ زبٲنی ہنٛز بَدِ کڈنس منٛز ماہر۔ تِمو تہٕ چھِ کٲشرِ زبٲنی
ہندۍ فونیم بَدِ کڈنس منٛز کٲفی محنت کٔرمٕژ تہٕ ییٚنہِ کٕنہِ کٲفی
احتیاط تہٕ گوٚژھمُت۔ یہِ کٲم باعمل اَنٛنہٕ خٲطرٕ چھُ تِمو مُکندرام
شاستری سٕنٛد یُت بہ تیوٗت مَدد طلب کوٚرمُت۔ کٲشرِ
زبٲنی ہندۍ فونیم رومَن رسم الخط منٛز لیکھنس منٛز چھ تِم کٲفی
محتاط رُودٕمٕتۍ تاکہِ کٲشرۍ لفظ گوٚژھن پننس اصلی رٕپس منٛز بروٚنٛہہ کُن
یِن۔ کِتھہٕ ہُند واشِس ہیٚکہِ ڈِکشنری ہندٕ یِمو مثالو سٟتۍ نیرتھ:۔

لفظ

الِشور کول ـــــ ڈِکشنری منٛز چھُ یہ لفظ رومنس منٛز یتھ پٲٹھۍ

لیکھنہٕ آمُت :- I'SVARA KAULA

I (ای) ، S' (ش)

مہامہو پادھیاے MAHĀMŌPĀDYĀYĀ

مُکند رام شاستری۔ MUKUNDRAM S'ASTRĪ

برُزوٗل BURZULᵘ

گوٗنؠ GŌNⁱ

گوٗپھ GOᵘPH

ڈکشنری ہندِس دیباچس منز چھُ ڈاکٹر گریرسن

صحیح لیوٗکھمُت زِ کاشرِس منز چھِنہٕ گھ (GH) جھ (dH)

ڈھ (DH) دھ (DH) بھ (BH) ہِنوی فونیم[1]۔

اَمہِ کتھِ پتہٕ چھُ یہ ثابت سپدان زِ کاشُر انگریزی ڈکشنری

تیار کرنہٕ وقتہٕ اُس گریرسن ہنز فونمی نظر وارہٕ ہیٚں خُدس تام

صحیح۔ مگر اَمہِ گرٛشہِ پٕہ مُشِتھ گرٛشھن زِ کاشُر زبان اُس پتھ ہندِ

خاطرٕ اکھ بیرۄنی زبان تہٕ شاید آسہن نہٕ تمہِ پانہٕ کاشُر

بوٗلتھ ہیکان۔ اَمہِ کنی چھِنہٕ تمہِ کاشرِ دۄاوہ جان پاٹھی بدرِ

ہیکیہِ متی کڈتھ تہٕ تمو چھیہٕ ڈکشنری ہنز اکھ ترتیب تہٕ انگریزی

[1] KASHMIRI HAS NO THESE CONSONANTS gh(घ) dh(झ) ढ(dh) - ध(dh), bh(भ) THE ONLY CONSONANTS WHICH IT POSSESSES THAT ARE STRANGE TO NAGRI SCRIPT ARE THE FRICATIVES च (TSA) - छ (TSHA) . ज (za)
[ڈاکٹر گریرسن ہند ڈکشنری ہندِس دیباچس منز درج]

ڈِکشنری ہندِس طرزس پیٹھ دِژمِژ۔ انفی ( NASAL ) آوازن ہنز فرق تہٕ چھنہٕ رومن رسم الخطس منز یم بِشاہ چھ آمتِ دِنہٕ تمہِ سِتی چھیہٕ پرنس منز بڑ دُشواری گژھان۔

لِسانیاتک بیاکھ اکھ ضبط چھُ مارفالوجی۔ اَتھ منز چھِ اُسی لفظن ہنز بَناوٹھ وُچھان۔ لفظکُ مول کیاہ چھُ، اَتھ کُس پابند رِپ یا پوت لوگ یا بروونہہ لوگ آوتہٕ اَمہِ کِنی اَتھ کمہٕ مارفوفونیمی MORPHOPHENEMIC تبدیلیہٕ سپز سماس، سندھی تہٕ مارفوفونیمی تبدیلی کیاہ فرق چھیہٕ وغارٕ۔ یمہٕ کتھہٕ چھیہٕ مارفالوجی منز وِژھناوُنہٕ یوان۔ یِلہِ رِپ ( MORPH ) ورتاوس منز یوان چھُ اَتھ سِتی پابند رِپ ( BOUND MORPHEME ) لگنہٕ کِنی چھیہٕ اَتھ واریاہ تبدیلی گژھان تہٕ کأنی ذیلی مارفیم ( ALLOMORPH ) بنان۔ ڈِکشنری ساز ہنز کأم چھیہٕ زبأنی ہندی مول رِپ بَدٕ کڈٕنی تہٕ تِمِی یِتی ذیلی رِپ آسن تِم بَد کڈِتھ تِمن ڈِکشنری منز جاے دِنی۔ کأشر زبأنی منز یہ کرُن چھُ سیٹھاہ مُشکل، تہٕ کیازِ مارفوفونیمی تبدیلیوکِنی چھِ اَمکی لفظ رِپ بڑٕ پیچیدٕ گژھان۔ مثالہِ پأٹھی "ابلوونی" "کرناوُن" "گژھوُنی" وغارٕ ہوِین لفظ رِپَن ہنز پرٛکرتھ ( NATURE OF THE WORD ) بَدٕ کڈنس منز چھیہٕ مُشکلہٕ دَرپیش یوان۔ یہ چھیہٕ بڑ فرخ کتھ زِ گریرسن چھیہٕ یہ کأم حتی الامکان، بڑ ایمانداری تہٕ محنتہٕ سان انجام دِژمِژ۔ مارفیم بَدٕ کڈِتھ

چھُ تمو اَتھ تحت اَمہٕ کہِن الگ الگ رٕرَن ہُند اندراج (ENTRY) کوٚرمُت۔ ڈِکشنری ہنز اکھ مِثال چھِیہٕ یِتھ پاٹھۍ:۔

APUR OR A BUR – (8)

CLOUDS OVERCASTING THE SKY. – गमयर

– गाशा – GATA ( گٹہ ) – MOND (موٚنڈ)

– द्य (8) – जाल – तल्ल

لِسانیاتُک بیاکھ اکھ ضبط چھُ – SYNTAX

ویسے چھِ ڈِکشنری منز عام پاٹھۍ لفظنے جاے ہِوان دِنہٕ مگر بعضے چھُ یہِ سپدان زِ لفظکُ معنے مطلب یا مفہوم چھُنہٕ لفظوٚ سِتۍ سمجاوُن مُمکِن آسان۔ یِمَن حالاتَن منز چھُ جُملَس یا جُملَن ہِنٛز تکیہِ پھِوان کرُن۔ مِثالہٕ پاٹھۍ رٕموٗن اکھ لفظ "میلُن"۔ یِلہِ یہِ اَسی دلوہارس منز اَنان چھِن اَتھ چھِ الگ الگ (SEMANTIC SHADES) نظر گژھان۔ یِہ ژھاپہِ زانِنہٕ خاطرٕ چھُ ضرورۍ زِ اَسی کَڈو کیتھہ ہنز ہُچھ یِموٗ مِثالو سِتۍ:۔

(۱) میٛہ میوٗل دوست دَتہٕ بیٖژھ۔ (یہِ گوو اتفاقہٕ سان میلُن)

(۲) بہٕ گوس دوستَس میلِنہٕ۔ (یہِ گوو پروگرام بناوِتھ میلُن)

(۳) میٛہ میلہِ اَز انعامہٕ (میلنُک مطلب چھُ حاصِل کرُن)

(۴) میٛہ میوٗل انعامہٕ (میلنُک مطلب چھُ حاصِل کرُن)

یِتھے پاٹھۍ ہیکون اَسی اِدبر ہیٚنۍ لفظ وُچھتھ:۔

۱۔ اسمان چھُ اَذبرٕ ستۍ ڈُلِتھ۔ (اَذبرٕ)

۲۔ اسمانکُ اَذبرٕ چھُنہٕ صاف۔ (موسم)

۳۔ یِمہٕ چھُ اَذبرٕ، پتہٕ پیَن ددلہٕ۔ (محاورٕ)

یہٕ کتھ وَننۍ چھیہٕ ضرُوری زِ ڈاکٹر گریرسن چھنہٕ یِم (SEMANTIC SHADES) جُملوٕ ستۍ دِرشھناوِمژ۔ گمر دۄیمہٕ طرفہٕ چھُ یہٕ تہٕ پوٚز زِ تمو چھیہٕ یِمہٕ خاطرٕ پرٕتھ ممکن کوٗشش کرمژ زِ لفظکُ معنی گوٚژھ صاف، صحیح تہٕ ولیوٚد آسُن۔

ڈِکشنری سازن ہنز کام چھیہٕ دراصل معنے مطلب سجاوُن آسان۔ لفظکُ معنے چھُ وقت بدلنس ستۍ ستۍ واش کڈان یا گٲٹان تہٕ۔ خوجہٕ صاب، حاکم دولت خانہٕ، غریب خانہٕ، گاوموج لیڈرٕ ژھٹھ تہٕ بیتھی واریاہ لفظ چھِ یِم بُنیادی معنےٚ یَس ستۍ ستۍ وارِیہن معنے ین کُن اِشارٕ کران چھِ۔ یِتھے پٲٹھۍ چھِ "کنڈکٹر" (CONDUCTOR) "گرُدوارٕ" ہوۍ لفظ الگ معنے مطلب دِوان۔

ڈِکشنری سازس گژھِ ستۍ ستۍ پابند رٕوُن ہنز خاص پہچان تہٕ پٲری زان آسنۍ یِمکہ مدتہٕ ستۍ چھُ سُہ لفظن ہُند مطلب وَنس تہٕ یہنز ورگہٕ باگنۍ کرنس منز کامیاب سپدان۔ یہٕ چھُ صحیح زِ گریرسن ہندِ خاطرٕ آس کٲشر زبان اکھ NON- NATIVE زبان تمہِ کِنۍ آس نہٕ تمن اَمہِ زبانۍ ہنز خاص تمدُنی واقفیت مگر یہٕ کمۍ کرٕ تمو پنڈت اِیشور کولنہٕ تہٕ مکند رام شاستری ہندِ مدتہٕ

پتہٕ پیور۔

موخصر پاٹھۍ دٕنوٚ زِ لُغت سازی چھےٚ سیٹھاہ مُشکل تہٕ ذمہٕ واری
ہنز کام۔ یہ کام کرنہٕ خاطرٕ گژھہِ لُغت سازس زبانٕ پیٹھ کافی عبور
آسُن تہٕ تمیٚ ہنز لسانیاتی نظر گژھہِ بڑٕ شٕنز آسنہٕ۔ یتھ کتھِ منز چھنہٕ
کانہہ شکھ زِ ڈاکٹر گریرسن آسی لسانیاتکۍ اکھ بٔڈۍ ماہر۔ تِہنز کاشر
انگریزی ڈِکشنری چھےٚ اَمہِ کتھ ہُند ٹاکارٕ ثبوتھ۔ یہ ڈِکشنری چھےٚ
اکہِ حسابہٕ ترٕن زبانَن پیٹھ کھڑا، تہٕ کیازِ اَتھ منز چھہِ کاشرِن لفظن
ہندۍ بدل انگریزی علاوٕ سنسکرتس منز تہٕ دِنہٕ آمتۍ۔ لفظن پتہٕ
جِنسُک اِشارٕ کرنہٕ دِنہٕ کنہِ چھےٚ اَمہِ ڈِکشنری ہنز اہمیت تہٕ
افادیت زیادٕ ہیٚن، تہٕ کیازِ کاشرِ سمجھنس منز چھُ لفظن ہند
جِنس اکھ خاص ٹھوٚز پادٕ کران۔ یِنہو کمزوریو باوجود چھےٚ یہ
ڈِکشنری کاشرِس لسانیاتس منز اکہِ میلہٕ کنہِ ہنز اہمیت تھوان۔
مگر یہ کرُن چھُ تہٕ اَزِکیو لسانی تقاضو مُطابق چھُ یہ ضروری باسان
زِ کاشرِس منز گژھہِ نوٚسرٕ ڈِکشنری تیار یِنہٕ کرنہٕ۔

---

یتھ مقالس منز یِم ٹکنیکی لفظ ورتاوس منز
چھِ اَنہٕ آمتۍ تِہند فہرست چھُ یتھ پاٹھۍ:-

| انگریزی لفظ | کاشُر بدل |
| --- | --- |
| **A** | |
| 1. ALLOPHONE | ذیلی فونیم |
| 2. APPLIED LINGUISTICS | عملی لِسانیات |
| **B** | |
| 3. BOUND MORPHEME | پابند رِپ |
| **C** | |
| 4. COMPARATIVE LINGUISTICS | تقابلی لِسانیات |
| 5. CONSONANT | کانسوننٹ |
| 6. CONTRASTIVE LINGUISTICS | تخالفی لِسانیات |
| **D** | |
| 7. DESCRIPTIVE LINGUISTICS | توضیحی لِسانیات |
| **E** | |
| 8. ENTRY | اندراج |
| **H** | |
| 9. HISTORICAL LINGUISTICS | تواریخی لِسانیات |
| **L** | |
| 10. LANGUAGE INTERFERENCE | زبانٕ ہند دخل |
| 11. LANGUAGE TEACHING | زبان دأنی |
| 12. LEXICOGRAPHY | لُغت سازی |

M

13, MORPH — لفظ رٕپ

14, MORPHEME — مؤل رٕپ

15, MORPHOPHONEMIC — مارفو فونیمی

N

16, NASAL — انفی

17, NATURE OF THE WORD — لفظ پٔزکرتھ

P

18, PHONEME — فونیم

19, PHONEMICS — فونیمیات

20, PHONETICS — صوتیات

S

21, SYNONYM. — بدل

کتابَن ہُند حوالہ


1, GRIERSON, G.A. (Dr.) : KASHMIRI - ENGLISH DICTIONARY (VOL. I. II, III AND IV)

2, KATRE, S.M (DR.) : LEXICOGRAPHY; ANNAMALAI UNIVERSITY, MADRAS (1965)

3, KAUL, S.N. (DR.) : KASHMIRI TATHA HINDI KE

SONIMOON KA VYATIREKI VISHLESHAIN

(SEE VITASTA HE VATAYAN

PAGES 68 TO 80

PREM PRINTING PRESS, AGRA (1981)

4, TIWARI, B.N. (DR.) : SHABDOON KA ADYAYAN;

SHABDAKAR DELHI ((1969)

5, ZGUSTA, LADISLAU. MANUAL OF

LEXICOGRAPHY. MOURTON

THE HAGUE : PARIS.

ڈاکٹر اومکار ناتھ کول

# کأشرِ زبأنِ ہندِس بُنیادی مُصوتن ہنٛز نشاندہی

## تہٕ

# گریرسن

لسانیأتی اعتبارٕ چھُ کأشرِ زبأنی پیٹھ تحقیقی کامہٕ یوٗرپی سکالرو دس تُلمُت تہٕ گوڈٕ گوڈٕ پھانچلومُت۔ غأرٕ مُلکی عالمو منٛز چھیہٕ گریرسنن کأشرِ زبأنی پیٹھ واریاہ اہم کأم کرٕمٕژ۔ یمو کوٚر ایشر کولہٕ سُند سنسکرت زبأنی منٛز لیوٗکھمُت "کشمیر شبدامرت" (۱۸۸۹ء) ایڈِٹ تہٕ چھوپُک ۱۸۹۸ ؁ ہس منٛز۔ یمو لیکھی کأشر گرامرکین وارِیہَن پہلوٗوَن پیٹھ مضموٗن یم زَن زیادٕ تر ایشر کولہٕ سنٛز کامہٕ پیٹھ مبنی آسی۔ یمو لیوٗکھ دوٚن جلدن منٛز "STANDARD MANUAL OF THE KASHMIRI LANGUAGE" یمیُک گوڈنیُک حصہ ۱۹۱۱ء تہٕ دوٚیُم ۱۹۲۳ء منٛز چھاپ سپُد۔

یمۍ چھِ لِنگوِسٹِک سروے آف اِنڈیا (LINGUISTIC SURVEY OF INDIA) جلد آٹھِس دوٚیِمِس حِصس منز کاشُر زبانۍ مُتعلق تفصیل سان ییٚوکھمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھیہٕ یمۍ کاشرِ زبانۍ ہنز ڈِکشنری "A DICTIONARY OF THE KASHMIRI LANGUAGE" (۱۹۳۲ - ۱۹۱۶) ژٕون جلدن منز چھاپمٕژ (یہِ ڈِکشنری چھیہٕ ۱۹۸۵ء منز دُبارٕ چھاپ سپزمٕژ)۔ یتھٕ کٕنۍ چھیہٕ کاشرِ زبانۍ مُتعلق گریرسنٕنۍ کام سیٹھاہ اہم یوسہٕ زانہہ مشراونہٕ ییہِ۔

گریرسنَن چھ کاشرِ زبانۍ ہندۍ مختلف لِسانیاتی پہلوٗ وِرژھناوۍ متۍ۔ یتھ منز زبانۍ ہُند صوتیات، صرف، نحو، لفظیات تہٕ معنیات شامِل چھِ۔

صوتیاتس منز چھِ مُصوتَن (VOWELS) تہٕ مُصمتَن (CONSONANTS) ہنز نشاندہی تہٕ تہندِ ورتاوُک گرٕ ت لوان وِرژھناونہٕ۔ یتھ مقالس منز کرو اَسۍ گریرسن سٕندِ ذٕریعہٕ کاشرِ زبانۍ ہندِن بُنیادی مُصوتَن ہنز نشاندہی ہُند مُطالعہٕ۔

مُصوتَن ہنز نشاندہی کران چھیہٕ گریرسنَن ییمہِ کتھِ ہنز ژینہٕ وُن دِژمٕژ زِ کاشرِ زبانۍ ہندِن مُصوتَن ہُند نظام چھُنہٕ سہل بلکہ چھُ کھوٗردار (COMPLICATED) یہِ سمجھنہٕ خاطرٕ چھُ واریاہَن رٔدلَن ہُند زانُن لازِم۔ لِسانیاتی اعتبارٕ

چھنہٕ کُنہٕ تہٕ زبانٕ ہُند کانہہ تہٕ پہلوٗ یا نظام کھۄژِ دار یا مُشکل

آسان ۔ یہِ کتھ چھےٚ ضروٗر زِ کأشِر زبانٕ ہُند صوتیاتی نظام یتھ

منٛز مُصوتن تہٕ مُصمتن ہنٛز نشاندہی تہٕ شأمِل چھےٚ، چھُ باقے

قریبی ہند آریأیی زبانو نِشہٕ بیون ۔ اَمہِ موکھہ پیوو گریرسنن

مُصموتن ہندِ نظامہٕ خأطرٕ 'COMPLICATED' لفظ ورتاوُن ۔

گریرسنن چھےٚ دوٚیہِ قسمکی مُصوتہٕ مأنی متۍ۔ "عام مُصوتہٕ

یِم زَن باقے زبانن منٛز تہٕ چھِ آسان تہٕ "ماتزا مُصوتہٕ" یِم صرف

تِمو کأشِر زبانٕ ہنٛز خاصیت زأنی ۔ أسی کرو یِمن مُصوتن ہنٛز

نشاندہی ہند ذِکر الگ الگ ۔

## مُصوتہٕ :-

گریرسنن چھِ کأشِر زبانٕ ہندی ۱۸ مُصوتہٕ مأنی متۍ

تہٕ یِمو علاوہ زِ ڈِھچھانگ تہٕ ۔ یِم مُصوتہٕ کرو کھ أسی أکِس

چارٹس منٛز پیش ۔ یِہندِ خأطرٕ ین گریرسنن ہندِ ذریعہٕ استعمال

کرِ متۍ رومن اچھر ورتاوٕنہٕ ۔ مِثالن منٛز چھُ کأشِر رسم خطک

استعمال کرُن ضروٗری ۔ کأشِر زبانٕ خأطرٕ ازکل عام استعمال

سپدن دألی رومن اُچھر چھِ بریکٹس منٛز آمتۍ دِنہٕ ۔ گریرسنن

چھِ یِمن مُصوتن ہنٛز نشاندہی کرمٕژ:




تِمو چھِ زٕ ڈِپھتانگ ٲژمِتۍ: ai تہٕ au ۔
عام طور چھِ کٲشرِ زبانۍ ہِندۍ مُصوتہٕ یِتھٕ کٕنۍ لیکھنہٕ یوان




ĕ، ô تہٕ ŏ خٲطرٕ کَرو ٲسۍ فی الحال الگ رومَن اچھرٕن ہُند استعمال۔
گریَرسنن چھیہٕ یِمَن مُصوتَن ہِنزٕ مثالہٕ یِتھٕ کٕنۍ دِژمٕژ:

| | | | |
|---|---|---|---|
| (i in niši) | نِشہٕ | nišĕ | /i/ |
| (i: in ši:n) | شِین | shīn | /ī/ |
| (e in beni) | بیٚنہٕ | bĕnĕ | (ĕ) |
| (e: in tse:r) | ژیر | tsēr | /ē/ |
| (ɨ in kɨr) | کٕر | kür | /ü/ |
| (ɨ: in sɨ:tin) | سٟتِن | sütin | /ǖ/ |
| (ə in ədrun) | اَدرُن | ạdarun | /ạ/ |
| (ə: in mə:j) | مٲج | möj | /ö/ |
| (a in gari) | گَرٕ | gara | /a/ |
| (a: in ka:th) | کاٹھ | kāṭh | /ā/ |
| (u in kus) | کُس | kus | /u/ |
| (ū in tsūr) | ژوٗر | tsūr | (ū/ |
| (o in kor) | کوٚر | kor | /o/ |
| (o: in tso:r) | ژور | tsōr | /ō/ |
| (ɔ in dɔd) | دۆد | dŏd | /ŏ/ |
| (o: in mo:l) | مول | mȏl | /ȏ/ |

گریرسن چھِ یِہ مصوتہٕ /ٟ/ تہٕ /ٲ/ دِتھ مِتہٕ تہٕ
وَنان چھِ زِ یم چھِ ماترا مصوتہٕ کٕس اَتھٕ س تَل /ٚ/ تہٕ /ۆ/

مُصوتَن ہندی بدلوٕنۍ رٗوپ۔ اَمہِ موکہ ہیکہٕ ہٲن تِم یِمَن الوفون
مانِتھ۔ گریرِسَن چھُنہٕ یِہُنز مثالہٕ صاف پأٹھۍ دِژمٕژ۔
ڈِپھتھانگ چھہِ زٕ مانہٕ آمتۍ : ai تہٕ ai - au
ڈِپھتھانگچہِ مِثال چھیہٕ tsurau (ژور tsu:rav)
تہٕ gau (گو gau) دِنہٕ آمژ۔ یِم زٕ ڈِپھتھانگ
مانٕنۍ چھِنہٕ ضرٗوری، تکیازِ ڈِپھتھانگن ہِنٛز چھَنہٕ مثالہٕ واتھ کھوان
/ai/ اچہِ جایہٕ چھُ /ay/ تہٕ /au/ اچہِ جایہٕ /av/ یوان۔
گریرِسنٕنہٕ مُصوتَن ہنٛزِ نِشاندہی متعلق چھیہٕ یِمہٕ موچہِ
موچہِ کتھہِ نظرِ تل تھاونہٕ ضرٗوری :-
گریرِسَن چھیہٕ نِشاندہی منز مُصوتَن ہُند ژھوچرٕ،
زیچھرٕ اکھ اہم بُنیاد قرار دِژمٕژ۔ تمَو چھُ مُصوتَن ہند زیچھر
پانٛژن رومن اچھرن پیٹھ اکھ 'بار' یا رکھ دِتھ ہووُمُت (یعنے:
ī، ē، ū، ā تہٕ ō) مگر دون زیٹھِین مُصوتن (ō تہٕ ô)
ہندِ خاطرٕ چھِکھ الگ نِشان تھاوِی مٕتۍ۔ آ (/ā/) مُصوتُچ
ذِکرٕ تہٕ چھُ سہٕ الگ کران تہٕ تِمٕ چھُنہٕ اُ (/ə/) تہٕ
آ (/ā/) مُصوتن ہُند پانہٕ وأنۍ رِشتہٕ بیان کورمُت۔ اَمہِ
تَل چھُ نَنان زِ سُہ چھُنہٕ یِمَن دون مُصوتَن منز صرف ژھوچرِچ
زیچھرِچ فرق مانان۔ مگر تہنٛزن مِثالَن منز چھیہٕ صرف
یِہے فرق لبنہٕ یوان۔ ییتھ کُنۍ چھیہٕ یہِ فرق اُ (/ə/) تہٕ

اؔ (ا : ٥ا) اَچھر وسٕتۍ ہاوُن ضرورۍ۔

دوٚیم زیوٚٹھ مُصوتہٕ چھُ ا٥ٚا۔ اَمہِ مُصوتُک چھُنہٕ کانٛہہ الگ ژھوٚٹ مُصوتہٕ دِنہٕ آمُت۔ یہِ مُصوتہٕ چھُ او ا٥ا مُصوتہٕ ہِنٛز بیوٚن، یُس زٕ صرف لفظن ہِندِس شروٗعس یا لفظن منٛزس ورتاونہٕ چھُ یِوان۔ یِمہِ مُصوتچ نشاندہی چھےٚ اہم۔ کیٛنہہ سکالر چھِ اَتھ مُصوتس ڈیٛھتانگ ا٥ : ٥ا مانان تہٕ کیٛنہہ پٔتِم اگولکار مُصوتہٕ (BACK UNROUNDED VOWEL) (کول تہٕ شمِت ۱۹۸۴)۔ اَمہِ مُصوتُک ژھوٚٹ روٗپ تہٕ چھُ کینٛژن شالَن منٛز وَنہِ کڈُن مُمکن۔ یِم لفظ جورِ وُچھو:

بٕoو گوٚٹ (مُذکر) بٕbo گوٚٹ (موٗنث)

بٕo موٚٹ mot (مُذکر) بٕbo موٚٹ mot (موٗنث)

بٕo ژھوٚٹ tshot (مُذکر) بٕbo ژھوٚٹ tshot (موٗنث)

پیٚھکٕنۍ چھِ کاشرِس منٛز پٔتِم تھدۍ اگولکار

/ا٤:ا/ تہٕ /٤/ زٕ مُصوتہٕ (High back unrounded) مانٛنہٕ تہٕ ضرورۍ۔ یِہنٛز نشاندہی چھےٚ گریرسنن کرمٕژ۔ یِہنٛد وجوٗد ییٚہِ یِمَن لفظہٕ جورَن منٛز وُچھنہٕ:

گُر /٤/ gur (مُذکر) گرٕ /٤:/ gbu (موٗنث)

شُر šur (مُذکر) شُرٕ šbur (موٗنث)

/u:/ /ɨ:/

گۄر (مُذکر) gu:r گۄر gɨ:r (موئنث)

ژۄر (مُذکر) tsu:r ژۄر tsɨ:r (موئنث)

/ɨ/ تہٕ /ɨ:/ مُصوتہٕ ہیکن /u/ تہٕ /u:/ مُصوتن ہندی الوفون ہِ مانہٕ یِتھ، تیکیازِ یمَن چھُ لفظکِس تانیٖثس (GENDER) سِتیٖ واٹھ۔ پیٹھکنہِ چَن شالَن منز چھِ مُذکر لفظن منز /u/ تہٕ /u:/ یوان تہٕ موئنث لفظن منز /ɨ/ تہٕ /ɨ:/۔ کینژَد سکالرو چھِ /ɨ/ تہٕ /ɨ:/ ڈِھیتھانگ /u+/ تہٕ /u:+/ تہٕ قرار دِتی متیٖ۔ کاشرِس صوتیاتس منز چھےٚ یہنز نشاندہی کرنی تہٕ ضرورؠ۔

گریرسن نِ مُصوتَن ہنز نشاندہی منز چھِ اکھ بیاکھ اہم کتھ زیرِ بحث انیٖ لایق۔ تہندِ وَنِنہٕ مۄجوٗب چھِنہٕ واریاہ کاشرؠ او /e/ تہٕ اوٗ /e:/ مُصوتَن منز لیکھنس تہٕ بولنس منز فرق کران۔ یوٚت نام لیکھنَک تعلق چھُ کینہہ کاشری ہیکن یہِ غلطی اَز تہٕ کرِتھ یمَن رسم خطس پوٗرٕ واقفیت آسنہٕ۔ مگر بولنس منز چھِ ساری کاشرؠ یمَن دۄن مُصمتَن الگ الگ پاٹھۍ بولان۔ گریرسن چھِنہٕ کانہہ مثال دِژمٕژ۔

یِتھےٚ کنۍ چھُ گریرسن وَنان زِ واریاہ کاشرؠ چھِنہٕ ہیکان اےٚ /ɛ/ تہٕ اِ /i/ مُصوتَن منز لیکھنس تہٕ بولنس منز فرق

کرِتھ۔ یِتھ کتھِ ستیٖ اتفاق کرُن تہٕ چھُنہٕ ممکن۔ اگر لیکھنس منز غلطی ہیکہِ سپدِتھ مگر بولنس منز یمَن دون مُصوتن گژھِ زانُن چھُنہٕ یقینس لایق۔ یہ چھُ ممکن زِ کینژَن لفظن منز آسِنہٕ یہ فرق بولہِ پھرکہِ وجہ کِنہ۔ گریرسنن چھِنہٕ کانہہ تہٕ مثال صاف پاٹھی دِژمِژ۔

گریرسنن چھُ مُصوتن ہنز نشاندہی کران لفظن منز مختلف جایَن پیٹھ تہٕ یہندِس ورتاوس پیٹھ تہٕ لیوکھمُت۔ یمو چھُ صاف پاٹھی وونمُت زِ برونہم مُصوتہٕ /ا/ /ا/ تہٕ /اے/ /e/ ستیٖ چھِنہٕ کاشرِ لفظ شروٗع سپدان۔ یتھین لفظن ہندِس شروٗعس منز چھِ /ی/ یوان جوڑنہٕ۔ لفظکِس شروٗعس منز چھِ /ا/ /ا/ تہٕ /اے/ /e/ بجاے /ا/ /ا/ تہٕ /e/ /ی/ یوان۔

یتھےکنٕی چھِنہٕ کاشرِ لفظ /اُ/ /ۄ/ تہٕ /و/ /د/ مُصوتو ستیٖ شروٗع گژھان۔ لفظکِس شروٗعس منز چھُ یمَن مُصوتن برونہہ /و/ /ۄ/ یوان جوڑنہٕ۔ یتھکنٕی چھِ لفظکِس شروٗعس منز /ۄ/ تہٕ /د/ بجاے /ۄ/ تہٕ /د/ /ۄ/ یوان۔

## ماترا مُصوتہٕ

گریرسن چھُ شیٚنہ ماترا مُصوتہٕ مانان۔ یم ماترا مُصوتہٕ چھِ: ہ، اُ، ہ، ۄ، ۄ تہٕ ۄ۔ تِہندِ وننہٕ مطابق چھِ یم ماترا مُصوتہٕ سیٹھاہ ژھوٚٹ تہٕ یم چھِ لفظکین خاص خاص گرٛتین منز مخصوص جایَن پیٹھ ورتاونہٕ یوان۔ ماترا مُصوتن ہنز نشاندہی

چھُ اکھ اہم مسلہٕ۔ گریرسن ہنز کامہٕ پتہٕ چھُ باقے یوٗرپی عالمو تہٕ
یمن ماترا مُصوتن ہُند ذِکر کوٗرمُت۔ یمن منز چھیٚ (GRAHM
"THE PRONUNCIATION OF THE KASHMIRI ہنز BAILEY)
LANGUAGE" کام اہم۔ یمو تہٕ چھُ ماترا مُصوتن ہُند وجوٗد موٚنمُت۔

اما پوٚز یٮ۪لہٕ اَسی گریرسن ہند ذٔریعہٕ دِتمٕژ مثالہٕ وُچھان چھہٕ ماترا مُصوتن ہُند اکھ الگ وجوٗد چھُ مشکوٗک باسان۔ یتھ کرو اَسی یمن مثالن ہُند ذِکر۔

(۱) ماترا مُصوت $^{a}$. یہٕ ماترا مُصوت چھُ سہٕ یمن مثالن منز ہاوان: gara گرٕ تہٕ $Ts^{a}h$ ژٕہ۔
یمن مثالن منز چھُ گریرسن ا / ( ) مُصوتہٕ خاطر ماترا مُصوتہٕ ہاوان۔ یتھ کنہ چھُنہٕ $^{a}$ ماترا مُصوتُک کانہہ الگ وجوٗد۔

(۲) ماترا مُصوت $^{i}$. اَمچہٕ مثالہٕ چھُ گریرسن $as^{i}$ (اَسی $əs^{i}$) $gur^{i}$ گرٕی وغارٕ دِوان۔ پریتھ کنہٕ مثالہٕ منز چھیٚ اصلی یہٕ مُصمتہٕ PALATALIZATION یتھ زٕن گریرسن $^{i}$ ماترا مُصوت چھُ مانان۔

(۳) ماترا مُصوت $^{u}$. گریرسن چھُ وَنان زِ یہٕ مُصوتہٕ چھُ سیٹھاہ کم اِستعمال گژھان۔ تہنز مثال $k^{ou}$ کوٚت 'HE WAS WET' چھیٚ مشکوٗک۔ باقے مثالن منز ہیٚیہ رتمن جایَن اوٗ /ا/ مُصوت وَرتاونہٕ۔

(۴) ماترا مُصوت ٗٗ ۔ گریرسن چھُ وَنان زِ یہِ چھُ لفظٕکس یا SYLLABLE کِس آخرس منز لیوان ۔ مثال چھُ سُہ دِوان KOR" کور ۔ SYLLABLE کِس آخرس منز چھُ سُہ اَکھ مثال KOR"THAK (کورٕتھک) دِوان ۔ یِمن مثالن منز چھِنہٕ اَمہِ ماترا مصوتُک وجوُد مانُن یقینس لایق ۔

(۵) ماترا مُصوت ٗٗٗ ۔ گریرسن چھُ مانان زِ یہِ ماترا مُصوت چھُ سیلبلس منزس یا آخرس پیٹھ لیوان ۔ مثالہٕ چھُ سُہ دِوان KÜRۢ ٹہ KÜR" THAKH (کرٕٹھکھ) (KƏrthakh (کرٕن Kərin) ۔ گوڈنچہِ مثالہٕ منز چھِنہٕ اَمِیُک کانہہ وجوُد تہٕ دوٚیمہِ مثالہٕ منز چھُ یہِ اصلی اُ مُصوتہٕ ۔

(۶) ماترا مُصوت ẽ :۔ گریرسن چھُ یِیمہِ ماترا مُصوتچ مثال دِوان banʹŕawun (بٔنزراوُن Banra:vun- یتھ مثالہٕ منز چھِیہٕ /n/ مصمتچ PALATALIZATION موجوُد، یتھ زن سُہ ماترا مُصوتہٕ چھُ مانان ۔

ژھوٚنڈِ پاٹھۍ ہیکَو اَسۍ یتھ نتیجس پیٹھ واتِتھ زِ کاشُر زبٲنۍ منز ماترا مُصوتن ہُند وجوُد مانُن چھُنہٕ ضروٗری ۔ زبٲنۍ ہِندۍ باقے صوتیٲتی مسلہٕ تہٕ یِن یِمن ماترا مُصوتن ہُند وجوُد نہٕ مانِنہٕ وراۓ تہٕ اَنزراونہٕ ۔ یِمن ہُند ذِکر کران گریرسن ماترا مُصوتن ہُند حوالہٕ تہٕ چھُ دِوان ۔ یِمن مسلن منز چھُ الگ الگ

لفظہ گرتھن منز مُصوتن ہُند بدلُن تہِ شاَمِل ۔ مثلَن VOWEL HARMONY ہندی رۄل ۔ کاشرِس صوتیاتی نظامَس منز چھُ مُصوتن علاوٕ مُصمتن ہندِ بدلنکی تہِ رۄل شاَمِل ۔

کینژَو خاَمیو باوجوٗد تہِ چھُ گرئرین ہنز مُصوتَن ہنز نشاندہی سیٹھاہ اہم ۔ یہِ نشاندہی چھےٚ وارِہس کالس آمٕژ برٕکھاونہٕ ۔ باقے یوٗرپی سکالرو تہِ چھےٚ مُصوتَن ہنز یہے نِشاندہی ماَنِمٕژ ۔

REFERENCES

Grierson, G. A. 1911 standard manual of the Kashmiri Language. London. Reptd. Rohtak Light and life publishers, 1972.

-- 1919. Linguistic survey of India vol VIII, part 2. Reptd. Delhi Motiram Banarsidas 1969.

— 1916 - 1932. A dictionary of the Kashmiri language Reptd. Delhi : D. K. publishers, 1985.
Kachru, Braj B. 1969. A reference grammar of Kashmiri. University of Illionois, Urbona.

— 1973. An introduction to spoken Kashmiri. University of Illinois, Urbana.
Koul, Omkar N. 1977. Linguistic studies in Kashmiri. New Delhi : Babri Publications.

— 1985. An intensive course in Kashmiri. Mysore : CIIL.

— and Peter Hook (Eds:) 1984. Aspects of Kashmiri Linguistics. New Delhi · Babri Publications.

— and Ruth Laila Schmidt 1984. Dardistan Revisited : An examination of the relationship between Kashmiri and Shina' In Koul and Hook (Eds.) 1984.

ڈاکٹر نذیر احمد دار
(پی ایچ ڈی لِسانیات)

# گریرسن تہٕ کاشُر بولہِ

سرجارج ابراہم گریرسَن چھیہٕ کاشُر زبان مختلف لِسانیاتی خطوطن پیٹھ دِرٛشناوِتھ تہٕ اتھ منز چھیہٕ کاشرِ بولِین ہنٛز سام ڈُسلاوِتھ حیثیت تھوان۔ گریرسن (۱۹۱۹) چھُ دِیتھ پاٹھۍ کاشرِ بولِین دۄن حِصن منز باگراوان۔ مثلن:-

(۱) وادی منز کاشرِ زبانۍ ہنٛز علاقائی بولہِ (REGIONAL DIALECTS) یتھ منز کشتواڑی، پوگلی، رامبنی تہٕ سراجی شامل چھ

(۲) وادی منز کاشرِ زبانۍ ہنٛز معاشرتی بولہِ (SOCIAL DIALECTS) یتھ منز مسلمان کاشُر تہٕ ہِنٛدٕ کاشُر چھُ۔ معاشرتی سطحس پیٹھ چھُ گریرسن کاشرِ زبانۍ شہری (URBAN) تہٕ دیہی (RURAL) بولِین منز تہٕ باگراوان۔

وادی منز کاشرِ بولن ہنز شاخت کران چھُ گریرسن یِم الفاظ بیان کران۔

"KASHMIRI HAS ONE TRUE DIALECT — KASHTIWARI, SPOKEN IN THE VALLEY OF KASHTIWAR (COMMONLY KNOWN AS KASHTIWAR) LYING TO THE SOUTH EAST OF THE VALLEY OF KASHMIR. KASHMIRI HAS ALSO OVERFLOWED THE PIR PANCHAL RANGE INTO THE JAMMU PROVINCE OF THE STATE, AND IN THE VALLEY BETWEEN THE SOUTHERN HILLS OF THE RANGE, BETWEEN THE WATER SHED AND THE VALLEY OF CHINAB, THERE ARE A NUMBER OF MIXED DIALECTS, SUCH AS POGULI, SIRAJI OF DODA AND RAMBANI. THE FIRST TWO OF THESE REPRESENTS KASHMIRI MERGING INTO DOGRI. FARTHER EAST, OVER THE GREATEST PART OF RAISI DISTRICT OF THE STATE, THERE ARE MORE OF THESE MIXED DIALECTS ABOUT WHICH NOTHING CERTAIN IS KNOWN, EXCEPT THAT THE MIXTURE IS BETWEEN KASHMIRI AND THE CHIBHALI FORM

OF LAHANDA" (GRIERSON 1919: 233)

یہ حقیقت چھیٔ پرکھاونہ آمژ زِ مذہب، ثقافت تہٕ زبان چھیٕنہٕ پانہٕ واںٛنی اکھ خاص وابستگی ہاوان۔ اکِس معاشرس منز چھِ مختلف اعتقادی فرقہٕ آسِتھ زبانِ اِستعمال تہٕ بول چالِ منز فرق ہاوان۔ گریرسن تہٕ چھُ امہٕ کتھِ ہند قایِل تہٕ اکہ بُنیادس پیٹھ چھُ سُہ وادی منز بولن وول کاشُر دۄن مذہبی طبقن (مسلمان کاشُر تہٕ بٹہٕ کاشُر) منز باگراوان۔ گریرسن چھُ امِچ وضاحت یمن الفاظن منز کران:۔

" IN THE STANDARD KASHMIRI OF THE VALLEY, THERE ARE MINOR DIFFERENCES OF LANGUAGE, WHICH HOWEVER ARE NOT SUFFICIENT TO ENTITLE US TO DIVIDE IT INTO FURTHER SEPARATE DIALECTS. FOR INSTANCE KASHMIRI SPOKEN BY MUSLIMS DIFFER FROM THAT OF SPOKEN BY HINDUS ....... THE MUSLIM DIALECT BORROWS FREELY FROM THE PERSIAN VOCABULARY, ON THE OTHER HAND, THE HINDUS BORROW FROM SANSKRIT " (GRIERSON 1919: 234)

یہ چھُ زبانِ ہند آفاقی تصوُر زِ اکھ زبانہٕ چھیٔ دیہی

( RURAL ) تہٕ شہری ( URBAN ) بول چالہٕ منز فرق
ہاوان ۔ اَتھ سطحس پیٹھ چھ گریرسنَن کاشُر زبانؠ منز تہٕ فرق
لبُن مژ تہٕ پننِس مقالس منز چھُ سُہ اَتھ کتھِ کُن یِتھ پأٹھؠ اشارٕ
کران ۔

"AGAIN THERE IS (IN KASHMIRI), AS IN ALL COUNTRIES, THE DISTINCTION BETWEEN TOWN AND VILLAGE TALK. IN VILLAGE A FEW OLD FORMS HAVE BEEN PRESERVED THAT HAVE DISAPPEARED IN TOWNS AND THERE ARE ALSO VARIATIONS OF PRONUNCIATIONS"

(GRIERSON 1919: 234)

یوٚدوے گریرسنٕنہِ کامِ یمَن سطحَن پیٹھ بُنیأدی حیثیت
چھینہٕ تھوَان ۔ مگر جدید "بولیاتی" ( DIALECTOLOGY ) طریقہٕ کار
نظرِ تَل تھوٚوِتھ چھُ گریرسنٕنہٕ اَتھ کامِہ منز وارِیاہ کمی محسوس
سپدان ۔ ماہرِ بولیاتو ( DIALECTOLOGISTS ) بولین ہنز سام
ہیٚنہٕ خأطرٕ یِم زاوِیہِ ووہ پدأدی متی چھِ اَتھ منز چھِ فیلڈ وَرک
( FIELD WORK ) بولین ہندِ نغایہٕ خأطرٕ طریقہٕ کار
( METHODOLOGY ) بولہِ ہنز تشریح کرنہٕ خأطرٕ معیار بیتر
اہم حیثیت تھوَان ۔ زبانؠ منز فرق ژارنہٕ خأطرٕ تہٕ بولین

ہُند تعاوُن خاطرٕ چھُ سائنسی خطوٗطن پیٹھ وسیع پیمانہٕ فیلڈ وٗرک کرُن ضروٗری۔ سُمبرن چھُ فیلڈ وٗرک ہنٛز اہمیت یمو الفاظو ستۍ کران:۔

"THERE IS DIRECT RELATION BETWEEN FIELD WORK AND LANGUAGE DESCRIPTION. THE MORE FIELD WORK, THE MORE INFORMATION WE WILL HAVE ABOUT THE VARIABILITY OF LANGUAGE"

(SAMARIN (1967:4)

فیلڈ وٗرکٕ ماہرو (مثلن سُمبرن (1967) اہنس گرُھٕ، (1939) چارلس ایف ہاکِٹ (1958) بیترِ چھِنہٕ مُخبرن (INFORMANTS) نِش معلوٗمات (DATA) استنباط (ELICIT) کرنہٕ خاطرٕ مختلف طریقہٕ تجویز کٔرِ متۍ مگر یِم چھِ کانہہ طریقہٕ چھُ INPUT ⟶ OUT PUT اصوٗلس پیٹھ مُشتمل۔ یعنی محقق چھُ مُخبرس کُنہٕ تہٕ طریقہٕ (سوالنامکہِ ذریعہ، تصویرو ذریعہ بیترِ) ذہنس منز کینہہ تصوٗر تراوان یہ تصوٗر چھُ مُخبرہندِ خاطرٕ INPUT بنان۔ مُخبر چھُ اَمہِ تصورُک متن الفاظو ذریعہٕ اظہار کران تہٕ اَمہِ تصوٗرُک متن الفاظن منز اظہار کرُن چھُ مُخبر ہندِ خاطرٕ OUT - PUT - فیلڈ وٗرک دوران لگہار معلوٗمات حاصل کرنُک دارومدار چھُ مُخبرن تہٕ سوالنامس پیٹھ۔ مُخبر تہٕ سوالنامہ چھُ تحقیقچہٕ

نوٚی ییٚر میٚتی مفاہمت ہاوان ۔ ہرگاہ تحقیق نوٚی یٚتھ فقط زبانٕ ہندی
بناوٹٕ اصول ژھانڈٕنۍ آسہٕ، تیٚلہٕ چھُ سوالنامہ کرِ ذریعہٕ اکس یا دوٚن
مخبرن نِش تفصیلی معلومات حاصل کرٕن کافی ۔ اتھ برعکس ہرگاہ محقق
سُند مقصد آسہٕ زبانٕ منز علاقٲیی معاشرتی سطحس پیٹھ فرق ژھانڈٕنۍ
تہٕ تتھ صوٗرتس منز چھُ وارِیاہن مخبرن نِش اکہِ مخصوص سوالنامہ کرِ ذریعہٕ
معلومات حاصل کرٕنۍ لازمی ۔ یِم مخبر گژھن پننین علاقٲیی بولین ہنز
یا پننین معاشرتی بولین ہنز نمایندگی کرٕنۍ تہٕ محققس پننہٕ بولہِ ہنز پوٗر
زان کاری دِنۍ ۔ ماہرَ چھُ یہِ پرکھومُت زِ کینہہ مخبر چھِ پننہٕ بولہِ غار معیاری
درجہٕ دِوان تہٕ امہِ طبقک مخبر چھِ محققس معلومات دِنہٕ وِزِ پننہٕ بولہِ
منز امہِ زبانٕ ہنز معیاری بولہٕ ہندی عناصر استعمال کران یتھی
معلومات چھِ تحقیقس پیٹھ وارِیاہ غلط اثر تراوان ۔ محقق سنز
ذمہٕ واری چھےٚ زِ فیلڈ ورک دوران تیٚتھ ماحول بناوُن، ییمہٕ ستی
محقق مخبرس نِش غار مصنوعی معلومات استنباط کرنس منز کامیاب سپدِ
ماہرَ چھُ بودمُت زِ "ANY SCIENTIFIC INVESTIGATION ON LANGUAGE WILL HAVE TO APPRECIATE THE NATURAL SPEECH."

فایدہ مند تہٕ غار مصنوعی معلومات حاصل کرنہٕ خاطرٕ
ماہرِ مٕنزی مخبرن ہُند انتخاب گژھن چھُ وارِیاہس حدس تام اتفاق ۔
سٮ۪مہرن چھُ پننس ذاتی تجربس پیٹھ اتھ کتھِ کُن ہنہٕ پاٹھی اشارٕ

گرآن :-

" THERE ARE GOOD INFORMANTS AND THE BAD INFORMANTS, BUT CRITARIA FOR CONSIDERING ONE GOOD AND ANOTHER BAD ARE DIFFICULT TO ENUMERATE" ( SAMARIN 1967 : 23 )

مُخبِرس نِش اہم تہٕ فایدٕ مند معلومات حاصل کرنس منز چھُ سوالنامہ خاص درجہ تھوان ۔ ماہر بولیا تو چھُ پرکھوومُت ز تفصیلی فیلڈ وُرک ( INTENSIVE FIELD WORK ) کرنہٕ برونہہ تہٕ سوالنامس حتمی شکل دِنہٕ برونہہ چھیہٕ اَتھ علاقس منز سرسری فیلڈ وُرک ( PILOT SURVEY ) کرُن لازمی تاکہ مُحقق ہیکہِ ضروٗری تہٕ غار ضروٗری سوالن منز فرق زانِتھ تہٕ پننس سوالنامس منز فقط تِہی سوال شامِل کرِتھ یمو سِتہِ مُخبرس نِش کم کھوتہٕ کم سوالو سِتہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ معلومات حاصِل سپدن ۔ اَمہِ مزید سائنسی خطوطن پیٹھ فیلڈ وُرک کرنہٕ خاطرٕ چھُ ٹیپ ریکارڈرُک استعمال کرُن اہم۔ زبانن منز پھیر ژارنہٕ خاطرٕ تہٕ بولین ہنز سام ہینہٕ خاطرٕ چھُ طریقہ کار فیلڈ وُرک لَرِ لوٗر ۔ زبانَن منز لِسانیاتی سطحن (مثلن فونیمیات صرف ونحو بیترِ ) پیٹھ پھیر طریقہٕ کارکس سانچس منز تراوُنک ارتقا سپدیوٗ اَرداہمہِ صدی منز ییلہِ یوٗرپُک ماہر لِسانیات نگی لفظن ہندِس بُنیادس پیٹھ زبانن منز علاقائی پھیر ہاونہٕ ۔ کُنوہمہِ صدی منز سپدیوٗ

زبانَ تہٕ بولین لسانیاتی خطوطن پیٹھ فرق ژارنگ نوو دود شروٗع پیسلہ

آگست سچلچرن (AUGUST SCHLIECHAR) کوٚر FAMLY TREE

یا MODEL یا STAMMBAUM MODEL COMPARATIVE

MODEL رائج۔ ڈیٹھو پاٹھو چھ اَمہ نموُنک بُنیادی قاَیدہ یہ زِ زبان

یا بولہ گژھن یَک زبانی ( SYNCHRONIC ) تہٕ تواریخی (DICHRONIC)

زاوِین پیٹھ پرکھاونہٕ تہٕ اَمہ ستی ہیکہ زبانَ یا بولین لسانیاتی سطحس

پیٹھ ہشر تہٕ فرق ژنی کرِتھ بُنیادس پیٹھ یتہن طبقہٕ بندی سپدِتھ۔

اَتھ نموُنس تحت آیہ زبانَ یا بولین درمیان لسانیاتی سطحس پیٹھ

ہشر یا فرق ہم معنی لکیرو ( ISOGLOSSES ) ستی اظہار کرنہٕ تہٕ

زبانَ یا بولین درمیان نزدیکی یا دوٗر پر سپدلو ہم معنی لکیرہ کیو تعدادو

ستی مشخص۔ یہ طبقہٕ بندی ہند سلسلہ ہیکہ زبانَ تہٕ بولین ہنز

نسبی رشتہٕ بروٗنہہ کُن اَنِتھ۔ ہرگاہ زبانَ یا بولین آسہ فرق

آسنس باوجود بُنیادی ساختن منز ہشر تہٕ اَتھ بُنیادس پیٹھ

ہین یم اَکھ پہ طبقس منز گنڈنہٕ۔ یم طبقہٕ ہرگاہ مزید پرکھاوتھ

فرق آسنس باوجود کُنہ حدس تام پانہٕ ؤنی بناوٹی ساختس

منز ہشر ہاون تیلہ یہ یمن اَکھ پہ ماخذی زبانی ستی نسبی

رشتہٕ داوٹہنہٕ۔ اَتھ نموُنس پیٹھ آو ہند یورپی، ہند ایرانی،

مُنڈا بیتر زبانَن نسبی رشتہٕ پرکھاونہٕ۔

ڈی ساسرن ( FERDINADAD DE SAUSSURE ) کوٚر

وُہمہِ صدی ہندِس ابتداہس منز زبانہٕ ہنز سام ہینہٕ خاطرٕ STRUCTURAL
APPROACH رٲیج ۔ یہِ نموٗنہٕ چھُ لِسانیاتی نظامس معاشرتی نظامس
ستۍ مُشابہٕ کران ۔ اَمیُک تصوُر چھُ یہِ زِ لِسانیاتی نظامس منز چھِ
لِسانیاتی عناصر (مثلن فونیم ، مارفیم بتیر) پانہٕ وٲنۍ اکھ اَکِس ستۍ
زٕلرِ نلاج ہندی پاٹھۍ واٹھہ تہٕ زبانۍ ہنز تشکیل SYSTEM OF
RELATION کِس بُنیادس پیٹھ دِوان ۔ اَمہِ مزید چھیٚہ اَتھ نموٗنس
تحت زبان دوٚن سطحن منز باگراونہٕ آمژ مثلن اوٚندرٕ وٕنی سطح
( FORM ) تہٕ بیرٕوٗنی سطح ( SUBSTANCE ) ۔ اوٚندرٕوٗنی
سطح چھُ زبانۍ ہندِ تَہہ پہلوٗیس زبانۍ ہند بُنیادی بناوٹھ اصوٗل
بَیان کرِتہٕ بیرٕوٗنی سطح چھیٚہ زبانۍ ہنز بول چال ظاہر کران ۔ یہِ
خاکہِ نظرِ تَل تھٲوِتھ لگی ماہرِ بولیات زبانۍ منز فرق ژارنہٕ خاطرٕ
تہٕ زبانۍ منز بولیِن ہندِ تعاین خاطرٕ زبانۍ ہنز بیرٕوٗنی سطح پرکھاونہٕ ۔
ڈیٚٹھی پاٹھۍ چھُ اَمہِ نموٗنُک تصوُر یہِ زِ بولیِن درمیان لسانیاتی سطحس
پیٹھ تقابُل کران یِم فرقہٕ لبنہٕ ییٚن تہٕ یمن فرقن ہنز نِشاندہی ہم معنی
لکیرِ وٕ ستۍ کرنہٕ برونہہ چھُ اہم زِ یِم فرقہٕ بولیِن ہندِس پنٕنِس لسانیاتی
نظامس منز تعلیل کرنہٕ ۔ پیٹھ چھُ موختصر پاٹھۍ اَمہِ نموٗنچ وبرتھنہ
یِمن الفاظن منز کران :-

THE MAIN TENENT OF STRUCTURE LINGUISTICS IS
THAT ANY VARIETY OF LANGUAGE IS A SYSTEM;

THE ITEMS WITHIN THIS SYSTEM ARE DEFINED NOT IN TERMS OF ANYTHING OUTSIDE THE SYSTEM, BUT BY THEIR MUTUAL OPPOSITIONS AND FUNCTIONS IN RELATION TO ONE ANOTHER."

(PETYT 1980:120)

دورِ جدیدس منز ووپدیوٚ زبانٕ منز فرق ژارنُک معاشرتی، لسانی (SOCIOLINGUISTIC) نموٗنہٕ ۔ یہ نموٗنہٕ چھُ زبانٕ ہنز تشریح زبانٕ ہنز معاشرتی ہستی (SOCIAL ENTITY) کِس بُنیادس پیٹھ کران تہٕ اَمہِ معیارٕ مُطابق چھُ اکھ فرد معاشرس سِتۍ زبانٕ ہندِس بُنیادس پیٹھ مُنسلک سپدان ۔ چونکہ معاشرس منز چھُ اکھ فرد متحرک کردار ادا کران تہٕ اَمی سُند یہ بتھ کُنہِ کردارچ عکاسی چھےٚ زبانٕ ہنز ترکیب وار استعمال کرنہٕ سِتۍ واضح سپدان بقولِ فشمین ۔

"LANGUAGE BEHAVIOUR AND SOCIAL BEHAVIOUR WILL BE APPRECIABLY RELATED IN MANY LAWFUL WAYS" (FISHMAN 1968:6)

زبان بحیثیتِ معاشرتی عنصر وبڑھناونہٕ خاطرٕ کرٕ محققو مختلف رایہ قایم تہٕ یم بتھ کانہہ رایے رٕوز اَمہِ کتھ ہنز قایِل زِ بول چالِ منز لسانیاتی عناصرن ہنز فرق چھےٚ غار لسانیاتی اصولن (یعنی

معاشرتی اصولن ) سِتؔی مفاہمت ہاوان تہٕ یمہٕ فرقہٕ چھِیہٕ بولن واکؠ
ہنز معاشرتی حیثیت ، نفسیاتی ساخت ، ثقافتی پۄت منظر بیتر
اظہار کران ۔ اُتھی نموٗنس تحت کُر ڈیل ہایمزن ( DELL HYMES )
یہٕ رائے قایم زِ ثقافتی پھیر تہٕ لسانیاتی پھیر چھِ پانہٕ وۄنی مفاہمت
ہاوان تہٕ زبان چھِیہٕ ثقافتچ نشاندہی کرنس منز اہم ڈکھ کران۔
ڈیل ہامزن چھُ اَمچ وضاحت یِمو الفاظو سِتؔی کران ۔

" WORDS ARE FUNDAMENTLY THE SYMBOLS FOR THE FEATURES OF THE CULTURE."

دلیم لیبون ( WILLIAM LABOV ) کُر یہ دلیل پیش
زِ معاشرس منز چھِ مختلف معاشرتی طبقہٕ پننہٕ بول چالہٕ منز لسانیاتی
عناصرن ہنز فرق اظہار کران تہٕ یہ فرق چھِیہٕ معاشرچ طبقہٕ بندی
( SOCIAL STRATIFICATION ) کرنہٕ خاطرٕ اہم سبب بنان ۔
اُتھی سِتؔی کوٚر لیبون زبانٕ ہِند رلوایتی FREE VARIATION تصور تہٕ
معاشرتی سطحس پیٹھ واضح تہٕ بوٗن زِ زبانٕ منز پرٛتھ کُنہٕ سطحچ لسانیاتی
فرق چھِیہٕ معاشرتی اصولن تحت سپدان ، یِمہٕ فرقہٕ چھِیہٕ معاشرس
ساخت دِنس منز اہم حصہٕ نِوان ۔ بولہٕ پرٛکھاونہٕ خاطرٕ یِم طریقہٕ کار
پیش چھِ کرنہٕ آمتی یِمو منز سپدلو ییٚتیتھ فقط مخصوص طریقہٕ کارن
کُن سرسری اِشارٕ ۔ فیلڈ ورک تہٕ طریقہٕ کارکس سطحس پیٹھ چھِیہٕ
بولہٕ ہنز تشریح کرٛنی تہٕ اہم تہٕ ییٚتیتھ یِہ موخصر یا ٹھوٚ بولہٕ ہنز

تشریح ورتھاونہٕ ۔ ابتدا اَس منز آیہٕ بولہٕ ہنز اصطلاح زبانۍ
ہنز تتھ بول چالہٕ دِنہٕ یوسہٕ دیہی لوکن ہنز، اَپرٛٹھ لوکن ہنز تہٕ
معاشرکین پس ماندہٕ طبقن ہنز بول چال آس یِتھ آو تہٕ باونہٕ ز
معاشرُک تعلیم یافتہٕ طبقہٕ معاشرتی ٹھر رکھون والی طبقہٕ تہٕ شہری
لوکن ہنز بول چالہٕ چھُ زبانۍ ہُند رتبہٕ حاصل ۔ امہٕ پتہٕ آیہٕ
بولہٕ ہنز یہٕ تشریح غار لسانی قرار دِنہٕ تہٕ یہٕ تشریح رد کران
آیہٕ ۔ نوٚ تشریح پیش کرنہٕ تہٕ اَتھ مطابق چھیہٕ بولہٕ اکہٕ مخصوص
زبانۍ ہنز مختلف قسم یم پانہٕ وٕنی میلتھ چھہٕ امہٕ زبانۍ ہنز
تشکیل دِوان ۔ چونکہٕ اَتھ تشریح آو نہٕ کینہہ تہٕ معیاری حد مقرر کرنہٕ
تہٕ امیُک مطلب آو یتھ پاٹھۍ ژارنہٕ زِ فردٕ سنز انفرادی بولی
( IDIOLECT ) تہٕ ہیکہٕ زبانۍ منز بولہٕ ہُند درجہٕ حاصل کرِتھ
یہٕ مطلب آو یتھ بُنیادس پیٹھ کڈنہٕ زِ پریتھ کانہہ فرد چھُ پننہٕ
بولہٕ منز کینہہ مخصوص لسانیاتی عناصر استعمال کران یُس امس
فردس معاشرکین باقے فردن نِش چھُ الگ کران ۔ یہٕ مسلہٕ
نظر تل تھاوِتھ بوو ماہرو زِ زبانۍ منز بولہٕ تشکیل دِنہٕ خاطرٕ یِزہٕ
اَتھ ضبط قایم کرُن، یتھ تحت کینہہ اہم لسانیاتی فرقہٕ ین ژارنہٕ
تہٕ یم لسانیاتی فرقہٕ آسن اَتھ زبانۍ منز طبقہٕ بندی کران یِتی
آسن اکہٕ طبقُک بولن والی پانہٕ وٕنی لسانیاتی مفاہمت ہاوان ۔
زبانۍ منز یہٕ فرق تہٕ مفاہمت بنیہٕ امہٕ یِتی طبقن ہند تقسیم

(علاقائی یا معاشرتی) ہینکہ بولہِ ہنز تشکیل دِتھ۔ پس بولہِ ہنز
تشریح چھیہٕ ییہِ (امہِ زبانی ہندین طبقن درمیان) تہٕ مفاہمت
(اکہِ طبقکین بولن والین درمیان) اظہار کران۔ اَتھ دوران
آو یہ تصور تہٕ دِنہٕ زِ طبقن درمیان یہ ییہِ ہیہ ہم معنی لکیرو
ستی اظہار کرنہٕ تہٕ اکھ بولی لسانیاتی لحاظہ کاٗژاہ نزدیک یا دوٗر
چھیہٕ بنیس بولہِ نش ہینکہِ ہم معنی لکیرن ہنْد تعداد واضح کرِتھ۔
یہ وضاحت پیدِتھ وۄتھ محققن بیاکھ سوال زِ ییلہِ زِ یا امہِ
کھوتہٕ زیادٕ طبقہٕ ہاون یانہٕ دُنہٕ فرق تیلہِ کونہٕ دِمو ہین بولہِ
بدلہٕ زبانی ہنز اصطلاح۔ امہِ سوالک حل آو ییتھ پاٹھۍ دِنہٕ
زِ اکہِ طبقچ سوہ بول چال چھیہٕ بولی ییلہِ یم لسانیاتی سطحس
پیٹھ کُنہٕ حدس تانی پانہٕ دُنہٕ ییہِ تہٕ کُنہٕ حدس تانی مفاہمت
ہاون نگر ستی آسن یم بولی پانہٕ دُنہٕ MUTUAL
INTELLIGIBILITY خاصیت تھاوان۔ یعنے ہرگاہ
اکِس لسانیاتی خطس منز چھ مسلسل بولہِ (DIALECT
CONTINUUM) ا، ب، پ، ت، ٹ .... بولنہٕ یوان
تہٕ 'ب' بولی چھیہٕ 'ا' تہٕ 'پ' بولی آسانی سان سمجھتھ ہیکان
مگر 'پ' بولی بولن والِس چھیہٕ 'ا' بولی بولن والِس سمجھنس
منز مشکل پیش یوان تہٕ MUTUAL INTELLIGIBILITY
خیالات پیٹھ منظر تھوٗتھ چھیہٕ یمہ الگ زبانہٕ نگر اَتھ

برعکس چھیہ یمہ اکی سے زبانی ہنز مختلف بولہ ۔ یہ سوال حل کرنہ
خاطرٕ آو بیاکھ اصول باونہ تہ امہ اصولہ مطابق آیہ زبانی منز
اکھ معیاری بولی ( STANDARD DIALECT ) قایم کرنہ ۔ معیاری
بولہ چھیہ یہ خاصیت زِ سو گژھہ ادبی لحاظ مقبول تہ پرٛذیر
آسن ریڈیو، ٹیلی وِژن بیتر گژھہ یہے بولی استعمال کرنہ ۔
زبانی منز معیاری بولی قایم سپدتھ گژھن امہ باقیہ بولہ ساخت کہ لحاظہ
اکھ معیاری بولہ ستی رشتہ ہاونی ۔ امہ مزید گژھہ یمن سارنی بولین
ماخذی زبان کنی آسنی ۔ یم ساری خیالات نظرِ تل تھوِتھ چھیہ بولہ
ہنز تشریح پتھ پاٹھی سپدیمژ ۔

زبان چھیہ بولین ہند ڈھانچہ تہ بولہ چھیہ اکس خاص
ضبطس تحت پانہ وُنی اہم لسانیاتی پھیر ہاوُن مگر امہ پھیر
باوجود چھ یمن بولین اکے لسانیاتی ساخت یُس ساخت زبانی
ہنز معیاری بولہ ستی رلان چھ یمن بولین چھ کُنے نسبی رشتہ
آسُن ضروری ۔ بولہ چھیہ پھیر ( باقے طبقکین بولن والین ستی ) ،
تہ مفاہمت ( ہینٛین طبقکین بولن والین ستی ) کس بنیادس
پیٹھ تشکیل سپدان ۔ بولین ہنز نزدیکی یا دوری چھیہ ہم معنی
لکیر اظہار کران ۔
MUTUAL INTELLIGIBILITY چھیہ
بولہ تشکیل دِنس منز کم درجہ تھوان ۔ زبانی منز بولہ پرکھاونک
تہ بولین ہنز تشکیل دِنک خاکہ نظرِ تل تھوِتھ ہرگاہ گریرسن نہ

کامہ پھیُر دِنہٕ ییہ اَتہٕ یِدہٕ یہ حقیقت ٹاکارٕ پأھٕ ژٕنہٕ زِ گریرسنٔن چھُنہٕ بولیأتی قادَن تحت یَتھٕ تحقیق ورٕتھنوومُت تہٕ اَتھ صوٗرتَس منز چھِ اَمی ہندی نتیجہٕ قابلِ تنقید۔ یتھ پٲٹھ ذکرٕ آیہٕ ابتداہَس منز کرنہٕ زِ مُخبرَن نِش معلوٗمات استنباط کرنہٕ خٲطرٕ چھیٚہ براہِ راست فیلڈ وٚرک کرٕنی لازمی۔ اَتھ برعکس چھِ گریرسنٔن کٲشر زبان بولن منز بأگراوہٕ خٲطرٕ معلوٗمات حٲصل کرنچہٕ ناراست طریقہٕ استعمال کٔرِمٕتی تہٕ یِم معلوٗمات چھِ وارِیاہَس حدس تام اَڈیٚکی ثأبِتھ سپدیمٕتی۔ معلوٗماتَن ہنٛز خٲمی چھیٚہ گریرسنٔن ہٕنٛزِ کامِ منز وٚسیع پیمانس پیٹھ لبنہٕ یِوان تہٕ یِتیتھ ییہ موٗخصر پأٹھی ہِمو مثالو سٟتی اَمہٕ خٲمی ہنٛز نشاندہی کرنہٕ۔ گریرسنٔن چھُ کشتواڑی بولہٕ ہندس فونیماتی نظامَس منز فونیم "ہ" ، "ہ" [GLOTTAL VOCOID [h] شأمل کوٚرمُت مگر اَمہٕ فونیم چھِ غأر موجوٗدگی چھیٚہ اَتھ بولہٕ منز مخصوٗص لسانیأتی خٲصیت تہٕ یہ فرق چھیٚہ کشتواڑی بولہٕ باقے کٲشرِس نِش الگ کران۔ یِم مثال کرَن کشتواڑی بولہٕ ہنٛز یہ خٲصیت ثأبِتھ۔

(۱) الفاظن منز گوڈنہٕ کِس مقامس پیٹھ فونیم "ہ یا ہ" موجوٗدگی تہٕ غأر موجوٗدگی۔

| کشتواڑی بولی | وادی منز بولن ودل کاشُر |
| --- | --- |
| ادا | ہوا |
| اَفتہ | ہفتہٕ |
| اوٗشیار | ہوشیار |
| آیت | ہایت |
| آکھ | ہاکھ |
| اِمت | ہمت |
| یچھُن | ہیٚچھُن |
| اُن | ہوٗن |
| اُنٛ | ہوٗنٛ |

(۲) الفاظن منٛز وسطی مقامس پیٹھ "فونیم" "ہٕ" "ء" موجوٗدگی تہٕ غاٛر موجوٗدگی

| کشتواڑی بولی | وادی منز بولن ودل کاشُر |
| --- | --- |
| زار | زہر |
| گاہٕ | گہنہٕ |
| اِمتان | اِمتحان |
| کاٗنی | کہاٗنی |
| دوم | ڈہیمُ |

۳) الفاظن منز آخری مقامس پیٹھ فونیم "ہٰ" "ہ" پیٹھ موجودگی پتہ غار موجودگی

| کشتواڑی بولی | وادی منز بولن وول کاشُر |
| --- | --- |
| رُو | رُوہ |
| تبا | تباہ |
| کا | کیاہ |
| داراہ | وارِیاہ |

یمن معلوماتن پیٹھ چھِ گریرسنن کشتواڑی بولہِ مطابق یم تاثرات پیش کرِمتی۔

" DARDIC LANGUAGE AS A RULE DO NOT POSSESS THE SONANT ASPIRATES GH, JH, ḌH, DH, BH,. THEY ARE COMMON IN KASHTIWARI AND ARE EVIDENTLY BORROWED FROM PAHARI. THUS WE HAVE GH IN GHAR, A HOUSE AND GHUR; ḌH IN KRŪDHI ANGRY DHĀM IN FEAST, BH IN BHAY, A BROTHER, BHIAN, A SISTER, BHOCCHI OF HUNGRY. WE EVEN HAVE INITIAL OR MEDIAL M

BECOMING MH IN MHĀL, FATHE"

(GRIERSON 1919:348)

گریَرسنس چھِ یِم معلوٗمات غلط فراہم سپدیمٕتۍ زِ مسموع بندشی کنسونَنٹ (VOICED STOP CONSONANTS) چھِیہٕ کشتوٗاری بولِ منز ہکاریَت (ASPIRATION) اختیار کران پتہٕ اُتھ علاقس منز براہِ راست فیلڈوٗرک کرنہٕ پتہٕ چھِ یِم نتیجہٕ رُدپیدان پتہٕ یہِ حقیقت. بروٗنہہ کُن یِوان زِ مسموع بندشی کنسونَنٹ چھِیہٕ فقط ہکاریتیچ غارموٗجوٗدگی، بلکہ چھِ اکثر الفاظن منز مسموع بندشی کنسونَنٹ غارمسموع بندشی کنسونَنٹ (VOICELESS STOP CONSONANT) بنان ـ مثلن ـ

| کشتوٗاری بوٗلی | گریَرسنٕز معلوٗمات | وادی منز کاشُر |
|---|---|---|
| کرٕ | گھر | گرٕ |
| کرٕ | گھوڑ | گُرٕ |
| پوٗے | بھاے | بوٗے |
| پینٕز | بہن | بینٕہ |
| پوٗچھ | بھوچر | بوٗچھ |
| مالی | مہال | موٗل |

یِم معلوٗمات چھِ کشتوٗاری بولِ گریَرسنٕس یتھ اصوٗلس

نزدیک نِوان ۔

" ONE OF THE TYPICAL CHARACTER OF MODERN DARDIC LANGUAGE IS THE FREQUENT HARDENING OF ORIGINAL SONNET LETTERS, SO THAT G BECOMES K, J BECOMES CH, D BECOMEMS T AND D OR V BECOMES P. THIS WAS A UNIVERSAL RULE IN THE REIGN WHEN PISACHA PRAKRIT WAS SPOKEN."

(GRIERSON 1919: 242)

کشتواڑی بولہِ مطابق یہِ راے قایم کرِنہٕ ترٲٹھ منز چھہِ فونیمٲتی سطحس پیٹھ دردک زبانَن ہنز خاصیت لبنہٕ یوان، کرَن حسب ذیل مثالہٕ ڈکھ ۔

| کشتواڑی بولی | وادی منز کاشُر |
| --- | --- |
| پُنیُل | بُنیُل |
| کنٹہٕ | گنٹہٕ |
| کابہٕ | گابہٕ |
| تاٗر | داٗر |
| تَکہٕ | دَکہٕ |

چونکہ معلوماتن ہنز خامی چھیہ غلط نتیجہ دِنہٕ خاطرٕ ذمہ وار
تہٕ اَمہِ نوٚیشہٕ ہنز خامی چھیہ گریرسنہٕ کامہِ منز صاف پاٹھۍ لبنہٕ
یوان۔ کاشرِ بولین مطابق چھیہ کاچروٗن تہٕ یہِ کمی محسوٗس کرمژ
تہٕ لوومُت۔

" AT PRESENT THE DIALECT SITUATION OF KASHMIRI IS UNCLEAR, AND WITHOUT INTENSIVE FIELD WORK IN THE KASHMIRI SPEAKING AREAS IT IS DIFFICULT TO COMMENT ON IT."

((KACHRU 1969 : 18)

معلوماتن ہنزن خامین ہنٛز چھیہ گریرسنہٕ کامہِ منز طریقہٕ
کارس تہٕ بولین ہنز مُناسب تشریح کرنس تہٕ کمی محسوٗس سپدان۔
گریرسن چھُ باوان:۔

"KASHMIRI HAS ONLY ONE TRUE DIALECT — KASHTIWARI ...." ((GRIERSON 1919 : 233)

گریرسنٕنہٕ یہِ اصطلاح "TRUE DIALECT" چھیہ غار لسانی
اصطلاح تہٕ لولیاتکین دایرن منز بولہِ پرکھاونہٕ خاطرٕ "TRUE"
یا امیک ضِد "FALSE" چھُنہٕ کانہہ گنجایش تھوان۔ گریرسن
یم تاثرات سرآجی تہٕ رامبنی بولہِ مُطابق قلمبند کرمٕنۍ چھِ تم چھِ

سراسر غارِ لسانی پٔژ مُبہم مثلن بقولِ گریرسن۔

"IT [SIRAJI] MIGHT, WITH ALMOST EQUAL CORRECTNESS, BE CLASSED AS A DIALECT OF KASHMIRI OR AS A DIALECT OF WESTERN PAHARI, BUT I HAVE PUT IT IN THE FARMER CLASS, BECAUSE IT POSSESS CERTAIN TYPICAL DARDIC CHARACTERISTICS WHICH DO NOT BELONG TO THE LATTER."

(GRIERSON 1919 : 433)

"IN FACT RAMBANI, CAN VERY FAIRLY BE DESCRIBED AS MIXTURE OF SIRAJI AND DOGRI. IT STILL POSSESS ENOUGH KASHMIRI PECULARLIES TO ENTITLE IT TO BE CLASSED AS A DIALECT OF THAT LANGUAGE."

(GRIERSON 1919 : 458)

علاقٲئی لحاظہٕ کٲشُر زبٲنۍ ہنز بولہٕ پرٕکھاونہٕ خٲطرٕ ییہٕ کمی
گریرسن بہٕ کامہٕ منز محسوس سپدان چھیہٕ یہنز نشاندہی آسہٕ
ییٚنیتھ مو خصر پاٹھۍ کرنہٕ ۔ ینیس تحقیق منز چھُ گریرسن

یِتھ کُن تہٕ اِشارٕ کورمُت زِ کاشُر زبان چھیٚ معاشرتی سطحس پیٹھ (مثلن بٹہٕ، مسلمان، دیہی تہٕ شہری) فرق ہاوان مگر یہ دلیل ثابت کرنہٕ خاطرٕ چھِنہٕ گریرسنَن کانہہ تہٕ ٹھوس مثال پیش کرمژ۔ یِمہ خامی نظرِ تل تھوٚوِتھ چھیٚ یہ رائے قایم کرٕنی صحیح زِ بولہٕ بر کھاونچ خاکہٕ تہٕ گریرسنٕنی بولین ہنز وِتھرِ نے چھِنہٕ پانہٕ ڈنی کُنہ تہٕ زاوِیس پیٹھ رلان تہٕ لہٰذا چھُنہٕ اَتھ تحقیقس کانہہ علمی درجہ۔ اَتھ صورتس منز ییٚن نہٕ گریرسنٕنی یِم نتیجہٕ مُستند قرار دِنہٕ۔ فرگوسنَن تہٕ چھیٚ گریرسن نہٕ کامہِ منز معلوماتن ہنز تہٕ طریقہٕ کارچ کمی ژینہٕ مژ تہٕ بوومُت۔

" THE EXISTENCE OF LSI [LINGUISTIC SURVEY OF INDIA] DOES NOT GAURENTEE SENSIBLE DECISION, AND THE LSI IS NOW OUT DADED IN ITS METHODS AND MUCH OF ITS INFORMATION".

(FERGUSON 1971 : 151)

گریرسن نہٕ کامہِ منز یِمہٕ خامیہٕ آسنکہٕ باوجود تہٕ چھُ کاشُر زبان ہِنٛن خطوطن پیٹھ بر کھاونُک گریرسنُن اکھ اہم دیُت۔ بقولِ پروفیسر مرغوب بانہالی "یوٚدوے گریرسنہٕ ہندِس سروے یس منز کینژن خامیَن ہنز نشاندہی کرنچ گنجایش چھیٚ توٚتہٕ تہٕ چھیٚ اکھ غارملکی آسنہٕ کِس حیثیتس منز تِہنز کام مقامی عالمن تہٕ محققن ہندِ خاطرٕ قابل رشک تہٕ دَیتہٕ ہادِک۔ (بانہالی ۱۹۷۷ : ۴۴)

کٲشر زبٲنۍ منز وسیع علمی ذخیرٕ موجود آسٕتھ چھیٚ یہِ لسانیاتی
خطوطن پیٹھ ژُکہٕ سان پرکھاونٕہ نِش تقریباً محروم روزمٕژ۔ یہِ زبان جدید
لسانیاتی تہٕ بولیاتی خطوطن پیٹھ وِرِشناونٕچ چھیٚ وقتچ اہم ضرورت تاکہٕ
اَمِچن بولین مطابق ہیکہِ اَکھ تازٕ نقشہٕ برونٕہہ کُن یتھ یِمہٕ سِتۍ کٲشر
زبٲنۍ ہنز تہٕ کٲشرِن لوکن ہنٛد تواریخ پوٚت منظر سائنسی خطوطن پیٹھ
معلوم سپدِ۔

## حاشی

۱۔ یہِ مقالہٕ غار ٹیکنیکی زبٲنۍ منز بیان کرنٕچ آیہِ پوٗرٕ کوشش کرنٕہ تاکہٕ
پرن والین ییہِ نہٕ یہِ مقالہٕ پرن وِزِ کانہہ تہٕ ٹھوٗرٕ۔

۲۔ کشتواڑی بولہِ مطابق یم معلومات فراہم کرنٕہ خاطرٕ چھُس بہٕ سَنجے
کمارن (بی، ایس، سی، زراعت) شُکر گذار یِمہٕ پننہٕ مصروفیات
لوٗب کُن تھوٗتھ میٚہ کُن واریاہ وقت صرف کوٗرٕ تہٕ یم معلومات
فراہم کرٕ۔

## BIBLIOGRAPHY


Banihali, Marghoob 1977 — "Pguli Ka:siri Zab:n hinz akh aham bu:l" Anhaar Vol 1 No: 1 Srinagar, University of Kashmir P. G. Deptt. of Kashmiri.

Dhar, Nazir A. 1983 — A Sociolinguistic Study of Kamraz dialect of Kashmiri Language. Ph. D. dissertation Poona University (un-published).

1985 — 'Ka:siri Zaba:n manz ayza:za:t - Ma: srati: lisa:ni:sa:m' Anhaar vol. 8, No:11 Srinagar, University of Kashmir, P.G. Deptt of Kashmiri

1986 — "Some significant Phonological features of Kashtwari dialect" Paper present in XV All India Conference of Linguists: Maduria Kamraj University-Maduria.

Ferguson, Charles A 1971 — Language Structure and Language use California Standford University Press.

Fishman, Joshua A 1968 — "The Sociology of Language - Introduction" In: Readings in Sociology of Language. The Hagua: Mouton and Co.

Grierson, George A 1919 — Indo-Aryan Family, Northwestern Group: Specimans of the Dardic or Pisacha Languages (Including Kashmiri) Linguistic Survey of India Vol 8 Part 2 Calcutta. Reprinted Delhi: Motilal Banarasidass 1968.

Hymes, Dell H. 1964 — Language in Culture and Society: a reader in Linguistics and Anthropology. New York: Harper and Row.

Kashru, Braj B 1969 — A Reference Grammar of Kashmiri. University of Illinois.

Labov, William 1966 — Social Stratification of English in New York City. Washington: Centre for Applied Linguistics.

Petyt, K. M. 1980 — The Study of Dialect-An introduction to dialectology. Andre Deutsch.

Samarin, William J. 1967 — Field Linguistics : Guide to Linguistic Field work. New York: Halt, Rinchart and Winston.

Saussure, Ferdlnand de 1959 — Course in General linguistics Translated by Wade Baskin. New York: Philosophical Library. Original published in 1931.

موتی لال ساقی

# کأشرِ زبأنی ہُند آگُر تہٕ گریس

کأشرِ زبأنی ہُند آگُر وَنہٕ اَنس تہٕ بَدِ کڈن وِزِ چھُ تِمن
گرٕنٕز رٕوس تہذیبی تہٕ تمدنی لہرن ہُند دیان تھاوُن یِمو یِکہٕ وٕٹہٕ تِمنہٕ
تَہٕ موللِس سرمایِس زایُن چھُ دِتیمُت یَتہٕ یِنُن وٕیِشرِ لوٕشرِ زانِتھ
اَسی کأشُر تمدُن چھُ وَنان تہٕ تِیُم سینہٕ وٕنِلے کأشرِ زبان
چھیٚنہٕ۔ کُشیرِ یِم مختلف زأژن تہٕ قبیلن ہِندی تواریخہٕ کِہ پتھ کالہٕ
بیٚٹھ کھیٚنجن تہٕ کھیٚلین منٕز وأتی تِمن ہنٕز گرٕنٕد کرٕنی چھیٚنہٕ سہل
معاملہ کینہہ، ووٕنی گوٕو یہٕ کینٕژھا اَسِہ ذٕنِس تَل چھُ تِمہٕ موٗجوٗب
چھِ آسٹرک، چینی، پارتھی، سیتھی، یوٗنأنی، تُرک، بوٕٹہٕ تہٕ گجری
شأمل۔ ناگن تہٕ پیشاچن ہُند ذکر چھُ وُنِستام تیٚشرِ پھِر آمُت

زِ دوٚنۍ چھِ یِم ناد کَنن گوبان ہی۔ بیاکھ اکھ قبیلہٕ یُس برونٛہ کالی کٔشیر دوت چھُ کھش ہُند قبیلہٕ۔ یہِ قبیلہٕ روٗد وارِہس کالس مغربی ایشاہَس منز حکمران تہٕ اکہِ وقتہٕ پھرُن بابلس گژھ کار تہٕ وٕتھ وار کرٕتھ ترٛوٗن۔ انگریزی یَس منز چھُ یمَن لوٗکن KASSITE وَننہٕ آمت تہٕ سنسکرتس منز پیوٚو یمنٛے کھش ناو۔ اَمے قبیلہٕکین لوٗکن چھِ پہاڑَس منز کھکھ تہٕ کاشرِس منز کھاہ وَنان۔ اَز تہٕ چھِ اَمہِ زاژٕ ہندی لوٗکھ راژ دیر تہٕ باہناہِ ہندس علاقس منز آباد۔ ویدک آرین چھنہٕ تِم لوٗکھ یِم گوڈٕ انوارِ ہندوستان آے۔ آسٹرِک تہٕ دراوڑ آسی ویدک آرین برونٛہہ یور آمتی۔ یتہٕ دراوڑ اکہِ شہری تمدنکۍ بانۍ کار بنےٚ یہِ تتہٕ روٗدی آسٹرِک گامَن گھُنٛٹ منز لسان لبان تہٕ یِم لوٗکھ آسی ساری سے ہندوستانس منز چھکرِتھ۔ یمیُک ثبوت تمہِ لفظٕ ذخیرٕ لگان چھُ یُس آسٹرک زبانۍ ہُند لفظ ووترُ دوٚیمین بھارتی علاقایی زبانَن منز تہٕ خود سنسکرت زبانۍ منز وُنہِ موجوٗد چھُ۔ آسٹرِک لوٗکن ہنز اکھ کھیٚج آس کٔشیرِ تہٕ واژمٕژ۔ یمیُک ثبوت آسہٕ کاشر زبان تہٕ فراہم چھیہٕ کران تہٕ یتھ زبانۍ گریرسن باشگلی ناو ناگ زبان تصور چھُ کران تتھ نسبت چھُ جدید لسانی تحقیق وَنان زِ کافرن ہنز یہِ زبان چھیہٕ بذاتی آسٹرک زبانۍ ہُندے مٕژی دوٚنۍ۔ یتھے کٔنۍ ہیکہٕ تہٕ دراوڑن

ہُند کٲشیرِ تہٕ اَمِکس اَندٕ ٲکِھ علاقس منز واتُن تہٕ ناممکن آسُن تہٕ کیازِ
سانہِ زبانہِ منز چھِ وُنہِ تہٕ کیٚتہہ بُنیادی لفظ موٗجوٗد یِمن سیٚدِ سیوٚد دراوڑ
زبانہِ سٟتۍ واٹھ چھُ ۔ آسٹِرک زاژ ہندِ لوٗکن ہُند ناو بوزِتھ چھِنہٕ
تمبلہٕ تلنیج کانہہ ضروٗرت، تِکیازِ آسٹِرک لفظ چھُ وارِہن دوستن
وۄپرِ باسان حالانکہ پرزٕ چھُ یہِ زِ یِم چھِ تِمے لوٗکھ یِمن سنسکرت
کتابن منز "نشاد" چھُ وُنہٕ آمُت ۔ ناگن متعلق چھُ یہِ ونُن ضروٗری
زِ مہاوامشہِ موٗجوٗب آسی مسیحس برونہہ پوٗنژ مس ہتی ؤرِس منز ناگ
زاژِ ہندۍ لوٗکھ کٲشیرِ پیٹھٕ گاندھارِ تہٕ اَمہِ اپور علاقن منز آباد ۔
چنانچہ بودھ ستو مدھیانتک گوو بودھ دھرمُک تبلیغ کرنہِ کٲشیرِ
پیٹھے گاندھار ییٚتہِ ناگ بسان آسی، مہاوامشہٕ کِس بیانس
چھُ ستمِ مس ہتی ؤرِس منز ہیون سانگ تہٕ تصدیق کران ۔
وۄنۍ رُودۍ پشاچ ، پشاچن ہند تعلق تہٕ اوس آریائی قبیلس
سٟتی ۔ یِم لوٗکھ گےٚ پہاڑی علاقن منز آباد، یِمہِ کِنۍ یِمن آریائی
تمدن کین مرکزن سٟتۍ سیٚدِ سیوٚد واٹھ ژھیوٚن ۔ ضروٗرژ تہٕ
حالاتو بناوۍ یِم لوٗکھ ہنا بُتھی بِھرۍ تہٕ یِمو کرِنہٕ مادانی علاقن
منز آباد آریَن لوٗکن ہنز برتری تسلیم ۔ مادانی علاقن منز
آباد آریَن اَٲس یہِ جفاکش پشاچن سٟتۍ مُتھو لاگے کرنس
سوٚمب ہیٚکِتھ مگر قلم اوس مادانی علاقہٕ کین لوٗکنے اَتھہِ ۔
تِمو دیُت بالی علاقن منز آباد لوٗکن پشاچ ناو یعنے کوٗرِ

ماز کھیٚنہٕ واٲلۍ تہٕ غارمہذب ۔ یہِ ناو آس نہٕ بذاتی یِمن لُوکن ہنٛز ذات بلکہ ریٚژھ ۔ مگر یہِ لیٚکھتھ گوٚو تہٕ گوٚو ہوٚکھتھ تہٕ اَمہِ پتہٕ رُدٕی یِم لُوکھ پشاچ ناوے لُوکن ڈٲنس تَل ۔

کاشُر زبانۍ ہُند آگُر ینِب بَدٕ کڈُن چھُ اکھ حسین دُنیا ۔ اکھ تیُتھ حسین دُنیا ییٚتہِ رنٛگن ہُند گنجار نظرن گیوٗر تلان چھُ ۔ پزر چھُ یہِ زِ لسانی نسلیاتکین ماہرن ہنٛدِ باپتھ چھیہٕ ساٲنۍ زبان تیٚژ زرخیز تہٕ بوٗج زِ بے لاگ تحقیق ہیٚکہِ ترٛژھن کتھن ہنٛدۍ پتاہ کڈِتھ یِمن ہُند دُنتام ذِکر تہٕ سیُدمت چھُنہٕ ۔ یہِ چھُ اکھ تیُتھ شعبہٕ یَتھ کُن وُنہٕ دیان دیُن باقے چھُ ۔

یوٗدوٗے میہٕ زیٹھ زیوٗٹھ تمہید گنڈنس عادت چھُنہٕ مگر کیٚتھ پھیُر دیُن باسیوم ضروٗری ، یُتھ زن سورُے پوٚت منظر بروٚنھ کنہِ روزِ ، تہٕ اوٚکنۍ زِ اَسی ہیکون نہٕ کانہہ تہٕ زبان تمہِ علاقکہِ تمدنی پوٚت منظرٕنش بدوٗن کڈِتھ پرکھاوِتھ یَتھ علاقس منٛز سُہ زبان بولنہٕ آسہِ یِوان ۔ یِمانِن نظرن منٛز چھیہٕ زبان تمدنی اکھ واریچ سارِوے کھوٗ تہٕ حسین تہٕ جمیل علامت یوسہٕ بے شونکۍ پاٹھۍ پانس اندر تہٕ سورُے رٛژھرِتھ چھیہٕ تھوان یَتھ کُن اکثر پرٛدٕمتین لیکھیٚمتین دیان چھُنہٕ گرٛژھان تہٕ یِمہِ ساتہٕ پرٛدٕمتین اتھ کُن دیان گرٛژھان چھُ ، تمہِ ساتہٕ چھُ تہذیبی سفر تیوٗت بروہنہہ آسان

پوٚکمُت زِژکِس تام وانُن چھُ سٕدر پازِتھ ژِکہٕ تَلہٕ چوٚن لایق آب کڈنَس برابر بنیومُت آسان۔ بےٚ شوٚنچ پاٹھۍ زبانٕ ہُند پانَس اندر دوٚیمین تہذیبن ہُند ہُرتُر جذب کرُن چھےٚ اکھ ژھینہٕ روٚس عمل یَتھ متعلق عالمن کانٛہہ تہِ اختلاف آسہٕ نہٕ۔

یہِ سورے زانِتھ تہٕ اَتھ ساری پیٹھ وٕن دِتھ چھُ کاشرِ زبانٕ ہُند آگُر نیب بدِ کڈُن تیٚلی ممکن یُلہِ تِم ساری تِہٕ مُشراوَن ییٚن یِموٚ مَنزٕ کاشر زبان اَسہِ تام واژمِژ چھےٚ۔ جلدبازی منز کانٛہہ فاصلہٕ دِیُن چھُنہٕ تحقیقہٕ کین قاعدن کومہِ ہیکان اَنِتھ تہٕ اَمِکۍ ہیکَن ناکارٕ نتیجہٕ نیرِتھ۔ تحقیقَس منز گژھن ہمیشہِ عقیدٕ بدلہٕ حقایق تہٕ واقعات وَتہٕ ہاوکۍ آسنۍ۔

گرئیرسنس پیٹھ رُٹھ کھارُن چھُ سراسر ناانصافی زِ تِمۍ لیوٚکھ سرکاری سرپرستی منز ییمہٕ کِنۍ تَسندی نتیجہٕ تہٕ نظریہٕ درست ہیکَن نہٕ آسِتھ۔ اَسہِ چھُنہٕ یہِ وُچھُن زِ تِمۍ کِتھ پاٹھۍ لیوٚکھ بلکہ چھُ یہِ وُچھُن زِ تِمۍ کیا لیوٚکھ تہِ تتھ کیا چھُ مول۔ کاشرِ زبانٕ ہندِس آگرنیبَس متعلق گرئیرسنٕ نظریہِ رَد کرُن چھُنہٕ تیوت سہل لوٚت سہل اَسہِ زونمُت چھُ، تہٕ کیازِ تیٚلہِ چھُ اَسہِ زبانِ ہندِس اُکِس پوٚرِ خاندانَس متعلق پننُ نظریہِ بدلاوُن تہٕ یہِ چھُنہٕ توٚت تام ممکن یوٚتام نہٕ تِمن سارنے زبانَن پیٹھ نوِ سرٕ کام ییہِ کرنہٕ یِمہ زبانٕ پشاچ خاندانچہِ الگ لنجہِ گنزرنہٕ چھےٚ آمژٕ۔ کھیٚلہِ منز

الگ کڈِتھ صرف کاشُر زبانے یاژ موضوع بناوِتھ ہیکہٕ نہٕ کٔنھ
اَند واتِتھ تہٕ اَوٕ کِنہِ ژ کانہہ تہٕ کٔنھ واتہٕ نہٕ توٚتام مُنزٕ یُس یوٚتام
نہٕ تٔمیُک سیاق وسباق اَسہِ نظرن تَل آسہِ۔

گریَرسن چھُ کاشُر زبانۍ بذاتِ پِشاچ زبانَن ہندِ خاندانٕچ
زبان گنزراوان مگر تمۍ چھُ اکثر جایَن پِشاچ لفظ بدل لفظ 'درد'،
وَرتوومُت تہٕ کیازِ پِشاچ لفظہٕ ستۍ اوس کینژن لُوکَن باسان زِ امہٕ
ستۍ چھیہٕ تِہنز تحقیر سپدان۔ حالانکہِ قدیم سنسکرت لِکھارو
چھِ برونہہ کالہِ بیٚیِٹھ اَمہِ علاقکۍ لُوکھ (شمال مغربی سرحدی علاقہٕ) پِشاچ
ناوٕ گنزراوِی متۍ۔ تمۍ چھُ زبانَن ہندِس اَتھ خاندانَس مجبوٗری
موکھہٕ درد خاندان لیوٗکھمُت تہٕ اوس نہٕ اَتھ کٔنھ بیٚیِٹھ متفق
زِ اَمہِ خاطرٕ چھُ پِشاچ ناوے مُناسب تہٕ یہٕ ناو چھُ تمۍ لِسٲنی
سروے ہندِن دوٚیمین جلدن منز اکثر ورتوومُت۔

دردٕ زبانۍ ہندِس خاندانس چھیہٕ تمۍ ترےٚ باگنہٕ کرٕمژٕ۔

(I) کافر زبانَن ہندِس قبیلس منز چھیہٕ تمۍ یِمہٕ زبانۍ آنٕمژٕ۔
(۱) باشگلی (۲) داے الا (۳) واشی دری یا وَرَن (۴) اشکند
کلشہٕ ۔ پشلیے (اَتھ گرانس منز چھیہٕ یِمہٕ بولہِ شامِل)
(ا) کلاشا (ب) گوار باٹی یا نارستنی (ج) پشائی، لاگھمانی
یا دِہ گانی (د) دری (ہ) تراہی۔
(II) کھووٗر، چترالی یا ارنیا (III) درد قبیلہٕ تہٕ ڈیٚھ گوو خاص

درد زبانٔی ۱۔ شِنا یا شِنیا ۲۔ کاشُر ۳۔ کوہستانی۔ کافِر قبیلچن
زبانَن متعلق کتھ کران چھُ گریرسن لیکھان زِ یمَن منز چھُ اکثر 'دُ'
لامس منز تبدیل گژھان ییمہِ کِنہِ یمَن مشرقی ایرانی زبانٔی سیتی
کانٔی ہشر چھِ۔ مگر یمو زبانو چھُ اندریکھ زبانن ہند اثر تہٕ قبول
کورمُت۔ کھوورِ متعلق چھُ گریرسن لیکھان زِ کھوور چھیہٕ
خاص قسمچ درد زبان مگر یہ چھیہٕ کم کاہ دوٚیمین زبانَن مقابلہ
اکھ آزاد مرتبہ تھاوان۔ یوٚدوَے اَکھ کافر قبیلس ستی تہٕ کینہہ
چیز رلان چھِ۔ درد زبانَن ژش چھیہٕ اَکی تھدی بالن پیٹھ ژھینہ
کرٕمژ تہٕ یمَن ستی چھُس سیٹھاہ کم مُشترکہ۔ تمام درد زبانو
اندر چھیہٕ کھوور ایرانی گھاچھا زبانَن نکھ یمہ ہندوکش کِس
شمالس منز بولنہ چھیہٕ یوان۔

درد قبیلس متعلق بحث کران چھُ سُہ لیکھان زِ درد
قبیلس منز چھیہٕ خاص دردستانچ زبانٔی شامل۔ ژھوٚٹی پاٹھی یہ زِ
گلگتُک شِنا بولن وول علاقہٕ، گریز، چِلاس، بنہ پیٹھر تہٕ
سوات کوہستان۔ اَتھ منز چھِنہ ہونزا نگر تہٕ چترالک
علاقہٕ شامل۔ کاشر ورائے چھیہٕ درد قبیلچ زبانٔی وُنی کینہ
اَتھی علاقس تام کم کاہ محدوٗد۔

خاص درد زبانٔی ہنز ساروِے کھوتہٕ برژ مثال
چھیہٕ گریرسنہ ہندی کِنہِ شِنا۔ اَمیک معتبر صورت

چھیٚ سوے یوسہٕ گلگتکِس اَندیٚ کِنۍ علاقس منز بولنہٕ چھیٚ یِوان یوٚز
اَکھ چھیٚ واریاہ بولِہ یِمن منز اسٹوٗر، گرٛیز، چِلاس تہٕ بروک پا
شامِل چھیٚ ۔ بروک پا چھُ شِنٛ ہُند اکھ الگ قبیلہٕ بولان
یُس بلتستانکِس مشرقی سرحدس پیٹھ بسان چھُ تہٕ اَکھ پیٹھ چھُ
تبتی زبانۍ ہُند اثر ۔ کاشُر چھُ کٔشیرِ ہنز بیٚتھ تہٕ ہمسایہٕ بیٚتھرن
منز بولنہٕ یِوان ۔ یودوے اَمیُک ژۄک درد چھُ مگر اَتھ پیٹھ
چھُ ہِند آریٲیی زبانَن ہُند کافی اثر پیومُت یِمہٕ جنوٗبس کُن
بولنہٕ چھیٚ یِوان ۔ یہٕ چھیٚ واحِد درد زبان یُتھ منز ادب چھُ ۔
گریرسن چھُ تسلیم کران زِ درد زبانَن منز چھیٚ کینہہ خصوٗصیژ
ترژھ یِمہٕ ہِند آریٲیی زبانَن منز نظرِ چھیٚ گژھان تہٕ کینہہ
ترژھ یِمہٕ مشرقی ایرانی زبانَن منز بُتھِ چھیٚ یِوان ۔ چنانچہٕ چھُ
شہ راز اشوک ہندِس شہباز گڑھی ہندِس کتبس منز کینہہ تِتھۍ
لفظ بدِ کڈان یِمن ہُند تعلُق درد زبانَن سیٚتۍ چھُ ۔ پِشاچی کیٚتھ پٲٹھۍ
دراہِ ہند آریٲیی زبانۍ نِشہِ بدوٗن تہٕ متعلق چھُ گریرسن
سائینسی بُنیاد پیٹھ نتیجہٕ اخذ کران ۔ ایرانی تہٕ ہِند آریٲیی زبانَن
سیٚتۍ کینہہ چیز مُشترکہٕ آسنہٕ تہٕ چھِہ درد زبانَن پننۍ الگ صِفت ۔
زِ ساس تہٕ ۱۵۰۰ ؤری مسیحس درمیان وۄتۍ کابل وادی کِنۍ ہِند
آریٲیی ہندوستانکِس مٲدانی علاقس منز ۔ تمہِ ساعتہٕ آسہٕ آریٲیی
مُشترکہٕ زبانۍ کینہہ خاص خصوٗصیژ یِمہٕ حملہ آوروپالنَس سیٚتۍ آیہٕ تہٕ

یِمو برونہہ کُن لیکھہ جدید ہِندوستانٕی زبانہٕ ہِند رنگ رٕوپ روٚٹ۔

یِم آریا یِتھ کُن ہِندوکُش کِس شمالس کُن روٗزِ تہٕ یِم ہِندوستان آے نہٕ، آے مشرقس تہٕ مغربس کُن ژھکرِتھ۔ یِم لُوکھ مشرقس کُن درای تہٕ پامیرِ گیٚے آباد، چھِ ووٚنۍ گالیچا بولان تہٕ تِم یِم مغربس کُن گیٚے تِم بیٹھی۔ مرلو، نارس تہٕ بلوچستانس منز ڈیرِ دِتھ تہٕ یِہندِ اولاد یِمہٕ زبانٕی بولان چھِ تِمہٕ زبانٕی چھیٚہ گالچا ہیتھ ایرانٕی زبانٕی ہِندِس داٮ۪رس منز یِوان۔ یِتھہٕ پاٹھۍ چھیٚہ کاشُر زبان گریرسنہٕ مُوجوب اکھ سو زبان یوٚسہٕ سنسکرت چھِ کھونہٕ منز پھانچلِتھ تہٕ اکھ الگ وجوٗد چھیٚہ تھاوان تہٕ اَتھ چھُ سنسکرت زبانٕی ستی یِیٚہے بڈٕ بڈٕ ماسہٕ نانہٕ ہُند ہیٚو رِشتہٕ۔

کاشرِس کَتہ حدس تام چھُ دوٚیمین ستی ہشر تَتھ کُن چھُ گریرسنن خاص دیان دِتھمُت۔

| کاشُر | کافر (کلشا) | شِنا | کاشُر | کافر (کلشا) | شِنا |
|---|---|---|---|---|---|
| اکھ | اِک | اِک | سَتھ | ستہ | ستھ بت |
| زٕ | دُ | ڈُ | آٹھ | اُشٹ | اٹھ |
| ترٚے | ترِیہہ | ترِیہہ | | | |
| ژور | چار | چار | نو | نہَ | نو |
| پانژھ | پونچ | پُش | داہ | دَش | دَیش |
| شےٚ | شوہ | شاہ | | | |

یِتے یوت بہٕ کاشرِ کۍ وارِیاہ لفظ چھِ باشگلی تہٕ کھووٕر زبانۍ
منٛز تہٕ رَلان ۔

کافرٕ دٕن  زبانٛن منٛز چھُ لُل لفظ یُڈ ہندِس معنیس منٛز استعمال سپدان
تہٕ اَتھی معنیَس منٛز چھُ "گُج" لفظ کافر (کلشا) زبانِ منٛز ورتاونہٕ یِوان ۔
یِم دۄشوٕے لفظ چھِ دُنہٕ تہٕ کَم کاسہٕ "لول" تہٕ کوچھ "بٕنتھ کاشرِس
منٛز ورتاونہٕ یِوان ۔ باشگلی زبانِ منٛز چھُ 'کھور' خاطرٕ 'کھیترٕ'، مگر کلشا
کافر زبانِ منٛز چھُ 'کھُر' لفظ ورتاوس ۔ رۄپ چھِ کلشا زبانِ منٛز
رُدا ونان تہٕ شِنیا زبانِ منٛز چھِ اَتھ رُپ ونان ۔

یِمہٕ چھیہٕ صرف کیہنہٕ مثالہٕ مگر یِیمہٕ اعتبارٕ چھیہٕ اہم زٕ
لفظہٕ وٕترِس منٛز ہشر آسُن چھُ سوچِکۍ درواز وٕتھی تراوان ۔ بابہٕ چھُ
اَسِ مانُن زِ اَتھ علاقس منٛز یِم لوکھ لسان بَسان چھِ تِم چھِ مادٕنی
علاقو پیٹھٕ اور لسنہٕ گامتۍ تہٕ کاشر زبان چھیہٕ مولہٕ لۄنٛی، یِیمہٕ
پیٹھٕ مختلف زبانو وۄزٕم وۄرٕد چھُ کوٚرمُت ۔ یہ زن تواریخی
سفرس ستۍ واٹھ چھُنہٕ کھبوان یہ گیہٕ تہٕ تِھے ہش کتھا زٕ وچھ کھِ
کھادن یارٕ پیٹھٕ واپس تہٕ ییٚہ اَسِ مانُن زِ آریائی زبان آستھ
تہٕ چھُ کاشرِ زبانِ اکِہ الگ آگرٕ نیب یِوان لیُس مشرقی ایرانس
منٛز چھُ ۔

گریرسن چھُ کاشرس تہٕ شِنا زبانِ ہندِس لفظہٕ وٕترِس
تہٕ سَنان تہٕ تقابُل کرٕتھ ہاوِتھ دِوان زِ یِمن منٛز کتھ حدس

تام چھُ ہشرٕ۔

| شٕنا | کاشُر | شٕنا | کاشُر | شٕنا | کاشُر |
|---|---|---|---|---|---|
| ژٕرکوٗ | ژوٗک | پھتوٗ | یٹہٕ | روٗش | رٕش |
| کون | کان | پاپی | پوٗھ | ما | ماس |
| شارو | ہرُد | بجہ | ستہٕ | چوٗپ | ژوٗپ |
| نلو | نیوٗل | شُڈرٕ[۱] | شرُ | ٹُپ | پھُٹ |
| شا | شاہ | گرُ | گرٕوٗن | دُنو | داند |
| وُنٹ | وُوٗنٹ | گو | گاو | کو | کاو |
| نٹ | نژھ | دلس | دوہ | مر | مرُ |
| دَر | دَر | شکوٗ | ہوٗکھ | کون | کن |
| بوٗشیال | بُشیلُ | ہتو | ہوٗس | اُچھ[۲] | اُچھ |
| مالو | مول | دِ | دِ | تتو | توٗت |
| مار | مار | باش | باشہٕ | چھون | چھوٗن |
| تنو | نوٗن | نوٗو | نوٗو | راتی | راتھ |
| دِش | دِش | پردنو | پرون | اُتھ | ودھ |
| رو | رو | ساتی | ستہٕ | کوم | کام |

۱ اُسی چھ وُنہ تہٕ یہِ لفظ ورتاوان شنن ہیوٗو وآتھ "شڈری گڈری" ہتھ

۲ گریرسن چھ اگر، لفظک کاشُر مبدل اگرُٹ، لیوکھمت یہِ زن دُرُس چھُنہ۔ گرُ لفظ چھ کاشرِکس معنیس منز آسی ازتہٕ ورتاوان۔

کتھِ زیٛچھِ دِنٛگ چھُنہٕ میٚہ کانٛہہ مَنٛشہ مگر اَکِس کتھِ کُن توجہ پھِرُن چھُم ضرۆری باسان زِ داریاہ تِم لفظ یِمَن ہنٛز شُنا صوٗرت گریٚرسنن درج چھیٚہ کرمٕژ تِم چھِ کُنہٕ تبدیلی ورٲے اَسہِ تَل دِیٚدِ تہٕ حضرت شیخ ؒ سٕنٛدِس کلامس منٛز نظرِ گژھان مثلن ہستو، توٗتو، ننو، دِش بیترِ۔ یِتھے پاٹھۍ ییٚنہٕ اَسی اکثر 'ستۍ' لفظ ورتاوان چھِ تہٕ چھُ کینژن علاقن منٛز وُنہٕ "ساتۍ" لفظ ورتاوس تہٕ یِتھہٕ پاٹھۍ چھُ اَسہِ بروٚنٛہہ پیٚٹھے کٲشرِس تہٕ شُناہس درمیان رِشتُک بے پناہ لگان۔ گریٚرسن سُنٛد یہِ دُن چھُ بِنہٕ جایہٕ سیٚٹھاہ اہم زِ ماہرِ لسانیاتن ہنٛدِ خاطرٕ چھیٚہ کٲشرِ سیٚٹھاہ اہم زبان، تہٕ کیازِ یہِ چھیٚہ واحد آریایی زبان یتھ یہِ صوٗرت چھیٚہ زِ تجزیاتی زبانہٕ پیٚٹھ ییٚس ترکیبی زبانہٕ ہنٛد روٗپ دِنہٕ۔ ہندوستانچ سارِوٕے کھوتہٕ پرانۍ دٲنِس تَل زبان چھیٚہ ویدک سنسکرت یتھ زبردست ترکیباتی صلاحیتھ آس۔

گریٚرسن چھُ پوگلی، سراجی تہٕ رام بنی زبانن کٲشرِ چے بولہٕ مانان، یِموٚ منٛز رام بنی بولہٕ پیٚٹھ ڈوگریُک اثر چھُ تہٕ باقے دۆن بولین پیٚٹھ مغربی پہاڑی غالب چھیٚہ گامٕژ۔ مگر کشتواڑی بولہٕ متعلق چھُ گریٚرسن لیکھان زِ یہے یاژ چھیٚہ کٲشرِچ اکھ صحیح بوٗلی۔ آواز تہٕ بُنیاز پیٚٹھ بحث کران چھُ گریٚرسن کینژن بُنیادی کتھن کُن سون توجہ پھِران۔

کینژو دۆہہ زُم لفظو درکے چھیٚہٕ کُنہٕ تہٕ جدید درد زبانہٕ منٛز تِمی اَچھر یِمَن شاہ ہیٚنہٕ ستۍ نۍ آواز نیرِ یٚلہٕ یِتھی اَچھر کُنہٕ لفظُک حِصہٕ آسن یا اَسی شہل اَچھر چھِ ڈسی پیوان تہٕ گھ چھُ اگ، جھ اَج، زِ، ڈھ، رِ تہٕ دھ تہٕ بھ چھِ ب بنان۔ سارِنے جدید

درد زبانَن چھِ آوازِدار اَچھرَن پیٹھ ژھَک زور کم کران یتھ پاٹھی گوڈے
اَتھ کُن اِشارٕ کرنہٕ آو۔ یژھ صورت چھےٚنہٕ خاص ہندوستانس منز مگر
کاشرِس چھِ یہ عام قاعدٕ۔

جدید درد زبانَن ہنز اَکھ خاص تہٕ زانٛنہٕ لایق خصوصیت
چھےٚ زِ آوازدار اَچھر چھِ اکثر گوہن اَچھرن منز بدلان یِیہٕ کنہٕ ج، ک،
جے، چھ، ڈ، ٹ، د، ٹ تہٕ ب یا و، پ چھِ بنان۔ یہ قاعدٕ
اُدِس تمہٕ ساتہٕ عام یِلہٕ پشاچی پراکرت بولنہٕ اَس یِوان۔ وقتس سٟتۍ
سٟتۍ چھِ وارِیاہ گوہن اَچھر توہن اَچھرن منز تبدیل گامٕتۍ یہ زَن زبانَن
ہنز ترقی سٟتۍ پیدٕ ن لازمی چھُ پوز تیوٗت کرِتھ تہٕ چھےٚ گوہن اَچھرن
ہنز وارِیاہ مثالہٕ وُنہٕ تہٕ ڈنجہٕ تہٕ دوٚیمین زبانَن نِش لفظ وِوزم انن
وِز چھےٚ یہ عمل بییہٕ شروع پیدان مثلن فارسی لکام لفظ بنیوو
کاشرِس منز "لاکم" تہٕ "کاغذ" بنیوو "کاگد"۔

'د' کِتھ پاٹھی چھُ 'ٹ' بنان تمِچ مثال چھُ سنسکرت
شوپدا یتھ کاشرِ پاٹھی ہاپت چھُ بنیومُت۔ یتھے پاٹھی چھُ سنسکرت
شوس کاشر "ہپھ" لفظ بنیومُت۔

کاشرِس متعلق یہ کینژھا گریرسن لیوکھمُت چھُ تتھ چھےٚ
زبردست اہمیت تہٕ اَتھ نظرانداز کرِتھ ہیکہٕ نہٕ کانہہ تہٕ کاشرِس
لسانیاتس پیٹھ کتھ کرِتھ۔ تمی سُند دعوی تہٕ دلیل چھُ تیوٗت وزن دار
یتھ پیٹھ بحث کرنہٕ خاطرٕ وارِیاہ وق تہٕ اَتھ سٟتۍ زبردست زانٛکاری

ہنز ضرورت چھیہ ۔ گریرسنن یمن سائنسی بُنیازن پیٹھ کاشر زبانی
پشاچ خاندانس ستی واٹھ چھُ دیمت سُہ چھُ معقول تہٕ قابلِ اعتبار
تہٕ اَمہِ خاطرِ یُس طریقہٕ تمیٛ پانہٕ نوومُت چھُ تمہِ لِش چھُ اَمہِ سارِنے
ہنٛچھن تہٕ مے سائنسی مزاز پانہٕ نادِتھ ہر گاہ کام کرنہٕ یِیہ سانہٕ
عُلمیکی نبہٕ دُندی ین ضرور گاشراونہٕ ۔ یِتھ رُود عقیدہ ۔ لِسانیاتکس
ماداس منز چھُنہٕ عقیدس کانہہ جاے ۔ زبانی پیٹھ کام کرن وِزہٕ
چھُنہٕ صرف لفظٕ دُترِچ سام ہینی یارٕ کانی ، بلکہ چھُ ایک صوتی
آہنگ ، ساخت تہٕ گرامرٕ تہٕ نظرِتل تھاوُن تہٕ پنُن نظریہ پیش
کرن وِزہٕ چھیہ گریرسنن اَکس شوٗدس عالمہٕ سندی پاٹھی سارے
کُنہٕ نظرِتل تھاومتٕ تہٕ کاشرس چھُ گریرسنٕ پانہٕ لوٗڈ دیُت سُہ
نظریہ ییمہِ کنہِ ایک تعلق پشاچ خاندانچن زبانن ستی ثابتھ
چھُ سپدان تہٕ وُنہٕ چھُ نیتھ کانہہ شخص پادٕ سپدنے یُس لسانی
تحقیقکی ساری لوازمات پوٗرٕ کرِتھ گریرسنس غلط ثابتھ کرِتھ
ہیکہِ یِتھ گے دعوا ختم کرِنس کُس ہیکہِ تھوٗر بنِتھ ۔

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

# کشتواڑی تہٕ گریرٕسن

## اکھ سام

تھدِین شیٖنہٕ بالَن تہٕ گنیٖن یارِ وَنَن منز باگ پاڈرچہٕ نیٖلم کھانہٕ ہمسایہ تہٕ چناب دٕریاوکِس بُٹھس پیٹھ واقع کشتواڑچ سرسایہ تہٕ خوٗبصوٗرت سرے چھیہٕ قدیم تہٕ وسطی کاشُر کلچرُک اکھ تہٕتھُے محافظ خانہٕ باسان یُتھ پانہٕ خوٗبصوٗرت کٲشر وسطِ ایشیاکِ میڈیول کلچرُک محافظ خانہٕ باسان چھیہٕ۔ یَتھ کالچہٕ کٲشرِ ہندِس دوٕتھنَس بیٚہنَس فکر انگیز راچھ تہٕ زیرِلب ترجمانی کرن والہِ کشتواڑُک رہن سہن وُچھتھ چھُ اَز تہٕ اُکِس عام کاشرِس پننُ پان یُتھ کالہکِس کاشرِس سماجَس منز واتان ہیوٗ محسوٗس سپدان۔ لِسانی سوٕتھرِس پیٹھ چھُ زبان شناسی ہنز رژھ کھنڈ

شوٗد بوٗد کھوٗن وول اکھ کاشُر کشتواڑی کتھ بوزتھ یوٚہے ہل دیدِ ہِنزن
ہم کال وِگنین تہٕ شیخ العالمؒ ہِنزن ہم کال یادن مرٚشن ہِنز ہشہِ کتھ اَتہِ
بوزان، خاص کٔرتھ اگر تس کانہہ وِگنہِ کُنہِ لَبِس گوٚبہِ زِنہٕ بور ہیتھ وطنس یہ
گبوان گبوان یِنہِ غمُک بور لوٚشراوان وُچھنُک موقعہٕ میلِس زِ ع
سوندرہٕ میانیا کشتواڑا تھکہ تہٕ اُسن دلیش یا اگر الغاٰبہٕ پڑھی وِگنہِ ہِنز
کانہہ ولِس بالہٕ پارس ییمہِ آیہِ یِنُن نیب وَنان باسیس زِ

سہ ژوڑنا بہ گرٛتھ ژرزہ مالے
چوگان بہ گندے ہالہٕ مدنو
میانہِ مدنو تے ہو

یوٚت تام کشتواڑی بولہِ ہندِ قداتُک تہٕ اَتھ موٗجوٗدہٕ کاشرِ
ماجہ بوٗلی MOTHER DIALECT قرار دِنہٕ کِین امکانن پیٹھ غور کرنُک
سوال چھُ بہ دِمہٕ نہٕ اَتھ پوگلی بولہِ پیٹھ اَمہِ رنگہٕ لِسانی ترجیح، تہٕ کیازِ
سو چھیہِ ییمہِ کِہ کھوتہٕ کہی یا زیادہٕ ناگن، پشاچن یا کھشن تہٕ آرین ہندِ
اکہِ ملہِ مشہِ ولوٗہارُک آنہٕ ہاوان۔ پَتھ رُوٗد یہِ سوال زِ پیٹھ پاڈٕھی پوگلی
بولہِ ہندِس معاطس منز نیل پڑہندرُک تہٕ کھرودِش ترگانُک لہجہ کُلہم
پاڈٕھی پرستان تہٕ مالیکامہٕ کِس مُشترکہٕ لہجس ماتحت زانُن چھُ ہیوان
تِتھے پاڈٕھی چھُ کشتواڑ سرِیہٕ اَندی نِکھی بلکہ بھلیسہٕ پیٹھ سرتھل دلوی تام
کِہن ہِندی گھرن منز بولنہٕ یِنہٕ واجنہِ کشتواڑی بولہِ ہند غالب
لہجہِ بلماڑکے لہجہِ مانُن ہیوان، تہٕ کیازِ اَندی نِکھی چھین بولین ہُند

کَم زیادٕ اثرپیٚہہ کِنہٕ چھُنہٕ کشتواڑیُک ٹھیٹھ انہار پلماڑ کھوتہٕ بیٚہتر پاٹھی کُنہٕ جایہِ نظرِ گژھان حالانکہ دڑاب شالس تہٕ پلماڑس درمیان واقع یِمَن گامن ہنٛز بوٗلی اَتھ مُطالعہس منٛز اہم آسنُک باس چھیٚپہٕ دِوان یِم چھِ وُس دار۔ بھنڈار کوٹ ناگ سین، کیشوان، پوچھال، گوہ درش ناگ، ترٛگام، شاہین بھتہٕ، لچھ خزانہ، ژیرہاڑ، سنگرام باٹا، بندرابن، ڈوٗل، ڈوگر، ٹھاکرآئی، بوہٕ مسجد تہٕ منا بیتر۔

دُس دار چھُ کشتواڑُک سُہ گام یُیتہٕ پیٹھٕ پتھ کالہٕ کیٚن وارِہیَن کشتواڑی کاروانَن ہنٛز وَتھ رُٹتھ حضرتِ شیخ العالم ؒ سُند مول سلر سٹر کٔشیر تران چھُ۔ یِتھے پاٹھی چھُ بھنڈار کوٹ کشتواڑُک سُہ گام یُیتہٕ پیٹھٕ عشہٕ مقام جایہِ مدفوٗن کٔشیرِ ہُند مشہوٗر وُلی یعنے بڈشاہ صأبٕن ہم کال تہٕ ہمنام ہیٚوٗ بزرگ زینہٕ شاہ صأب کٔشیرِ کُن ہجرت کران چھُ۔ یِتھیٚن تمدن ساز بُزرگن ہندِ کلامکہِ ذریعہ یِیہِ اَمہٕ برونٛھیٚن اَیاَن دوران صدی وادن کٔشیرِ ترٛیمتیٚن کاروانَن ہندِ ذریعہِ ییٚہہِ وِزہ وِزہ لار کرنہٕ آمتیٚن سہہ دیو تہٕ یعقوب ژَک ہِوین کأشرِن حکمرانن ستی کشتوارس منٛز پناہ ہینہٕ پتہٕ واپس کٔشیر ییٚنہٕ والیٚن کاروانَن ہندِ ذریعہِ چھیٚیہٕ کأشرِ مرازی بوٗلی خاص پاٹھی کشتواڑی بولہِ لٔتہٕ مُتأثر سپدان روٗزمٕژ۔ ویسے کشتواڑی بولہِ ہُند طرٕ امتیاز یعنے "چھُ" بدلہٕ "تھ" ورتاوُن یکطرف ترٛاوِتھ چھیٚیہٕ شُرُ تہٕ گُرٛ ہِوین لفظن منٛز "ر" آواز دوٕ تلاونہٕ رُنگی ژراہ بیٹھٕ ہماچل پردیشہٕ کیٚن تیساتہٕ چمبہ تحصیلن منٛز

بسن والین کاشرن ہنز بوٗلی کھیم پاٹھو اکہ انہار ہاوان تہٕ امہِ لحاظہٕ
چھِ لسانی مطالعک وسیع تر دایرِ کاشر زبانی ہندس معاملس منز بنگم
کڈلہِ ہیتھ سلہ دارِ کڈس تام خاص پاٹھو قابلِ توجہ بنان ۔ یِیلہِ اَسی یہِ کتھ
تسلیم چھِ کران زِ کاشر زبان چھےٚ اکھ سٹھٕہے پرٲنی زبان یہِ زبان چھےٚ
صدی وادن ییٚمِن زبانن ہندین اثرن تل یوان روزمرہ ۔ ییٚمہ کنہِ اکھ
لفظ راش سٹھاہ متاثر چھُ سپدان روزمت ۔ امہ پتہٕ اکمین لسانی امیٚزن
ہندین بنیادی انہارن چھےٚ تبدیلی سپدتھ ییٚمہِ تبدیلی آسہِ ممکن تہٕ
دوٕن گوٚو تِمن انہارن قدیم تر لفظ راشہٕ سان زرژھنک امتیاز دچھنہٕ
خاطرٕ پیٚیہ اَسہِ بہرحال قدیم کشتواڑی تہٕ قدیم تر پوگلی بولہِ پرٚزنہٕ پاٹھو
سنُن ۔ ییٚتہٕ تس خاص پاٹھو کشتواڑس نسبتھ گریرن ہندہِ مطالعہ کتھ
کرنہٕ برونٹھ چھےٚ زِ کتھ وَنہٕ ضروٗری باسان ۔ اکھ یہِ زِ اگر اسی کاشرکین
قدیم تر انہارن تام واتَن یوٚہے چناب دریاوکین خوفناک کھنگرن تہٕ
بالن ہیتھ واقع زندر تہٕ باگا ناوچین دوٕن بالہِ کولن تام واتُن ہیکو فرض
کرتھ ییٚلہِ ہیکو اَسی "چھ" بدلہِ "تھ" تہٕ "ر" بدلہِ "ڑ" ورتاوہٕ کین انہارن
دیتھ ہندین پانژالی اگرن ہندہ آب دِیتھ لیُس ودہِ زبانن ہندین
حملن ستہِ ہشر تھوٗن والین روٗد چھلین ہند ذریعہ گژھ رنگہِ بالہِ کولن
منز گوژن چھُ ہوان تہٕ یتہٕ لیُس رَبہ رَبہ ہمان تہٕ میدانی علاقن منز
دستھ شوٗد تہٕ صاف بنان چھُ ۔ دوٚیم کتھ پیٚیہ ییٚلہِ یہِ مانُن زِ "تہٕ تھ"
ہشن آوازن ہند صوتی ارتقا یا پھوہریہِ ہیتھ پینجارس کن یکن چھُ

بالہٕ کوٚنؠ ستؠ ییٚپر وُسِتھ تیز نوکل کنٕین ہُند گول آرِ کنہٕ بنک ہیوٚعمل
باسان ییٚمہ کِنہٕ خود کنہٕ ہُند یہ جواب تہٕ پوٚز مانٕ پیوان چھُ زِ کُنہٕ گول
کِتھ پاٹھۍ بنےٚ تیکھ دوٚیپنکھ ڈُلہٕ گرٛٹھو گرٛٹھو۔ ڈُلہٕ گرٛٹھو گرٛٹھو گول بنِکس
وِلوہارس کُن توجہ کران تہٕ ییٚمن اَسہٕ زٕ درجہ مقرر کرٕنۍ ییٚتھ تحت میانہٕ
اندازہٕ موجُب کشتواڑی بولہٕ قدیم آسہٕ باوجوٗد کم قدیم بوٗلہٕ تہٕ پوگلی بولہٕ
بہرحال قدیم ترٕ بوٗلہٕ دِنہٕ ییٚیہ۔ ییٚژھ ہِش رٲے گٔنس کانہہ دیٚژھنے
کرٕنہٕ بجایہ روزِ بہتر کشتواڑی بولہٕ ہِندِس سماجی پوٚت منظرس
نِسبتھ گریرسنس نِش نظر انداز گٲمژ سوکُتھ بروتھ کُن اَنِتھ یوٚپ
ییمن دوٚن قدیم بولین سنٛزہٕ ستؠ وۄتلان چھِ ییہ لہاذا کرہ بہٕ گریرسن
ہِندین خیالاتن کُن اکی ژھالہٕ ترٛنہٕ خٲطرٕ صرف اکھ درجن ژھوٚٹۍ
کٲشرۍ جُملہٕ جدید پیٹھہٕ قدیمس کُن یا معلوٗمہٕ پیٹھہٕ نامعلوٗمس کُن
گژھنہٕ کِس اصوٗلس تحت کشتواڑی تہٕ پوگلی جُملن لرِ تھوٚتھ پیش
یُتھ زِ ن تہٕ ہِندِس زبان شناسی ہِندِس صلاحیتس کشتواڑیک مطالعہ
محض پننہٕ زبٲنۍ ہِنٛدِ ییٚتھ کالک مطالعہ باسہ۔ اَمہٕ ترتیبہٕ موجُب
چھُ گوڈ کٲشر جُملہٕ پتہٕ کشتواڑی تہٕ پتہٕ پوگلی جُملہٕ تگہٕ تگہٕ تھونہٕ یوان
ییٚتھ پاٹھۍ:۔

| | کٲشر جُملہ | کشتواڑی جُملہ | پوگلی جُملہ |
|---|---|---|---|
| ۱. | اَسی گرٛٹھو بازر | اُہی گٕژھو بازار | اس گرٛٹھم بازرٕ |
| ۲. | ژیٚ کیا چھے کلس گوٚنڈمت | ژیٚ کیا چھیتھ ہوشیر گوٚنڈمت | تہٕ کُت چھُ لوٗٹھس گوٚنڈمت |

| کاشُر جملہ | کشتواڑی جُملہ | پوگلی جملہ |
|---|---|---|
| ۳، اُسی چھ ژور بێنہِ تہٕ زٕ بأے | اُسی تھ ژور بێنہِ تہ زٕ بھایہِ | اس چھِیم ژور بێنہِ تہٕ دہٕ بارٕنی |
| ۴، مول چھُ کنُٔے زوٗن زٕنِس گومُت | مولوٗتھ اکھُے ژوٗڑٕن گیوٗمت | بوب چھُ ییکلے کاٹھن گومت |
| ۵، موج چھےٚ نیچوِس ژوٗٹ کھیاوناوان | ماجی تھ بوٗکتس منجی کھاون | ماں تھِ بکٹس منڈی کھاولتہٕ |
| ۶، آسمانس پیٹھ چھِ ہے نارکھ نظرِ یوان | نبس پیٹھ نھٕزی ٹارٕ نظر یوان | اسمونس پانتھ نھٕدی تارگن پشنہٕ ییتہٕ |
| ۷، فِکرمہٕ کرٕ اُسی واتو صُبح سلی | فکرموکرٕ اُسی واتو ژٕزی (یا شہٕ ںگری) | فکرماکرِہ اس واتم رچی (یا ہگیے) |
| ۸، تو ہٕ کیتیاہ گیُن چھو | تو ہٕ کرُشا گو تِژ چھو | تُس کتنکھ گوترِہ چھِ |
| ۹، اَز چھُ دوٗد بڈٕہ دزٕوٗگ | ازتھ دُد بڈٕہ دُزٕگ | از چھ دُد بڈی دُزگ |
| ۱۰، تمن دوٚن چھ یژکالہ پیٹھ جگڑہ چلان | تمن دوٚن تھُ واراہ کالُک جھگڑہ ہنٹھن | تینوٚن دِن چھُ ہگے ہیئن جھگڑہ چلوتہٕ۔ |
| ۱۱، کالِکیتھ چھُ اَسہ امتحان شروع | ژٕ دٕس چھُ اسہ امتحان شروع | پونڈس چھُ اسن امتحان شروع |
| ۱۲، ژٕ چھکھ بڈٕ قابل مہنیو | تہٕ تھکھ بڈٕہ قابِل مہنو | تہٕ چھوس بوڈ قابِل مہوٗن۔ |

تلنون یوٗہے ترٕہم جمُلہ گریرس ہند مطالعہ کٕس تناظرس منز۔

خاص کرِتھ اکی گوڈنکی زٕ تہٕ ترٕیم اکھ لفظ یم کاشرِس منز ژٕ چھکھ بڈٕ قابِل مہنیو۔ کشتواڑی یس منز تہٕ تھکھ بوڈ قابل مہنو تہٕ پوگلی یس منز تہٕ چھوس تہٕ بوڈ قابل مہوٗن۔ تقطیع کرنہٕ یتہ ننیو اَسہ گوڈنیتھے زٕ کاشرچ ژٕریہٕ آواز چھیہٕ ہند آریائی کیو ہند یوٗرپی تہٕ سامی زبانن ہنز۔ آوازِ ہنز نعم البدل SUBSTITUTE آسنچ حیثیت تھوان تہٕ امیک ثبوت چھُ اسہٕ تہٕ حرفس

پیٹھ ختم گژھن والین سنسکرت، عربی تہٕ فارسی بیٹھ رٹمتین لفظن
کاشرِس منز واحد جمع (یا NUMBER) تہٕ مذکر مونث (یا GENDER)
بناوُن وِزِ تہٕ میلان مثلاً زیٹھ رات وُنتھ زیچھ راژ یا اکھ دوات وُنتھ
داریاہ دوازٕ وَننہٕ یِتی۔ دوٚیُم لوگ اَسہِ یہِ باس زِ سیکنڈ پرسن یا حاضر ضمیر
کیو جمع صیغو خاطرٕ تہٕی تہٕ تہند لفظ ورتاوِتھ چھِ اُسی ژٕ یہٕ علاوٕ تہٕ آواز
تہٕ ضمیر مفہومس اندر کاشرِس منز کُنہٕ حدس تام PARTLY ڈنجہٕ تھوٚوتھ۔
ترٛیُم سپُد یہِ اندازٕ زِ یُس فعل اضافی یا AUXILIARY VERB
ژٕ یہٕ آوازِ ہندی پاٹھی کاشرِ زبانٕی ہُند امتیازی نشانہٕ "چھُ" شکلِ منز
زانہٕ چھُ یوان، سُہ چھ کشتواڑِ یس منز خاص پاٹھی "تھُ" بنان یتھِ
زن پوگلی یس منز تہٕ یہِ گاہ بگاہ "تھُ" بنان چھُ۔ ژوٚرم سپُد اَسہِ یہِ
اندازٕ زِ کاشرِس منز پوٚرٕ زیچھر سان ورتاونہٕ یِنہٕ وول مہیو چھُ کشتواڑی
بولِہ منز اُڈہنا ژھوٚٹِھتھ موہنوُ تہٕ پوگلی بولِہ منز پوٚرٕ ژھوٚٹِھتھ موٚہن بنان
گریرسن چھُ کشتواڑی تلفظ کِتھ کران "لنگوسٹک سروے
آف انڈیا" جلد ٨ صفہٕ ژٕ ہس منز مہیو لفظس موہنوُ بننس کشتواڑیک
بعضے ثُلی آوازٕ یا VOWEL ژھوٚٹوِنک رجحان زانان تہٕ مثالہٕ
پاٹھی دلیک دِش تہٕ مہنوک موہنو بنٕ پیش کران حالانکہٕ یہٕ وُنتھ
چھُ سُہ اوٚرٹے پٕرزر حاطہٕ بند کرِتھ ہیوٚکمُت اَمہٕ رنگہٕ زِ واو تہٕ بے
ہٕشن کُلی آوازن یا کانسونینٹن یِتی چھُ کشتواڑیُک اکھ بدوُن تہٕ
مختلف ویوہار نظر گژھان یُس یتہٕ کاشرِ بیین بولین تہٕ متاثر کران

چھُ گومُت۔ مثالے واوِچ کتھ کران چھُ ہند آریائی زبانَن تہٕ ہند یورپی لسانی قبیلن ہُند قدیم رشتہٕ یاد پاونکہٕ انمانہٕ انگریزی کِس MAN لفظس نکھ یوگی بولہِ ہُند موہن لفظ باسان۔ مگر یتھین واریاہن یوگی انمانہٕ ٹھیٹھ لفظن کاشُر آے دِنہٕ خاطر کوٚر کشتواڑی بولہِ "پوٚنتسُ" واوٕ آوازہِ ہُند اضافہٕ مثلاً موہَن بنیو و موہنوٚ یس بُتھہٕ یہَن ٹھیٹھ کاشرِس منز مہنیو بنیو و۔ واو کانسونینٹہٕ کرِ اضافچہِ زِ زوٚر مثالہٕ یوٚدوٕ اُسہٕ ہمسایہٕ زبانن ہُند اثر ہاوِنہٕ رنگہٕ بٹہٕ مالِنس بٹہٕ مالو، واٚلِس واٚلو احمد ولد لسہٕ ناوس احمد وولدِ لسو تہٕ "بٕ لفظس" بوٚ" تلفظ کرناوتھ ع مُشراوتھس جانانہٕ تریہ کریاد یمیٚ بوو ہوی نغمہٕ گیوناوان چھُ۔ اما پوٚز لسانی ارتقاچ کتھ کران چھیہٕ اَسہٕ اَمہٕ رجانہٕ چہِ بے شمار مثالہٕ حضرت شیخ العالمؒ ہندِس کلامس اندر تہٕ لبنہٕ یوان یم براہِ راست کشتواڑی بولہِ ہند اثر کٲشرِ منز عام کرنچ حیثیت تھوان چھہِ۔ ہٕنزِس آبٲئی سِلسِلس، ہٕنزِس اَکِس خلیفس تہٕ ہٕنزِس نظریس نسبت اظہار کران چھہِ تم فرماوان۔

ع ؎ دُزِ تپا سنزِس سیٚے یٚلہِ ووتوٚ
یوٚت پتہٕ روٗدُس رنگاسنز
رنگاسنز یٚلہِ رَن منز مُرد
پتھن روٗدُس ہنزہِ سنز
ہنز سنزِس سنت کُنی دِتوٚ
اکھ سنت روٗدُس گرزا سنز

گرزاسن بس سلر تہٕ سُلوٗ
سُلرن بہٕ چھس نُندا سنز

---

۵ زینہٕ میون اوس امرتہٕ گوٗرو
گو گورس تہٕ ژاٹھا ژرٗ روٗ

۶ آنگن ناد کران چھو ہونوٗ
بایو یانبو نہو شُنزتو
یمہ ییتہٕ ووٗوُ تمہٕ تتہٕ لوٗنوٗ
ہون چھوٗ کران وٗد باوٗ

---

امہٕ کلامچ مختصر تقطیع چھےٚ حاضر۔ سے یٚلہٕ ووت۔ بجایہ سے یٚلہٕ دوٗلوٗ۔ موٗد بجایہٕ موٗرٗدٕ۔ (بیتھ کُن بجایہٕ بیتھن) کمہٕ دیُت۔ بجایہٕ کمہٕ دِتوٗ سُلہٕ بجایہٕ سُلوٗ۔ امربت گوٗر بجایہ امرتہٕ گوٗرور۔ ژوٗر بجایہٕ ژوٗروٗ۔ ہون بجایہٕ ہوٗنو (بوٗزتو۔ بجایہ شُنزتو) ڈو بجایہٕ دوٗوٗ تہٕ لوٗن بجایہ لوٗنو۔

ادبی سوٗتھرس بیٹھ ہکو اَتھ شاعرانہٕ مجبوٗری تحت لفظن بدلاونہٕ آمُت آے تہٕ وُنتھ مگر لسانی سوٗتھرس بیٹھ چھُ یہٕ اکہٕ فالتو واد آوازٕ ہند حیثیتہٕ قابلِ توجہ بنان۔ اَمہٕ آیہٕ فالتوٗ ے" ورتناونُک رُجحان تہٕ چھُ کاشرس کشتواڑی اثرکے دیُت باسان۔ مثلاً کلامہ شیخنی

اندرے گئے، یوّہے تہ رٹے لفظن پوّتس یٔیمہ آیہ لگۄون "یے"

گہلہ ونہ زن گیم گئے، بتھ ییٔپے موّٹھ تار
تہ ژھکھ اند تہ اتھ کوٚے رٹے بار خدایا پاپ نوار

حالانکہ حضرت شیخسؒ اوس ونُن گہلہ ونہ زن گیم گژھ بتھ آم یپ تہ موّٹھ تار ۔ تہٕ یلہِ اندکن بہنتھ وچھان روز ہم تیلہ کس رٹہ مے اتھ بار خدایا میانی پاپ بخش ۔ لفظس پوّتس لگہ ونہ "یے" آوازِ چھ کاشرس منز کشتواڑی بولہ ہندی پاٹھی اکہ حرفِ ندا ہُک یا ناد لاین والہ حرفک درجہ تہ حاصل تہ زن گوو یتھ اسی مُذکر اسمن آلو دنہ خاطر الف حرف یا واو حرف ناوس پوّتس لاگان چھ مثلاً سُلا، لسا یا سُلو، لسو تہ مونث اسمن آلو دنہ خاطر ناوس پوّتس "یے" آوازِ ہند استعمال سپدان ۔ ٹاٹھنیار یا ہرلہ سان آسہ ونُن تہ لوکٹہ "یے چہ" آواز منز ۔ اوبر گوبر تہ تاکیدہ سان آسہ دنُن تہ بڈ یے چہ آوازِ پیٹھ دیاو تراوتھ ۔ مثلاً لوچی، ولیسی، موجی نتہ لوچیے، ولیسیے، موجیے بیتر "ڑ" تہ "تر" آوازِ نسبتھ تہ چھ کشتواڑی بولہ ہند ولیوہار کینژن صوژن منز عام کاشر تہ پوگلی بولہ کھوتہ رژھا مختلف ۔ تہ زن گوو "ڑ" آوازِ ہندس بابس منز چھ یہ مراز کین گرڈ تہ کوڑ لفظن رژھ کھنڈ تیزراوتھ شہر سرنگرکہ آیہ "ڑ" ہیچ لڑکہ یا لڈآے لفظن ہنز ۔ ہش آواز کڈان ییلہ زن لوگلی بولہ منز یہ آواز "ڑ" کین سرحد نے منز ۔ تھدان چھیہ بلکہ باقے ہند آریائی اثر سان مثلاً گھرط تہ کرڈی ونتھ ۔ بیتھے پاٹھ یوّدوے

عام "چ" آواز "ژ" ہس منز بدلاونک رُجحان کاشرِ کی پاٹھی پوگلی تہ کشتواڑی دۄشونی منز اکی تنوبہ لبنہ یوان چھ مثلاً چادر بدلہ ژادر، چلنا بدلہ ژلُن، چھنا بدلہ ژارُن، چور بدلہ ژور بتیر مگر گیٔشن جاین چھ کشتواڑیس اییک رُجحان غالب آسنک باس لگان مثلاً پگھہ لفظ خاطرِ بیٹھ کنہ درج جملن منز لوگلی رچی بدلہ رٔژی ورتاوُن سنسکرت زاو زبانن منز شین تہ آواز اکھ اُکس بدلہ ورتاونہ ینس متعلق تہ چھنہ کشتواڑی بولہ ہند کاشرس تہ پوگلی بولہ ستی مطابقت نہ تھون وول دلوہار گریرسنن محسوس کرتھ ہیوکمُت مثالہ پاٹھی پوگلی بولہ منز شو ییتھ دنہ برعکس کاشرِ پاٹھی کشتواڑی بولہ ہند ہیتھ لفظے ورتاوُن اماپوز کاشر چھ کلہ ہیر ونہ بجایہ کشتواڑی بولہ منز شیر لفظ ورتاوُن مگر اتھ برعکس کشتواڑیس منز "لوزی تو" خاطر کلام شیخ العالمؒ منز ورتاونہ آمت شُنزتو "لفظک" ورتاو کم کرتھ لوزتو لفظ ورتاوُن ییلہ زن پوگلیس منز امہ خاطرِ ہنو یا خدا رچھن ورم کھنکہ منہومہ سان ہتھا ہیو لفظ امہ خاطر ورتاوُن۔ مگر ییتہ تنقید کرنہ برونٹھ ییتھ کن اشارہ کرُن تہ چھ لازمی باسان زِ کشتواڑیک مطالعہ کرُن وزِ چھ گریرسنس بالواسطہ کشتواڑی بستی منز۔ گژھنک موقعہ میلنہ بجایہ ثانوی درجہکس تحقیقی موادس پیٹھ انحصار کرُن پیومُت۔ مثالہ پاٹھی رایل ایشیاٹک سوسائٹی ہندِ طرفہ شایع کرنہ آمژ گراہم بیلی ہنز کتاب "THE LANGUAGES OF THE NORTHERN HIMALAYAS"

یا امہ بیتہٕ خوگراہم بیٛلی ہستہِ طرفہٕ تہٕ کشمیر دربارکہِ طرفہٕ میٛسر سپدٕن وٲلی کیٛہنہٕ نوٹ۔ تاہم گژھاہ قابلِ تعریف چھیہ یہ کتھ زِ گریٛرسن ہندی انداز چھنہٕ تمہ تنوظرنشہٕ ڈلیمتی یُس کاشرٕ چھن پرٛژھن قدیم بولبن ہندِ مطابق کوٚنز امہٕ کس ہند آریایی زبانو کھوتہٕ مختلف گرامرس قرار دِوان چھُ۔

حالانکہِ کشتواڑی بولہِ ہند وٲرٲگی جُملت IRREGULAR SYNTAX چھُ تس کتہِ کور پریشان کران۔ مثلاً کاشرِ خاطرٕ تسلیم کرنہٕ آمتہٕ SVO لفظ ترتیبہٕ برخلاف یتھی ہوی SOV لفظ ترتیبہٕ وٲلی جملہٕ بوٚزتھ

۱، تتھ ٹکس منز وۆتھ دژاگ وَننہٕ بجایہ تتھ دیٖسس منز کال پیوٚو۔

۲، مانزِ اکھس لاگس واج بجایہ مانزِ منھس آنکھچ لاگس

۳، تمی دوٚپ ننس دِلس ستی بجایہ تمی پننس دِلس ستی زوبن

۴، میٛہ کوٚرنہ زانہہ چانس ٹکس ادل بدل بجایہ زنتھ زانی ٹکس ادل بدل نہ ہنٹھس بیتر۔

کشتواڑی جُملیچ مجموٗعی صوٗرت حال چھنہٕ یہ بلکہ بوٚزو اُسی عام کشتواڑِ بن رَنش ییٚمے جُملہٕ ییمہِ انہنہٕ تہٕ۔ تتھ دیٖشس منز پیوٚو کال۔ مانزِ ہنتھس لاگس آنکھچ تہٕ تمی زوٚب پننس دِلس ستی بیتر۔

یہ شاذو نادر وٲہار چھُ ستھے یُتھ لفظ راشگ شاذو نادر وٲہار کشتواڑیس منز اُچھ بجایہ اَچھ، ییٚتی بجایہ اِتی، چھانُ بجایہ زاژن، سرانہٕ بجایہ ناوٚن، دوہ بجایہ دوٚس، لوسنہ بجایہ درگن، آنکار بجایہ

انکار یا الوپ بجایہ الوپک منز ظاہر چھ کران ۔ بیتہ گریرسن یمہ کتھ ہند صحیح

انداز لاگان چھ زِ کاشرس منز یمن لفظن عام پاٹھی پوتس پتہ آواز

لگان چھیہ تمن چھنہ کشتواڑی یس منز اکثر یہ آواز قایم

روزان مثلاً بہ کھیمہ بتہ بجایہ ونہ تہ بہ کھیم بت ۔ یتھے پاٹھی گر

بجایہ گھر، اتھ بجایہ ہتھ ۔ حالانکہ یہ صورتِ حال تہ چھنہ مستقل پاٹھی

پرتھ لفظ سلسلس اندر اتھ لوان، کاشرس برعکس چھ کینژن لفظن

پوتس کشتواڑی تہ پوگلی بولین منز ؎ آوازِ ہند اضافہ سپدان یتھ کن

گریرسنن صحیح توجہ چھنہ کرِتھ ہیوکمت مثلاً اول بجایہ اولُ ونن ۔ ونن

بجایہ اشنہ ونن ۔ اوڈر بجایہ اوڈرُ تہ ادم بجایہ اوم بیتر ونن ۔

یتھے پاٹھی بیتہ گریرسن کشتواڑی یس منز کینژن لفظن ہندس ژھوٹراونہ

پتس اکھ رجحان زانن چھ ہوان شالے تولُ بجایہ تولُ ، پونی بجایہ

پنی، وتھرن بجایہ آتھر، ژھاول بجایہ ژھیل ، تراس بجایہ تراہ ، تارکھ

بجایہ تور یا تور تہ جاناوار بجایہ جانور بیتر ۔ تہ چھنہ گریرسن اتھ رجحانس

کن توجہ کرِتھ ہیکان زِ کاشر برعکس چھ پوگلی بولہ ہندی پاٹھی اتھ منز

بیین ہند آریایی زبانن ہتی رلہ ونن ؎ آے نظر گژھان یس کینژن

کاشرن لفظن ونہ زیچھر سان یا منزم vowel زیٹھر اوتھ درتاونک

رواد دور چھ مثلاً یزمن بجایہ یزمان ۔ زامتر بجایہ زاماتر، مہرینی بجایہ

مہارینی تہ مہراز بجایہ مہاراز بیتر ۔

البتہ چھ گریرسن یمہ کتھ ہند صحیح انداز لاگان زِ کاشر

زبان یؠ۪دوے۔ بحیثیتِ مجموعی دوشہٕ بھ، جھ، دھ، ڈھ، ڑھ تہٕ گھ
ہشہٕ ہکاری آوازٕ ورتاونس رٚوادور چھےٚ باسان۔ اما پوٚز کشتواڑی بوٗلی
چھےٚ پوٗگلی بولہِ ہندی آیہٕ یمن ہکاری آوازن وُنہٕ پوٗرٕ پاٹھی ادا کرِتھ
ہیکان مثلن تِم وَنن تی یہ گاندھی بھون اردوٗ رسم خطس منز پرنہٕ ییہٕ۔
اَتھ سلسلس منز چھےٚ گریرسن ہنزٕ یمہٕ کیہنہ کتھ قابلِ توجہ بنان ییلہٕ زٕ
وُنان چھُ زِ کشتواڑِک (گرمکھی آیہٕ رایج) رسم الخط چھُ شمالی پنجابہٕ کس
ٹکری رسم الخطس سیتؠ رلان۔ اَمہِ خطچ صوتی علامژٕ چھےٚ سیٹھے ناقص
بلکہ پریتھ رنگہٕ نامکمل۔ خاص کرِتھ چھےٚ لفظس منزس ینہٕ وٲلی صوتی علامژٕ
یا MEDIAL VOWELS ورتاونس منز ٹھوٗس پوان۔ تاہم چھےٚ زیچھ صوتی
علامژٕ ژھوچنٕ صوتی علامژن ہنزی شکلہِ تحت ورتاونہٕ یوان۔ اَتھ
سلسلس منز چھُ گریرسن کُلہِ آوازو "ج" تہٕ "چھ" آوازٕ ہُند خاص ذکر
کرِتھ وُنان زِ کاشرِس مقابلہ چھےٚ بعضے یمہٕ "س" تہٕ "ز" آوازن منز
دوٚتلان باسان تہٕ بعضے "ژ" تہٕ "ژھ" آوازن منز۔

گریرسن چھُ پننہٕ تحقیقی وَرتہٕ منز حایل مشکلاتو باوجود یمہ کتھہِ
ہُند تہٕ صحیح نشاندہی کرِتھ ہیوٗکمُت زِ کاشرِس برعکس چھُ کشتواڑی
بولہِ منز تِم لفظ ہکاری آوازن منز بدلنہٕ درآے ادا کرنہٕ یمہ
وُنہٕ موجوٗد یم پ، ت، ٹ تہٕ ک ہوٗن یا CONSONANTS
کُلہِ اَتھر آوازن بیٹھ ختم گژھان چھہِ۔ یم آوازٕ چھےٚ کاشرِس منز
اکثر ہکاری آیہٕ ادا کرنہٕ یوان۔ مثلاً رات بجایہٕ راتھ، دولت بجایہ دولتھ،

پاک بجایہ پاکھ تہٕ پوشاک بدلہٕ پوشاکھ وَنہٕ کِس صوٗرتس منز۔
کلٲم پاٹھۍ چھُ گریرسن سُند کشتواڑی بولہِ نِسبتھ مطالعہٕ اکہِ
پرٛزلونہٕ میلہٕ کنہٕ ہنٛز حیثیت تھوان۔ سُہ چھُ کشتواڑی کأشرِچ ماجہ بولۍ
مانَنۍ یا نہٕ مانَنۍ فاصلہٕ بہر حال پَرن والین پیٹھے تراوان یُس تِمَن ہنٛدہٕ
احتیاط پسند ماہرِ لسانیات آسنۍ اکھ بوٚڈ ثبوت بابسالہٕ چھُ۔

پروفیسر محمد اسداللہ وانی (جموں)

مترجم :۔ سوم ناتھ پنڈت

# سرٲجی بوٗلۍ تہٕ گریرِ

بوزوٕے تہٕ ریاستہٕ جموں وکشمیرس منز چھیٖ واریاہ زبانہٕ بولنہٕ یوان مگر یوٚتام ضلع ڈوڈہک تعلُق چھُ اتھ ہیٚو واریاہ پاسل لسانی خطہٕ آسہٕ خال بیٚیہٕ کانہہ۔ یتیٚہ کاشُر، ڈوگری، رام بنی، پوگلہٕ، سرٲج، کھشالی، کشتواری، پاڈری، بھدرواے، گجری، پنجابی، گدی بلیسی تہٕ بیٚیہٕ واریاہ بولہٕ بولنہٕ تہٕ سمجھنہٕ چھیٖ یوان۔ یمہٕ بولہٕ بولن والی اگرزن بیٚنہٕ بیٚنن دٲیرن منز یمن بولین ماجہٕ زلو زاٲنتھ یولان چھِ مگر شعوری تہٕ غار شعوری سوٚتھرس پیٹھ چھیٖ یم ریاستچن دوٚن اہم کاشُر تہٕ ڈوگری زبانوٚ ڈٕی یتھ قدمس پیٹھ متاثر سپدان روزمژ۔ یوٚدوٕے یمہٕ بولہٕ گوڈٕے شروٗکیمژ آبہٕ گرددٕن چھِ یمہٕ ہُنہٕ

ہَنہِ وارٕ ژھوکان تہٕ کاشُر یا ڈوگری زبانَن منز زم گژھن ہوان
اکھ وقت اوس یُس تہٕ یِیلہِ زن پانژاہ اُپار سِراجی، ڈوگری، رام بنٕ
تہٕ بھدرواہے بولن والی کاشر زبانی نِشہِ خاصکر ناواقف آسی مگر
دونی چھِنہٕ سو حالتھ یم لفظ چھِنہٕ کاشرِ زبانی ہندِ بجرٕ باسیتھے
یوت لیکھنہٕ یِوان، بلکہ یہ چھُ اکِ حقیقژ ہند اعتراف تہٕ مثالہِ
پاٹھی ہیمہٕ بہ ضلع ڈوڈہٕ ہکین دون گامن مرمت تہٕ کیلڈرُ ہند
ناو، ییٚتہٕ میہٕ لوکچار چھُ گسودمُت۔ تتہٕ آسی میانی لوکچارکی دوس
میانِس کاشُر بولنَس پیٹھ "زبان یارِ من ترکی ومن ترکی نے دانم" ڈیٚھ
ٹھٹھ کران۔ مگر از چھِ یمنے گامن ہندی روزن والی کاشُر کران
تہٕ پرٕی ہیٚتہٕ لیکھمتہٕ لوکھ چھِ امکس ادبس پیٹھ تہٕ نظر گزر تھوان۔

اَتھ وِیچھٕ پوچھ تبدیلی یِتہٕ کنہٕ یم تہٕ عوامِل کارفرما آسی تم چھِ
پرٕزی پاٹھی تھیکنی لایق۔ مگر یمَن لوکچَن لوکچَن بولین ہندِ اَتھ واپہ
ییٚتہٕ اکھ بڈٕ زبان بارسس چھیہٕ یِوان تمن تحفظ کرُن چھُ حدِ روس
ضروری تاکہِ یِتہٕ والس وقتس منز روزِنہٕ یہ کتھ محض اکِ افسانہٕ
ناوِی زِندہ۔

جارج گریرسن چھیہٕ سائنس ملکس منز زبانَن ہندِ تحفظچ
تہٕ تحقیقچ مثال قایم کرمژ۔ اُمِ ہنز یہ کینژھاہ کام ییتھ تہٕ
صورژ منز اَسہِ نِشہ چھیہٕ سو چھیہٕ سانہٕ باپتھ اکھ روشن گاشہ
مُنارچ حیثیت تھاوان۔ ہندوستانی زبانَن ہندِس تحقیقس

متعلق چھ اُمُنْد ناو سرفہرس۔ اَٹھِن جلدن منز "لِنگوِسٹِک سُروے آف انڈیا" ناوی کتابہ منز چھ اَمی ہندوستانچن زبانن ہند تفصیلی جایزٕ ہیوٚتمُت تہٕ یتی چھُن لسانیاتکس موضوعس پیٹھ کام کرن والین ہندِ باپتھ بُنیادی مواد فراہم کوٚرمُت۔ یہٕ کتھ چھیہٕ وکھ زِ گریرسنٕہ ہندین خیالن تہٕ نظریس ستی ہیکن اختلافچہٕ واریاہ گنجایش آستھ مگر یہ کتھ چھیہٕ تس شخصہٕ ہنز کام ییمہ ہندِس دلس گریرسنٕہ بند تحقیق ڈسی خیالاتن وُتش لگہٕ۔

گریرسنن چھُ "لِنگوِسٹِک سُروے آف انڈیا" ناوی کتابہٕ ہندس اوٚٹھمِ جلدکس دوٚیمس حصس منز درد زبانن متعلق تفصیلی بحث پیش کوٚرمُت تہٕ کاشر زبانی ہندس ژٕرس منز ییٚنہٕ واجنین زبانن متعلق خاطرٕ خواہ مواد جمع کوٚرمُت، یمن منز کشتواڑی، پوگلی تہٕ رام بنٕز علاوٕ سراجی تہٕ یوان چھیہٕ۔

سراجی چھیہٕ تحصیل ڈوڈٕکین وارِہن علاقن ہنز بوٗلی۔ یہٕ علاقہٕ چھُ چناب دٕریاوکہٕ بٔھٕ پیٹھ پوگلی تہٕ رام بنٕز بولن والہٕ علاقہٕ پیٹھٕ شروع سیدٕتھ کشتواڑ تانٕ واتان۔ راج گڈھ، ٹاپ نیل، چک کنڈی دلیہ، بھاگواہ، بجارنی، کاستی گڈھ، سزان تہٕ بھرت ہوین بڈین دِہاتن منز بولنہٕ علاوٕ چھیہٕ وارِہن لوکٹین موکٹین گامن ہندی ہندی تہٕ مسلمان یہ بوٗلی بولان۔ خاص ڈوڈٕ نگرس منز تہٕ چھِ یہ بوٗلی بولن والی کینہہ آباد۔ سنہ ۱۹۶۱ء چھِ

مُردم شُماری منز یِتھ کیہنہ محقق اعداد شمار زِٹگ زیادٕ مستند تہٕ صحیح مانان
چھ، چھُ جموں کشمیر ریاستچن زبانن ہند تنوسب شایع سپدمُت،
یِمہِ موجوب کاشُر بولن والین ہند تعداد ۵۴ ٪ فی صدی چھ یِتھ منز
۴۱٪ فی صدی کھوتہٕ زیادٕ حصہٕ سراجی زبان بولن والین ہند چھُ۔ گریرسن
سِندِ ۱۹۱۱ئہ کہ رپوٹکہ حوالہٕ موجوب چھیٚ یہٕ زبان بولن والین
ہُند تعداد ۱۴۷،۳۲ یِتھ منز ڈوڈی بولن واکی سَتتھ نفر تہٕ
شامل چھِ۔ یہٕ چھیٚہٕ پتاہ زِ گریرسنن کتھ چھُ ڈوڈی زبان ناو
دیتمُت۔ ممکن چھُ زِ ۱۹۱۱ئہ منز ما آسہن سراجی بولن واکی
صِرف سَتتھ نفر ڈوڈہ شہرس منز آباد تہٕ تہنز بولِ ما آسہ
تمی ڈوڈی ناو دیتمُت نَہٕ چھیٚہٕ امہِ ناوی کُنہِ تہٕ زبانٕ ہُند
اتھ ضلعس منز کانہہ تہٕ وجود۔

سراجی بولِ پیٹھ یُس تہٕ تحقیق از تام سپدمُت چھُ تتھ
منز چھُ گراہم بیلیس پتہٕ جارج گریرسنہٕ سُندُے ناو سرِفہرس۔
گراہم بیلین چھُ "دی لنگویج آف دی نارڈرن ہمالیاز" ناوی
کتابہِ منز امہِ زبانٕ ہند ذکر کورمُت۔ گریرسنن چھُ زیادٕ
تفصیلِ سان بحث کورمُت مگر ڈکھ چھُس گراہم بیلی سُندُے
ادسمُت، تہٕ کیازِ فضوٗل خرچ نیچو سُند حوالہٕ تہٕ بیٚیہِ اکہ عبارژ
ہُند سراجی ترجمہ چھُن گراہم بیلیس نشی یِہہ اَڈنمُت بیلین
آسہِ یہٕ ترجمہ کانسہِ سراجی زبان زانن والس اَتھی کرنوومُت

تہٕ اَمہٕ علاوٕ چھُنٕ آخرس پیٹھ لفظ، تِہُند معنے جُملہٕ تہٕ کشتواڑی، پوگلی تہٕ رام بنٕز زبانَن منٛز یِہُند تقوبلی مقابلہٕ بیتر زیوٗٹھ فہرِس تہٕ دتِمٕت۔ یِمہٕ برکتہٕ سِراجی بولہٕ متعلق قابِل قدر مواد چھُ فراہم گژھان۔ یہٕ ترجمہٕ تہٕ لفظن ہُند ذخیر بُنیاد بناوِتھ چھِنہٕ گریرسن اَکھ راے قایم کرمِژ۔ سراج تہٕ سِراجی متعلق چھِ تم لیکھان:۔

[ وُچھو انگریزی ضمیمہ ۱

سِراجی ہندِس شُمالس منٛز چھُ پوگلی، مشرقس منٛز کشتواڑی جنوٗبس منٛز چناب دٔریاو تہٕ تمہٕ اپور مغربس منٛز بھدرواے لیوٕ برونٛہہ جنوٗب تہٕ جنوٗب مغربس کُن یِکھِتھ یمہٕ چھن ڈوگری تہٕ پنجابی بیتر بولین منٛز رَل چھِنہٕ گژھان تہٕ اُمِکس مغربس منٛز چھِنہٕ رام بنی بولی لیوان۔

سِراجی زبانٕ متعلق چھُ گریرسن لیکھان:۔

وُچھو انگریزی ضمیمہ ۲

مذید چھُ لیکھان ۔" دوٗیمہٕ طرفہٕ تالوی 'ن' نُک آزادانہٕ استعمال چھُ اَتھ ڈوگری لیٛس تہٕ مغربی پہاڑی لیٛس سیٹھاہ قریب اَنان، تہٕ کیازِ یہ حرف چھُنہٕ کاشرِس منٛز موٗجوٗدے۔ اَمہٕ تہٕ یِہُند استعمال چھُس ڈوگری طرزس پیٹھ تہٕ ضمیرن تہٕ فعلِ مستقبلن ہندِس بناوٕٹس منٛز 'اِنوا' ہُک طرز چھُس لامحل پہاڑی بولہٕ ہندی پاٹھی سیٹھاہ زیادٕ۔ موٗخصر پاٹھی یہ مُرکب

اضافی "الوا" چھُس دوٗر مغربَس منز بولن واجنہِ لہندی زبانٔ ہُند اثر۔

THE ABOVE IS SUFFICIENT TO GIVE A GENERAL IDEA OF THE MIXED CHARACTER OF DODA SIRAJI.[1]

اَمہِ اقتسابہٕ تلہٕ ییم تہٕ نتایج برونہہ کُن چھہِ یوان تمو تلہٕ چھُ صاف نَنان زِ گریرسن چھُ پانہٕ تہٕ تذبذبس منز مُبتلا اوسمُت۔ یوٚدوَے زَن تمی اَمہِ زبانٔ ہُند لب لہجہٕ، مصوتے، مصمتے، نحو، اِسماتہٕ یمَن ہنز مختلف حالتہٕ مرکب اضافی، صفاف، صفاف الیہ، اسماے صفت تہٕ یِہند تقوبُل، اسم ضمیر یمَن ہندی قسم۔ افعالی تہٕ اَمچہِ مُختلف ہَنز (بناوٹ معنے تہٕ زمانہٕ لحاظہٕ) قاعدٕ، گرداں، لفظہٕ وۄتر، جملہٕ تہٕ یِہند یوگی، رام بنِہ تہٕ کشتواڑی یَس ستی ستی کاشرِس ستی تقوبُل غرض پریتھ لحاظہٕ مفصل بحث کوٚرمُت چھُ یُس تقریباً دُہَن[2] صفن پیٹھ پھہلتھ چھُ مگر سُہ چھُنہٕ شقہٕ پاٹھی یہ ہیوٚکمُت وَنتھ زِ یہ مانونا مغربی پہاڑی کِنہٕ کاشُر۔ یمن وجوہاتن پیٹھ سُہ اَتھ کاشرِ زبانٔ ہنز ذاتی شاخ مانان چھُ مگر بحث کران چھُ سُہ پانٔ پانَے اَتھ خلاف تہٕ وَنان، تہٕ کیازِ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ مانان زِ یہ چھیہٕ اکھ مخلوط زبان۔ اَمیک لبہٕ لہجہٕ تہٕ باقے استعمال

---

[2] LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G. A GRIERSON VOL. VIII PART II PAGE 433

چھُ کاشرِس نِسبت پنجابی زبانٕہ ہندِس طرزِس پیٹھ۔ یِہند
وَنُن چھُ زِ جواب لفظس منز چھِ کاشرِکی اثرات مُوجود مگر اِنٛز
تہٕ اَمِچ اندٕری آوازن ہُند توضیح کرُن چھُ مُشکِل۔ اَتھ
زبانہِ منز تالِہری "ݨ" (ن + ڈ) (RETROFLEX
NASAL SOUND) آواز چھیٚہ مغربی پہاڑی یا ڈوگری زبانَن
ہنٛز، یوٚسہٕ تہٕ کاشرِس منز درینٛھ چھیٚہ گژھان۔ بے شک پائٹھ
"نو" تہٕ چھُ مغربی پہاڑی زبانٕہ ہُند تہٕ مُرکب اضافی "نو" چھُ
لہندی زبانٕہ ہُند۔

گریرسن یَن وجوہاتن پیٹھ سراجی کاشر زبانٕہ ہنٛز ذاتی
شاخ قرار چھیٚہ دِژمٕژ سُہ چھُ "د" "ت" ہس منز تبدیل
گژھنُک منزِ مہٕ "ت" ہُک قایم روزُن۔ "ہائے مختفی" تہٕ
"ہائے مقلوط" ہُک استعمال۔ گوڈنکہِ "د" لُک تراوُن یُن تہٕ
فعل کین گردانَن منٛز ستی ضمیری لاحقن ہُند کھلہٕ ڈلہٕ ورتاو بیترِ۔
امہِ علاوٕ یوتام زن مصمتن ہُند تعلُق چھُ یَمن منز چھِ دردِ اثراتن
تحت واریاہ نِشانہٕ میلان۔ "ژ" تہٕ "ز" ہُک عام استعمال
چھُ سراجی منز نظرِ گژھان۔ مثلن ژانو = چرنا = بژھیرٕ =
بچھڑا، نژنو = ناچنا، زو = کیا، زبنو = کہنا، زبلہٕ = کبہِ بیترِ۔

کتہٕ کتہٕ چھُ "ز" "د" + "ذ" تہٕ بنان مثلن ازاڑنو یا اذزاڑنو یعنے فضوٗل خرچ کرُن۔

درد زبانن ہنز اہم خصوٗصیتھ چھیہٕ یہٕ زِ منزیمُ "ت" چھکھ برقرار روزان۔ مثلن، بھوتو = وہ تھا، مگر دوٚیمہِ طرفہٕ ستھار بھونو = ہوجانا ہس منز چھُ "ت" ترک آموٗت کرنہٕ۔ امہِ علاوہٕ چھُ "د" "ت" ہس منز تبدیل گژھان۔ مثلن، دتت (فارسی) دند یعنہِ دانت، دلنت، کشیری داند یعنی بیل، مرکب اضافی "تو" پنجابی "دا" بدلہٕ استعمال سپدان۔ دردہٕ زبانن ہند ہاے مختفی اور ہاے مخلوط "بھ" "پچھ" بچھ، بھوک، برتور سنسکرت بھوتہٕ) وہ تھا" لیکن "بھونو" = ہونا تہٕ اکیک زبانہٕ ماضی "بھوئی" چھہٕ اختیار کری۔

دردہٕ زبانٕ منز چھُ ابتدائی "ر" تراونہٕ یوان مثلن "رچھ" چہٕ جایہٕ "اِڑھ" یعنی ریچھ، لفظک "ر" چھُ تراونہٕ آموٗت۔ مگر سرآجی بولہِ منز چھُ "ش" "ہ" بنان۔ مثلن "شنو" یا "شنا" یعنی "کتا" چھُ کاشرس منز "ہوٗن" بنان۔ پتھے پاٹھی چھُ جدید دردہٕ تہٕ ہندوستانی زبانن منز "ن" نالوی "ڑ" ہس منز عام طور تبدیل گژھان، یُس زن پراکرت زبانٕ ہند قایم چھُ۔ مگر یہٕ قایم ہیوک نہٕ باقے سارنے جاین

مکمل پاٹھی روزِتھ۔ عموٗمَن چھُ صرف تنہا "ن" تالوی "ݨ" منز
تبدیل گژھان ماسوائے "نا" ہیں تہٕ "نژنو"۔ ناچناکس "ن" نس منز
ییتھ پاٹھی تاثری "ن"، "ݨ" منز تبدیل چھُ گژھان۔ تیتھے
پاٹھی چھُ "ر" تہٕ "ڑ" ہس منز تبدیل گژھان۔ مثلن "پرٛڑ" یعنی "پر"۔
مغربی پہاڑی بولہِ ہندِس اثرس تَل چھُ تقلیب "ہ" مثلن بُریا
برائے، "بھرا" بھائی۔ یم چھِ بالخصوٗص مغربی پہاڑی ہندی۔
نحوکہ اعتبارٕ چھُ اسم جمُلن منز تہُند استعمال کاشُر
نِسبَت مغربی پہاڑی بولہِ ہندِس طرزس پیٹھ۔ اسمکُ واحد
تہٕ جمع بنہِ چھُ تمی اندازٕ سپدان۔
گریرسنن یُس تفصیلی بحث سراجی زبانہِ تہٕ امکس
گرامرس متعلق کوٗرمُت چھُ سُہ ییٚتیتھ بیان کرُن چھُ طوالت طلب۔
لہٰذا کرٕ بہٕ ییٚتیتھ صرف تمے نوقطٕ تلنُچ کوٗشش یم اَتھ
کاشرِ نِسبَت مغربی پہاڑی بولہِ ہنا زیادَے قریب اَنِنچ
نشاندہی کران چھِ۔ بےشک چھُ گریرسنن تہٕ وارٕہیَن
جایَن اَتھ کَتھِ کُن اشارٕ کوٚرمُت، مگر یَتھ اندازس منز
اَمی یِہ تحقیقی کام سرانجام دِژمٕژ چھیٚہ سو چھیٚہ ہنا زیادَے
پہَن توجہ طلب۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ گریرسنن چھیٚہ وارٕہیَن
جایَن سہل انگاری وَرتاوٕمٕژ۔ بنہِ کیازِ کُنہِ تہٕ زبانہِ متعلق کانہہ
رائے قایم کرنہٕ برونٹھ چھُ ضروٗری زِ تتھ گژھہِ تتھ زبانہِ پیٹھ

خاص عبور آسُن یُتھ زَن زبانٮ۪ ہنٛدِ مزاجہِ گرامہٕ تہٕ بُنیادی ہیٚتَن مُتعلق آسہِ تَس صحیح زانکاری۔ اَتھ برعکس چھِنہٕ یہِ کُنہٕ سیٚکس کھان زِ کُنہٕ تہٕ زبانٮ۪ ہنٛز عبارژ ہنٛد اکھ حِصہٕ ینتھ اَتھ جُملہِ یاسری نگریٚس منٛز ہیٚنتھ کرناوٕ اَتھ ترجمہٕ۔ لفظوٕ ترکیٖب اکھ ذخیر جمع کرِتھ تہٕ برونہہ کُنہٕ نٕھاوِتھ یہِ دعوی زِ یِمہ زبانٮ۪ ہنٛد گرامر چھُ فلانٮ۪ زبانٮ۪ ہنٛدِس طریقس پیٹھ، فلانٮ۪ فلانٮ۪ زبانن ہنٛد اثر چھُ اَتھ پیٹھ تہٕ اَمہِ زبانٮ۪ ہنٛد اثر چھُ فلانٮ۪ فلانٮ۪ زبانن پیٹھ تہٕ فلانی زبانٮ۪ منٛز چھیٚیہ یہِ دراپژ بیتر۔ دراصل چھِنہٕ کُنہٕ اَتھی ہِتھے ختم گژھان۔ بُنیادی کتھ چھیٚیہ زبانٮ۪ ہنٛد مزاجہٕ تہٕ تمِکہ قولوٚن مُکمل پأٹھۍ زانُن۔ بے شک کیاز آسہٕ تمُہ کأشُر تہٕ بٮ۪یہِ باقے زبانن مُتعلق واریاہ تحقیق تہٕ تجسُس سان کأم ہیٚژمژ بیٚیہٕ زَن رسلہٕ رسایل تہٕ آمد رفتکۍ سہولیات بہتر آسہن مگر یوگلی، رام بنٛز تہٕ سرآجی ہِوٕن بولین ہنٛدِ باپتھ کأژا شناخاری آسہِ تمُہ تجمژ؟۔

گریرسنٛ ہنٛدِ خاطرٕ آسہ یہِ خوش نصیبی زِ تَس آسہ سرکارٕچ سرپرستی مگر یہِ چھیٚیہ سارِوٕے کھوتہٕ بڑٕ ستم ظریفی تہٕ سہٕ تہٕ نتھ موقعس پیٹھ یٮ۪لہِ بٮ۪یتہِ ڈوگرہ راج اوس۔ ادرٕ پور گژھنکۍ ذریعہٕ آسی سیٹھاہ کم تہٕ وَتہٕ آسہٕ دُشوار۔ اَمہِ وَجہ موجوب آسہٕ نہٕ گریرسن زبان زانن والین وارِیہن لوکن

تانی وٲتِھ ہیوٚکمُت۔ اَوے کوٚر تمہٕ گراہم بیلی سٕندِ ڈٕسی
فراہم کَرِتھ منٛزٕس موادس پیٹھ قناعت تہٕ ممکن چھُ یتھ کنہٕ تہٕ
آسُن غلطیہٕ سرزد گامُت تہٕ دوٚیم آسہٕ تمہٕ یمَن دُشوار گزار پہاڑی
وَتَن ہیکتھ کَنہٕ زبانٛہٕ ہند اصلی زاننچ کوشِش کَرمٕژ، نہٕ کتہٕ اوس
ممکن زِ تگ بگ پٮ۪ن٘ژہَن وٕرِیَن تانی یِیہ ہے ڈوگری زبان
پنجابی زبانٛہٕ ہُند اکھ حِصہٕ مانٛنہٕ۔ یِیلہٕ زن صوٗرتِ حال اتھ برعکس
اوس۔ یرٛژھے ہشِ اکھ معموٗلی مثال چھیٚیہٕ بھدرواہی زبانٛہٕ متعلق
تہٕ زِ تمہٕ آسہے بھدرواہی زانَن وٲلِس کَس تام شخصس پرٛژھمُت:
"ڈرِیاوس کیاہ چھِ بھدرواہی زبانٛہٕ منٛز وَنان؟" "دریاو"
لفظُک بھدرواہی ترجمہٕ وَننہٕ بجاے دوٚن تمہٕ بھدرواہ
وادی درمیان وَسَن والہٕ نالُک ناو "نیرُو" (NEERU) تہٕ
گریرسَن لیوٚکھ "دریاوُک" بھدرواہی متبادِل "نیرُو"۔
یرٛژھے ہشِ وَنَن چھیٚیہٕ سرٲجی زبانٛہٕ ہندِس "ذو" کِس معنیس
متعلق۔ گریرسَن چھُ امیُک معنے "کیا" لیوٚکھمُت یِیلہٕ زن
سرٲجی منٛز اَمیُک معنے "کھو" چھُ۔
یوٚدوے زَن کانٛہہ شخص گریرسَن سٕندِ ڈٕسی لیچھنٕ
لفظ راش ہُند مطالعہ کَرِ تہٕ پتہٕ کانٛہہ اَن پرٛڈ اِنا نس ستی
کَنہٕ زبانٛہٕ منٛز خاصکر سرٲجی زبانٛہٕ منٛز کتھ باتھ کَرِ، پھیر
فرق یِیہ واضح طور بروٚنہہ کُن۔ بے شک چھُ گریرسَن

کرشنَن جایُن بیٚٹھ لفظن ہندِس معنیَس مُتعلق پانہٕ تہٕ تعجُب کوٚرمُت ۔

یَپاری چھیٚہ سرآجی زبانٕ ہنز یہ بدنصیبی زِ اتھ منز چھنہٕ لُکہٕ ادبہٕ ورائے بیٚیہ کانہہ تہٕ ادب پارٕ موٚجوٗد ۔ وونی یہ کینژہاہ لُکہٕ ادب موٚجوٗد چھُ سہٕ تہٕ چھُ پہاڑی تہٕ ڈوگری زبانن سیٹھاہ قریب ۔

وونی چھُ سوال یوٚدوَے زَن سرآجی کاشُر زبانٕ ہُند اکھ حصہ چھُنہٕ تیٚلہِ کتھ زبانٕ سٕتی چھُ اَتھ واٹھ ۔ یہ یٚیلہِ تہٕ اَتھ موضوعس پیٹھ سونچان چھُس میہ چھیٚہ بھدرواہی زبان برونہہ کُن یوان تہٕ سوال چھُم وونلان زِ اَتھ کیاز دِتو اُسی مغربی پہاڑی بوٚلی؟ مگر یہ سوال تہٕ چھُنہٕ امہِ مسٔلک حل ۔ سوال چھُ یہ زِ یوٚدوَے ہنگہٕ منگہٕ زِ کاشُرُ تہٕ بھدرواہی زبان بولَن والی یا سرآجی تہٕ کاشُر بولن والی پانہٕ وٕنی سمکھن تِم ہیکنا پتہٕ کتھ باتھ ہُند معنے مطلب اکھ اَکِس تام واتنأوِتھ کہٕ نہ یٚیلہِ زَن تِم بیٚیہ کانہہ زبان آسَن نہٕ زانان ؟ ۔ یَنہٕ کتھ باتھ منز کرِدِتَن تِم ساری حربہٕ استعمال یِم زَن بقولِ گرِیرسن کاشُر زبان سمجھنہٕ باپتھ ضروٗری چھِ ۔ تہٕ تِم فعل امدادی تہٕ کرن استعمال یِم کاشُرس طرزس پیٹھ چھِ مثلن :۔

| | | |
|---|---|---|
| ضمیر واحد متکلم میں لاحقہ "م" | اردو : | میں نے کتنے برس تمہاری خدمت کی ۔ |
| | سراجی :۔ | میئیں کیتائی (کیتراہ) برینئے توئی خدمت کرِدیم ۔ |
| | کاشُر :۔ | میہ کیتیٚن وٕرِین کرِ چانٕ خدمت ۔ |

زمانہٕ حالہٕ باپتھ چھُ "چھو" فعل امدادی ظاہر کران۔ کینہہ

جملہٕ چھہٕ مثالہٕ ژنگو پیش:۔

اردو:۔ رام جاتا ہے۔ سراجی:۔ رام گانچھو

کاشُر:۔ رام چھُ گژھان۔

اردو:۔ یہ گزشتہ برس کی بات ہے۔

سراجی:۔ اینگ پروتی گل چھی

کاشُر:۔ یہ چھیہٕ پرسُچ کتھ۔

یمو جملو تلہٕ چھُ صاف ننان زِ ضمیری لاحقہٕ تہٕ فعل

امدادی استعمال کرنہٕ باوجود کوتاہ بنیہٕ چھُ یمن پاہٕ ونی۔ اتھ برعکس

یوٗدوے زن سراجی تہٕ مغربی پہاڑی بولہٕ ہنز شاخ بھدرواہی بولن

والی نہٕ انسان اکھ اکس سمکھن تہٕ ہیکن پننہٕ پننہٕ بولہٕ منزٕ

پننہٕ پننہٕ زبانہٕ ہند معنے مفہوم اکھ اکس بیٹھ کُنہٕ دِقتہٕ ورٲے

واضح کرِتھ۔ کینہہ جملہٕ چھہٕ مثالہٕ ژنگو:۔

| اردو | سراجی | بھدرواہی |
|---|---|---|
| میں پڑھ رہا ہوں | اُوں پڑھی رہو چھے | اوں پڑھی رہو روایٔ |
| وہ جا رہے ہونگے | تین چلورے بھوے | تین ژلورے بھوے |
| میز پر کتاب ہے | میزرے پُٹھ (پرٛ) کتاب چھی | میزرے پرٛ کتاب اے |
| ہم پڑھیں گے | اَہ پڑھلے | اُس پڑھلے |

یموٗ جُملوٗ تلہٕ چھُ سرٲجی تہٕ بھدرواہی زبانَن پانہٕ وٲنۍ
سیٹھاہ قریب آسنچ شہادت میلان۔

وونۍ کرو اَسۍ گریرسنہٕ بسندِ تمہٕ بیانچ تہٕ اکہٕ
لٹہٕ وضاحتھ کرنچ کوشش یمہٕ موجوب رُ سرٲجی کاشر زبانۍ
نِنجھ چھُ مانان۔ کینہہ نوقطہٕ چھِ یم۔

"د"، "ت" ہُس منز تبدیل گژھن۔ منز یُم "ت" برقرار
روزن۔ ہاے مختفی تہٕ مخلوط استعمال کرُن۔ گوڈ ینہٕ ودل "ت"
ترک کرُن، فعل کین گردانن ستۍ یتۍ ضمیری لاحقن ہُند کھلہٕ ڈلہٕ
استعمال۔ "ژہُک" تہٕ "زہُک" عام استعمال بیتر۔ یمہٕ سارۍ
خصوصیژ چھُ گریرسن دردِ زبانن ستۍ والبطہٕ مانان یمہٕ زُن سرٲجی
زبانۍ منز تہٕ نظر چھیہٕ گژھان۔ اَسۍ چھیہٕ تمۍ سرٲجی تہٕ کاشرِچ
اکھ شاخ تسلیم کرمژ۔ مگر ییلہٕ زُن یمن خصوصیژن ہُند
تلاش آسۍ مغربی پہاڑی بولین منز کران چھُ، اَدِ چھِ یمہٕ
بھدرواہی، بھلیسی، پاڈری بولین منز ہنا زیادے یہُس
نظر گژھان، بلکہٕ بوٗدوٗے بہٕ یہٕ ونہٕ زِ سرٲجی چھیہٕ کاشرِس
نِسبت بھدرواہی زبانۍ زیادٕ نظر نزدیکھ تہٕ رلہٕ وٲنۍ۔ لوٗطہٕ ڈکھر
گژھِ نہٕ۔ "ذند" خاطر چھُ دوشوٗنۍ زبانن منز "دنت"، "داند"
بسندِ بایتھ "دانت" گژھنہٕ بایتھ "بھولو" روزنہٕ خاطر
"دہنو" بایتہٕ بسندِ بایتھ "اژھ" "نژنہٕ" بایتھ "نژلو" "وژھ"

پسند باپتھ "برشھیڈو"، وَنہٕ باپتھ "زونو" کھیٖنہٕ باپتھ "ژالو" بیتر لفظ استعمال سپدان ـ یتھے پاٹھی چھُ تاہری "ن" پتہٕ "ڑھنگ" چلن تہٕ ـ

یوٚتام زَن ضمیری لاحقن ہُند تعلق چھُ گریرسن چھُ لیکھان:

PROMINAL SUFFIXES ARE FREELY USED, AND GIVE SIRAJI ITS CHIEF TITLE TO BE CLASSED AS A FORM OF KASHMIRI RATHER THAN OF WESTERN PAHARI OR DOGRI PUNJABI[1]

مگر توٚیتہٕ تہٕ چھُ یمنہٕ بےلبی ہُند اظہار یمَن لفظن منز کران۔

THE RULES FOR THEIR APPLICATION CANNOT YET BE DEFINITELY STATED. AND WE MUST CONTENT OURSELVES WITH EXAMPLES OF THEIR USE[2]

گریرسن شُند وَنُن چھُ زِتس نِش یُس ترجمہ کرِتھ مواد آمُت چھُ تتھ منز چھُ "کیوٚریم" "KEORYEM" دوٚیہٕ پھِر آمُت یمیُک معنے "میٚنے کوٚر" چھُ، اتھ منز چھُ

---

[1] LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G.A GRIERSON VOL VIII PART II P-450

لاحقہ "م" ییمہ برونہہ "ی" مصوتہ سابقہ رنگی تہ استعمال سپدان۔
فعل کرنو، (کرنا) چھ زمانہ ماضی لیس متعلق چھنہ کانہہ تہ مثالاہ پیش
آمژ کرنہ۔

پتھے پاٹھو چھ گریرسن فعلِ امدادی تہ فعل وسنی لیس متعلق
وُنان زِ زمانہ حالس منز چھ کاشُر (چھُ) موجود۔ مگر اتھ منز تہ
چھ سُہ پننی مشکلات یاوان وُنان ہے۔

IT CHANGES FOR GENDER, BUT FOR

THE FEMININE ONLY THE THIRD PERSON

IS AVAILABLE IN THE METERIAL:

مثلن: واحد حاضر:- توسدا مینٹی ساتھی چھی - تم ہمیشہ میرے ساتھ ہو
مذکر غائب :- تینٹو پتُر چھو - وہ تمہارا ہی بیٹا ہے
مونث :- پرُوتی گل چھی - گذشتہ برس کی بات ہے
جمع متکلم :- گھر ذے بناوان چھا - اگر ہم گھر تعمیر کررہے ہیں
مذکر غائب :- بڈٹے نادینٔ چھا - وہ کاٹنے کی اجازت نہیں دیتے ہیں
مونث :- دوہوری لکڑی چھیا - دہاں اور کیا لکڑیاں ہیں۔

اتھ "زوہس متعلق چھ لیکھان:

"THIS IS A VERY DOUBTFUL EXAMPLE

AND I AM UNABLE TO EXPLAIN IT FULLY.

ZO-IS MASCULINE SINGULAR AND HORI

AND LAKRI BOTH SEEM TO BE FEMININE

SINGULAR. THERE SEEMS TO BE SOMETHING WRONG WITH THE TEXT."[۱]

پتھ کُنہٕ زن میٚہ برونہہ ین خمبلن منز عرض کوٚر " زو " چھُنہٕ " کھو " ہندِس معنیس منز استعمال آمُت کرنہٕ تہٕ اَمہِ علاوٕ چھُنہٕ زِ نہٕ باپتھ " لکڑی " ہُند استعمال کرنہٕ آمُت " بلکہِ چھُ اَمہِ باپتھ " ٹھ " لفظ استعمال یِدان ۔

یِہُنٛد مثالو تلہٕ چھُ یہِ زانُنس منز آسانی پیدان زِ گریرسنس چھُ سیٹھاہ کم موادس پیٹھ قناعت کرٕنۍ پیومُت تہٕ اَمہِ تلہٕ کم نتیجہٕ ہیکن اخذ یِدِتھ سو کیتھ چھیٚہ صاف عیان ۔ یہِ کتھ چھیٚہ صحیح زِ " چھو " چھُ سرآجی منز ضرور مستعمل مگر صرف " چھو " لفظہٕ سیتی ہیکنہٕ سارِہے زبانی ہُند ڈانچہٕ بدلتھ ۔ خمبلن ہنز بناوٹ ہندی عوامِل چھِ کُنہٕ تہٕ زبانی ہندِ خاندانچہٕ ولادٕ ژ ہندی کارفرما آسان ۔ " چھو " چھُ بنگالی، نیپالی تہٕ گجراتی زبانن منز تہٕ استعمال یُدان مگر یمہٕ زبانی چھیٚہ کاشرِ نشہٕ تیٚژرٕ ے ہدون یپٔژاہ سرآجی چھیٚہ ۔

سرآجی منز چھُ مصدر ، اسم ، صفت ، ضمیر

---

۱ LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY G.A. GRIERSON VOL VIII PART II PAGE 443

تہٕ پہندی قسم تہٕ کاشرِ لِشہِ بدوٗن۔ سرآجی مصدر چھُ "نو" ہس بیٹھ اندواتان ییلہِ زَن کاشرِس منز "ن" تَس بیٹھ چھُ ختم پدان۔ اسم صفت یم زَن "د" لس بیٹھ ختم چھِ سپدان، چھِ جمع بناونہٕ وقتہٕ تبدیل گژھان۔ مُرکب اضافی یس منز مضاف آیہ کِہ اظہارِ خاطرِ چھُ "تو" تہٕ "نو" لگاونہٕ یوان تہٕ یم دہ لوئے چھِ ڈوگری طرزِ زبانٕ بیٹھ۔ یتھےٚ پانٹھ چھُ حرف جار تہٕ کاشرِ لِشہِ بدوٗن۔

اَتھ کنہِ منز چھُنہٕ کانہہ تہٕ شک زِ یم ساری لِو قطہ چھِ گریرسنہٕ ہند زبانٕ ہندِ تحقیقہٕ کِہ مطالعہ سِتی بروہہ کُن یوان زِ سرآجی چھِنہٕ کاشرِ زبانٕ ہنز اکھ بدوٗن لنڈ بلکہِ ییکہِ یہ مغربی پہاڑی بولہِ ہنز شاخ آستھ، تہٕ کیازِ سرآجی تہٕ کاشرِ زبانٕ ہند تفصیلی تجزیہ تہٕ تقوبلی مقابلہ سِتی چھیہ یہ کتھ ٹاکارٕ تان زِ اَتھ زبانٕ چھُ پننُ اکھ الگ آہنگ، لہجہ، مزاز بیترِ۔ سرآجی بولہِ ہندِ الگ مزاز بیترِ آسنکی وجہ ہیکَن یم آستھ:

۱، سرآجی ہندِس لفظ ذخیرس منز چھِ کاشرکی ۱۰ فیصدی تہٕ کھوتہٕ کم لفظ۔

۲، کاشرِس منز یمَن مُصوتن ہُند استعمال چھُ سپدان تم چھِنہٕ سرآجی منز نظرِ گژھان۔

۳، تالبری "ڑن" یعنہِ ن + ڑ (ڑن) چھیہٕ پہاڑی بولین ہنز اکھ اہم خاصیت تہٕ یہ آواز چھیہٕ سرآجی منز کاشرِ

بجایہ سیٹھاہ زیادٕ استعمال ینٛدان۔

۴۔ سرٲجی منٛز چھےٚ اسم صفت، مصدر، واحد جمع، فعل تہٕ تمٕکی قسم، مرکب اضافی بیترِ کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛدِس طرزس پیٹھ۔

۵۔ سرٲجی زبٲنۍ ہنٛدِن جُملن ہنٛز ساخت، لب لہجہٕ تہٕ آہنگ چھُ کٲشرِ نِشہٕ بدلوٕن

۶۔ سرٲجی لوٗکن ہنٛد رُسُن بَسُن، رسم تہٕ رواج تہٕ سلسلہٕ نسب چھُ کٲشرِ لوٗکہٕ نِشہٕ بلکُل الگ۔

۷۔ سرٲجی زبٲنۍ ہنٛد مٔکہ ادب چھُ کٲشرِ نِسبت پہاڑی زبٲنۍ سیٹھاہ نزدیکھ۔

۸۔ سرٲجی زبان چھےٚ یِمنہٕ مزارٕ تہٕ لہجہٕ اعتبارٕ تیٚترٕے پہاڑی یِتھٕ زَن پاڈری، بھلیسی تہٕ بھدرواہی چھےٚ۔

۹۔ سرٲجی چھےٚ پننۍ بوٗلی پہاڑی بولہِ خاصکر بھدرواہی لیٚپنۍ لرٕ لوٗرٕ مانان۔

۱۰۔ سرٲجی بولہِ منٛز چھہِ ۶۰ فی صدی کھوتہٕ زیادٕ پہاڑی خصوصیتھ آسنہٕ باوجود تہٕ پننۍ اکھ منفرد تہٕ جُداگانہٕ حیثیت۔

موٗخصر یا کٔتھ چھُ سرٲجی بولہِ ہنٛدِس سِلسلس منٛز اَز سرِنوٗ تحقیق کرنٕک ضرورتھ یِمیُک آغاز

ڈاکٹر پریتم کرشن کوتن کوٚرمُت چھُ "چندر بھاگاٹ کی پروتیہ بولیاں" ناوِی کتاب لیکھان یَمِن حالاتن ہُند تمیٚ ذکر چھُ کوٚرمُت تمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ سُہ چھُنہٕ سراَجی کاشُرٕ زبانِ ہنٛز لنٛڈ مانان۔ تمو چھُ ہوگلی، سراَجی تہٕ پاڈری زبانَن ہُند تفصیلی جایزٕ پیش کوٚرمُت تہٕ پننین خیالَن ہنٛدِس حمایتَس منٛز زبانِ ہنٛدین مُختلف جہتَن پیٹھ بحث کوٚرمُت۔

مشہور ماہرِ لسانیات پروفیسر سِدھیشور ورما چھُ پوگلی زبانِ کاشرِ کھوتہٕ تہٕ قدیم مانان[۱]۔ سراَجی بولہٕ چھُ سُہ درد پہاڑی زبانِ ہُند ناو دِتھ اکہِ نوٚ بابُک آغاز کران، یَمِن ہنٛدی کینہہ رِپھ ڈاکٹر ورماہس ریاسی ہنٛزِ کھاسی بولہِ منٛز نظرِ چھِ گژھان۔ تِم تہٕ چھِ سراَجی کاشرِ زبانِ ہُند اکھ حِصہٕ مانہٕ نِشہِ انکار کران۔ تِمہِ پتہٕ تہٕ چھُ سراَجی زبانِ پیٹھ اَز سرِ نوٚ تحقیق کرنُک ضرٗورت۔

ییٚتیتھ چھُ یہِ مُناسب زِ سراَجی، کاشُر، بھدرواہی تہٕ اردوٗ ہُک تقوٗبل کرو نموٗنہٕ رٕنگی پیش ییتھ زَن یِمن ہنٛز پانہٕ وٲنی قُربت معلوٗم سپدِ۔

---

۱؎ چندر بھاگاٹ کی پروتیہ بولیاں۔ پی کے کول۔ حصہ سراَجی صفحہ ۹

| اردو | کاشُر | سراَجی | بھدرواہی |
| --- | --- | --- | --- |
| ایک | اکھ | اَک | اَک |
| دو | زٕ | دڈئَ | دوئَ |
| تین | ترٛیٖ | ترٛائَ | ٹلائَ |
| چار | ژور | ژدوٗر | ژوٗر |
| پانچ | پانٛژھ | پنٛژھ | پنٛژھ |
| چھ | شیٚ | شا | شا |
| سات | سَتھ | سَت | سَت |
| آٹھ | آٹھ | اَٹھ | اَٹھ |
| نو | نَو | نو | نو |
| دس | داہ | دَس | دَش |
| | | | |
| میں | بہٕ | اَوںْ | اَوں |
| میرا | میون | مینوں | میرو |
| ہم | اَسۍ | اَہ | اَس |
| ہمارا | سون | اساوَ | اِشو |
| تم | ژٕ | تو | تو |
| تمہارا | چون | تٹوٗں | تیرو |
| آپ | توٚہۍ | توہ | تُسُ |

| آپ کا | تُہنُد | توہمو | تسُو |
| --- | --- | --- | --- |
| وہ | سُہ | اُونگ (سو) | تے |
| اُس کا | تسُند | تی تو | تیسرو |
| وہ | ہُہ | تہن | تہن |
| اُن کا | تہُند | نینٹا | تہن کیرو |
| ہاتھ | اَتھ | ہَتھ | ہَتھ |
| پاؤں | کھُور | کھُر | پاؤ |
| ناک | نَں | نکّ | نکّ |
| آنکھ | اُچھ | اَچھی | ایڑھی |
| مُنہ | اُس | مُنہ | آشی |
| دانت | دَند | دنت | دنت |
| کان | کن | کنّ | کنّ |
| زبان | زلو | زِب | نزِبّ |
| بال | وال | بال (دی) | بال (اشرال) |
| سر | کلہ | روّٹ | دُڈّگ |
| پیٹ | پَرٹ | پییٹ | پییٹ |
| لوہا | شیشتر | لوہا | لوّں |
| سونا | سون | سوّنوں | سوّنوں |

| چاندی | ردیھ | چاندی | چاندی |
|---|---|---|---|
| باپ | مول | بب | بب (لبوٗ) |
| ماں | موج | مالی (دای) | ہائی (ہاج) |
| بھائی | بوے | بھرا | ڈھلا |
| بہن | بیٔنہ | بہن | بَیش |
| آدمی | موہیوٗ | مہنو | مہنو |
| عورت | زنانہ | زنان | کوانش |
| گھوڑا | گرٗ | گھوڑو | گھوڑو |
| گائے | گاو | گورو | بڑھی |
| جا | گڑھ | گا (گس) | گا |
| کھا | کھیٔے | کھا | کھا |
| کون | کسٗ | کیائی (کم) | کون |
| اور | تہ | نی ، تی | تے |
| اونچا | تھوّد | اُکھڑد | کھڑو |
| بڑا | ژھاوٗل | ژھیڑو | ژھیڑو |

| اردو | کاشُر | سراجی | بھدرواہی |
|---|---|---|---|
| رام جاتا ہے | رام چھُ گژھان | رام گانچھو | رام گاتے |
| رام کیلئے چائے لاؤ | رامس کرِژان چاے | رام جوئی چاہ آنٹا | رامے جی چاہ آنٹا |
| رام، راون سے اچھا ہے | رام چھُ راونہٕ کھوتہٕ رُت | رام راونیلا کیائی چھو | رام راونے کیرنال چھیل اے |
| میں اُسکی بہن ہوں | بہٕ چھس ہمِس بیٚنہٕ | اُوں تنے تی بہنٹ چھا | اُوں تیری بہنٹ ایں |
| میز پر کتاب ہے | کتاب چھےٚ میزس پیٹھ | میزے پُٹھ کتاب چھی | میزے پُر کتاب اے |
| اُسکے چار بھائی ہیں | تمس چھہِ ژور بائے | تے تے ژوُر بھرا چھے | تیسے ژور ڈھلا آنٹ |
| ہم میں بڑے گُن ہیں | اَسہِ منز چھہِ وارِیاہ گوٚن | اَئی ماں بڑے گُن چھے | اَس ماں بڑے گن آن |
| کملا گاتی ہے | کملا چھےٚ گیوان | کملا گیتاں زوں چھی | کملا گاچے |
| دیا جلتا ہے | ژونگ چھُ دزان | دیو بلاں چھو | دیو بلتے |
| ہوا چلتی ہے | ہوا چھُ پکان | بات چلاں چھو | بات ژلتے |
| چڑیاں دھان کھا گئیں | ژرِ گیہِ دانہٕ کھیتھ | ژاڑ ڈلیئی دھان | ژوڑو لینی دھان |
| میں پڑھ رہا ہوں | بہٕ چھس پران | کھائی سٹو | کھیتی سُٹو |
| میں پڑھ رہا ہوں | بہٕ چھُس پران | اُوں پڑھی رہو چھے | اُوں پڑھی رہو دآئیں |
| وہ جا رہے ہونگے | تم آسن گژھان | تین چلو رہے بھولے | تین ژاوے بھولے |
| میں پڑھوں گا | بہٕ پرٕ | اُوں پڑھالو | اُوں پڑھلو |
| ہم پڑھیں گے | اَسی پرٕو | اَہ پڑھم ے | اَس پڑھم ے |
| تُم پڑھوگے | ژٕ پرٕکھ | تو پڑھالو | تو پڑھلو |
| تو پڑھے گا | ژٕ پرٕکھ | تو پڑھلے | تُس پڑھلے |

| | | | |
|---|---|---|---|
| اُس نے پڑھا | تمۍ پوٚر | تینٹی پڑھو | تینٹی پڑھو |
| وہ گیا ہے | سُہ چھُ گومُت | سُو چلے گوٚ چھو | تے ژیلی جوٗ |
| وہ جارہا تھا | سُہ اوس گژھان | سو گاوو نگورو | تے گئی رہورو تھیو۔ |
| وہ پڑھے گا | سُہ پرِ | سو پڑھے لو | تے پڑھلو |
| وہ پڑھیں گے | تم پرَن | تین پڑھنتلے | تین پڑھلے |
| وہ چلا گیا تھا | سُہ اوس گومُت | سُو چلے گورد | تے ژیلی جورو تھیو |
| وہ چلا گیا ہوگا | سُہ آسہِ گومُت | سو چلے گورو بھولو | تے ژیلی جورو بھولو |

سراجی، کاشُر تہٕ بھدرواہی زبانن ہندِ اَمہِ تقوبلہٕ ستی چھُنہٕ اَسہِ یہِ اندازہٕ لگاونس منز مشکل یوان زِ سراجی کتھ زبانی چھیہِ زیادٕ نکھ۔ سراجی زبانی ستی چھُ یہِ بنتھ آمُت زِ یہِ علاقہٕ چھُ ترٛہ ژتجہٕ میل زیوٚٹھ تہٕ پنداہ دُہ میل کھوٚل دُشوار گزار پہاڑی سِلسِلن منز ژھکرِتھ۔ اَتہِ چھُ کُنے فاصلہٕ طے کرِتھ زبانی منز تبدیلی یِنۍ شرۆع گژھان۔ سراجی علاقس منز چھِ دلیہٕ علاقکۍ لوٗکھ "چھو" بجایہٕ "سو" استعمال کران۔ یتھے پاٹھۍ چھیہٕ ہندٕ بن تہٕ مسلمانن ہنز زبانی منز تہٕ رُژھ کھنڈ فرق موجوٗد تہٕ یہِ سورُے سرمایہٕ چھُ مذہبی عقائدن کتابن تانی محدوٗد۔

سراجی رسم تہٕ رِواج تہِ چھِ کاشرِ لوٗکٕ بدوٗن تہٕ پننہِ پننہِ مذہبی عقیدہٕ موجوٗب چھِ یم تمن ہنز پاردی تہٕ کران۔

رسم تہٕ رلواجن ستۍ ستۍ زبانٕ ہندِ پرٛتھنہٕ تہٕ پھانپھلنہٕ باپتھ چھُ
لُکہٕ ادب سارِوے سرس آسان ۔ کھاندر کھندرن ہندی پاٹھۍ
ہو ہو کرنچ باتھ، جُدٲیی تہٕ وصلکی باتھ تہٕ بیتھی ہوۍ دوٚیم
لُکہٕ باتھ تہٕ چھِ کٲشرِ نسہٕ بلکل بدٕوٚن ۔ ووٚنۍ گوو مسلمانن ہندن
گرن منز یمن کٲشرِ زبانۍ ہنز واقفیت آسہٕ، چھُ کٲشرِ لُکہٕ باتھ
گیونہٕ یوان تہٕ کٲشرٕ چھُ لگ بگ ساری سراجکی مسلمان سمجھان
تہٕ بولان ۔ ہیٚندن منز چھُنہٕ کٲشرن لُکہٕ باتن ہُند موٚلے کانہہ
چلن ۔

یمن لُکہٕ باتن ہندِ مُطالعہٕ ستۍ چھُ نَنان زِ اَنجی لُکہٕ باتھ
تہٕ چھِ پہاڑی بولہِ سیٹھاہ نکھہٕ ۔ اَکھ کتھ منز چھُنہٕ کانہہ تہٕ
شک زِ متفرقہٕ تمام زبانن ہُند اثر چھُ سرآجی بولہِ پیٹھ مگر
اَمی باپتھ یہٕ کٲشرِ زبانۍ ہنز اکھ شاخ مانُنۍ چھُنہٕ موزوٗن ۔
اَکھ چھِیہٕ مغربی پہاڑی بولین ستۍ زیادٕ وابستگی، اَکھ چھِیہٕ پننۍ اکھ
الگ انفرادیت تہٕ امیک مطالعہ پزِ آسُن یمے نظریہ بروٚنہہ
کنہِ تھٲوِتھ کرُن ۔

## Appendix I

The word 'Sinaj' means the kingdom of Siva and hence any mountainous Country. Such countries are naturally liable to have dialect of their own, and hence we find several Sirajs in existance, each with a distinct form of speech. Thus, there is Siraji in the Simla Hill States, a Sub-dialect of Kiuthali (vol. ix, pt. iv p 593), An other Siraji is one of the Satluj Group of sub-dialects (ib.p. 647) and yet a third is allied to kului (ib. p. 688). All these are forms of western pahari.

South of the tract in which po–guli is spoken, there is a further tract of hill country reaching down to river Chinab, and also called Siraj———--The language of this Siraj is there-fore called the Siraji of Doda.

---

1. Linguistic Survey of India by. G.A. Grierson vol VIII part II p. 433.

## Appendix II

As its position indicates Siriji is a mixed language. The Bhaderwahi to its South is a form of Western pahari, and more over is here corrupted by Dogri Punjabi. The Kashtwari to its east and the pogali to its north are the forms of Kashmiri, already effected by western pahari, and siraji is still more corrupted by these languages. It might with almost equal correctness, be classed as a dialect of Kashmiri or as a dialect of western pahari, but I have put it in the former class because it possesses certain typical Dardic characteristics which do not belong to the latter such are the occasional use of vocalic epenthesis, the hardening of 'd' to 't' the ratention of medial 't', the disaspiration of Sonant aspirates, the droping of initial 'r, and general method of verbal conjugation includ-ing free use of pronominal Suffixes.[1]

---

1. Linguistic survey of India by G.A. Grierson vol VIII part II p 433.

ڈاکٹر بی۔ این۔ کلا

# کشمیری شبدامرتم

ایشور کول ٘سند ناو چھُ تمِن ناماوٕر لیکھکن منٛز گنٛزراونہٕ یوان یِہند دیُت سنسکرت ادبہٕ علاوٕ کاشرِس منٛز سیٹھاہ تھٔنگن لایق چھُ۔ یہِ چھُ ۱۸۸۰ء وِکرمی سموتس منٛز سرینگرس منٛز برٛٹیڈیمٕ زامُت۔ اُمی ہندِس مأرِس اوس گنیش کول ناو یُس پننِہ دورُک بۆڈ عالِم تہٕ فاضِل مانہٕ یوان اوس۔ گنیش کولَس آسی ترٕیہٕ نیٚچوِ یمَن منٛز ایشور کول سیٹھاہ ذہین تہٕ چالاک اوس۔ اُمِس مۆد لوکہِ چارِس منٛز مول تہٕ موج مگر اُمی ہار نہٕ ہمت کیٚنہہ۔ یہِ رۆد جدو جہد کران تہٕ سارِنے شاسترن ہند کوٚرُن سۆن تہٕ گۆن مطالعہٕ۔ علمِ نجومس یعنی جیوتِشس

پیٹھ تہ اوسُس سبٹھاہ عبوٗر۔ یِہنز کِنی آیہِ پننٕہ مشہوٗری زٕ ہ پاٹھری پھیلیہِ
۱۸۸۱ء منز کوٚر ڈوگرٕ عہدکی بڑی بارہ راز مہاراج رنبیر
سنگھن اکھ (ترجمہٕ محکمہٕ) TRANSLATION DEPTT. قایم۔ یتھ
منز داریٖن زبانن ہنز کتابہٕ سنسکرت بیترٕ زبانٕی منز ترجمہ کرنہٕ آیہِ۔
اِیشور کول آو اکھ ڈایریکٹر بناونہٕ۔ ۱۸۸۴ء منز موٗد مہاراجہ
رنبیر سنگھ۔ تمہٕ پتہٕ مرنہٕ پتہٕ پتداہہ دوٚہی کوٚر یہ ڈپارٹمنٹ
مہاراجا پرتاپ سنگھن بند۔ پتہٕ آو اِیشور کول مہاراجہ پرتاپ سنگھن
جیوتشی مقرر کرنہٕ۔ اِیشور کول روٗد پتہٕ مرنس تانٕی یعنی ۱۸۹۳ء تانٕی
اَتھی عہدس پیٹھ کام کران۔ اَتھ دورس منز لیچھ تمہٕ وارِیاہ کتابہٕ۔
یمن تصنیفن منز چھےٚ آیہِ ہنز مشہور تصنیف "کشمیری
شبدا مرتم"۔ یمیُک مطلب چھُ کاشرِ لفظن ہُند امرِت یا
آبِ حیات۔ مصنفن یُس اَتھ کتابہٕ ناو دیتمُت چھُ، اَمہِ تٕہ چھُ اَسہ
باسان زِ کاشرِ زبانٕی سٟتی کوتاہ اوس تس لگاو۔ یِہنز کِنی تمہٕ یہ رمبہٕ وُن
ناو اَتھ دیت۔

یہ تصنیف چھےٚ دوٚن حصن منز باگرنہٕ آمٕژ تہٕ چھےٚ
یوٗرپکی اکی بڑی بارہ سر جارج ابراہم گریرسن ۱۸۹۸ء
منز مرتب کرمٕژ۔ کشمیری شبدا مرتمُک نوسخہٕ اوس اِیشور کولن
جموں وکشمیر سٹیٹ کِس پرایمنسٹرس (PRIME MINISTER) بابو
نیلامبر مکرجی یس پیش کوٚرمُت یُس بوٚڑبار عالِم تہٕ اوس۔ یہ نوسخہٕ

ہیوٚت پتہٕ سر جارج گریرسن بالوٗ ٹیلامبر دیوس ۔ اتھ نوسخس اَس
ایشور کولن پلانے شیر ژآر کرمژ ۔ پرٕ سس بہ نوسخہ دِنہٕ وِزِ کرِہ
کانہہ تہٕ تبدیلی گریرسنن ۔ صرف چھ تِمو لفظن ہُند ہشر ہاوُنہٕ موکھ
کرِنہٕ کُنہِ جایہِ تبدیلی کرمژ ۔ کینژن جاین چھےٚ ایشور کولن وٚیتھ
غلطی کرِمژ یم گریرسنن بدٕ کرمژ چھےٚ ۔ مثلن گرٕ لفظس منز
چھےٚ ایشور کولن بُڈ ہُنژ رُ (ऊ) ماترا لگاومژ یوٚس نہٕ ضرورت
اَس تِمو چھ دیوناگری رسم خطس منز "گرُ" لیوٗکھمت یتھ پاٹھی ۔

गुरु (گُرُ) یہ گوٚڈنچ لیکھن یتھ پاٹھی :-

گرُ (गरु) گریرسنن چھنہٕ یژ پاٹھی کتابہِ منز کانہہ خاص تبدیلی
کرمژ صرف چھ تِمو فٹ نوٹ (FOOT NOTE) لیکھی متی ۔ کیہنہ
فایدٕ سمجاوُنہٕ خاطرٕ چھ گریرسنن برکٹن منز لیوٗکھمت یمہ ستی
پرن والس یہ صاف ظاہر سپد زِ مُصنف سُند مدعا کیاہ چھُ
تہٕ ایڈیٹر سُند مدعا کیاہ چھُ ۔

یہ کاشُر گرامر چھُ ایشور کولن ہرشی پاننی ہندس طور
طریقس پیٹھ لیوٗکھمت ۔ پاننی چھُ گوٚڈنیُک سنسکرت
گرامر دان یمہ سوٗترن ہندس طریقس پیٹھ اشٹادھیائی یعنے
سنسکرت گرامر ق ۔ م ۵۰۰ لیوٗکھ ۔ ایشور کولن تہٕ پانہٕ نوٚو یوٗہے
طریقہ ۔ تِمو تہٕ لیوٗکھ یہ کاشُر گرامر سنسکرت زبانی منز سوٗترن
ہندس فارسس منز ۔ سوٗترٕ کیا گوو ؟ یہ اوس پرانہٕ وقتہٕ

لیکھنک اکھ طریقہٕ یتھ منز سٹھاہ کیہنہٕ ہیتہٕ لوکٹ جملس منز ونہٕ۔
سوٗترٕ ادب چھُ سنسکرتس منز سٹھاہ پرٛون اوسمُت۔

یہ کاشُر گرامر چھُ پنڈت مُکند رام شاستری نہٕ ذریعہ سرسارج گریرسنن وٕزِہ رٕژِہ پوٚرمُت۔ اَمہِ خاطرٕ ییوٚو مُکند راس پٹنا گژھن ییٚنہٕ تمہٕ وِز گریرسن اوس۔ اُمی پرٛی گریرسنن سٟتہٕ پرُوف شیٖٹ (PROOF SHEET) پتہٕ دِرژھناوِنی کیہنہٕ شک آورنوٚ لتہٕ پتہٕ اَمہٕ پتہٕ سپُد یہ چھاپ۔

ایشور کولس بروٚنہہ تہٕ اوس وِدیشی ماہرو کاشُر گرامر لیکھنکُ دُس تلمُت۔ مگر تِم آسہٕ نہٕ مکمل کیہنہٕ۔ یہ گرامر چھُ ہاہیرٕ حدس تانی مکمل۔ لسانیاتی ماہرن ہندِ خاطرٕ چھیٚہ یہ کتاب سٹھاہ فائدٕ مند۔

ایشور کولن کوٚر یہ گرامر سموت ۱۹۳۲ء منز کارتکہ زوٗنہٕ پچھ پوٚنژم دوہ مُکمل۔ یہ کتھ چھیٚہ مُصنفن سنسکرت شلوکن منز وٕنی مژ تہٕ چھیٚن گنیشس یُس ہندو دیومالایہ موٚجوب عقلہِ ہُند دِوتاہ مانہٕ یوان چھُ آرادنا (زارٕ پارٕ) کرمٕژ۔

گوڈنکس حصس منز چھُ تمیٚ وارِہن لسانیاتی زاوی جارن پیٹھ گاش ترووُمُت مثلن:-

1. Combination of Vowels.

2. Declension of Nouns.

3. SUBSTANTIVE AND ADJECTIVE LUXURIANT VARIETIES OF THE VOCATIVE CASE THE DECLENSION OF PRONOUNS, SECONDARY SUFFIXES; THE FORMATION OF NOUNS AND ADJECTIVES FROM OTHER NOUNS AND ADJECTIVES.

سندی ہنز مثال چھیہ یتھ پاٹھی :-

(अकारे ऽ अकारलोप:) اکارے اکار لوپہٕ

یہ چھُ اکھ سوتر یَمیُک مطلب چھُ زِ ری اَچھرس (CONSONANTS)

بروٚنٹھ یِیلہِ اکار یعنے ا (अ) آسہِ تیٚلہِ چھُ بروٚنٹھم ا (आ)

مثال شلن۔ گر + ان (गर + अन) = گرن۔ اَمیُک مطلب

گوو وارِ ہِہَن گرن۔ اَمہِ پتہٕ چھُ بیاکھ حصہٕ یتھ لِنگ پرٛکرن

وَنان چھِ (CHAPTER OF GENDERS) یعنے یتھ منز نر

تہٕ مادہ لفظن ہنز تبدیلی گرامر مطابق سرکھ ریہ کرنہٕ تتھ وَنو

لِنگ پرٛکرن۔

مثلن :- واگُنۍ گاسو بازو ہانزو بھیہ۔

یمن لفظن ییہ (वा गांजू गांसू, बांचू हांज़ू भय:)

'آ' (आं) کنہ کنہ وزِ نرَ آسنہٕ کنہٕ پتھٕ تراونہٕ۔ مثلن۔ گاٹن چھُ
ماران۔ گاس (گابہٕ کنہٕ والین) باژن چھُ پتران۔ ہانزن چھُ
رچھان۔ یمَن سارِنے لفظن منز چھُ گوڈنکس حرفس (ـَ) 'آ' یوان۔ کنہٕ
وزِ چھُنہٕ یوان کینہہ مثلن۔ گٹزن، گاس، تانزن، باژن۔
"وال سال زال کلام' جن (वाल साल जाल कलां ज:)
اَمِ سوترٕ پتہٕ چھُ وال سال زال تہٕ کل لفظن ہندس آخری 'ل'
جہٕ ہِس نرَ (ج) بنان۔ یعنے اَتھ چھیہٕ صوتیاتی تبدیلی گژھتھ
مادٕ شکل بنان مثلن:۔ واحد وال (سرِپہٕ ہتزٕ واج) جمع۔ واجہو
پتہٕ ین واحد سال، جمع، ساجہو پتہٕ ین، زال، جمع، زاجہو پتہٕ ین۔
واحد، کل معنے فکر جمع، کجہو پتہٕ ین۔ 'وا:۔ گنڈل کرتلو'
گنڈل تہٕ کرتل لفظکیس 'ل' مس یا 'ے' ہس چھُ 'ج' 'ے' کنہٕ
کنہٕ وزِ بنان مثلن:۔ کونڈجہٕ پتہٕ ین، کرتجہٕ پتہٕ ین (کرتل گیہٕ تلوار)
'اپرانِنا پمسو کرکیو یم بہٕ'۔ ((अप्राणिना पुंसो कुक्यौ: पुंसि))
اَمِ سوترٕ (FORMULA) پتہٕ چھُ بےجان نرلفظن واحدس
منز 'اُک' تہٕ 'ک' پوتٕ لوگ (SUFFIX) لگان۔ مثلن:
دانیگ توٹھ، ہارک مونگ، کلکی وُٹھر، ماگُ دوہ۔ جمعس منز
پیہٕ کلین ہندی وُٹھر۔ جاندارس پتہٕ پیہٕ۔ کاوُند۔ گاو ہند بیتر۔
(اَتہٕ یِیہٕ گاوُک یا کاوُک کینہہ)
'ہا دُور وشادیورآپر تیسہٕ چوکارہ' "हा दूर विषादयो: रा प्रत्य यस्य चोकार"

اَمہِ سوٗترٕ موٗجوٗب ییٚلہِ کانٛہہ دوٗرِ بیٚٹھ ناد دیُن آسہِ یا غم ظاہر کرُن

آسہِ تیٚلہِ چھُ فاعلس منٛز ( SUBJECT ) 'آ' (आ) ہَس

'او' بنان مثلن۔ ہانارانو۔ ہتا کاکو۔ اُتھ منٛز چھُ

NOMINATIVE SINGULAR نارانا تہٕ کاکا اُتھ چھُ

VOCATIVE ہس منٛز 'او' بنان۔ 'پُمادرا ہوانے وِشِشٹات

पुमादरा ह्वाने विशिष्टात् मन्नो का. نامنو واپوٗروم بے

(पूर्वं हे اَمہِ سوٗترٕ ستۍ چھُ پوان گوڈنیتھ ہے 'ہے' لفظ ییٚلہِ

کانٛہہ عزتہٕ سان آلو دیُن آسہِ۔ مثلن۔ ہے ناران جو۔ ہے گنہٕ کول۔

(हता शब्दः पर्वं च) ہے رحیم جو۔ بیترِ۔ 'ہتا شبدٕ پوٗروچہٕ'

کُنہِ وِزِ چھُ ناد لاینہٕ وِزِ 'ہتا' گوڈنیتھ پوان۔ مثلن۔ ہتا مانا۔ ہتا

غُلیا۔

( PRONOUNS ) سَرونام پادَ

اشارٕ ناوتچہِ کیہہ مثالہٕ:۔

काञ्चाह केञ्चाह शब्दा वेकत्वे کانٛژھا کینٛژھا شبدا ویکتو'

ییٚمہِ سوٗترٕ موٗجوٗب چھُ کانٛژھاہ تہٕ کینٛژھاہ لفظ واحدس منٛز

بیٚھہٕ پاٹھۍ استعمال سپدان۔ مثلن، کانٛژھاہ، کینٛژھا۔

(केंचः शब्दो नित्य बहुत्वे) کینٛژ شبد و نِتیم بہتوٕ بے

اَمہِ سوٗترٕ کِنۍ چھُ 'کینٛژ' لفظ ہمیشہٕ جمعس منٛز استعمال سپدان۔

{त्रिहस्तारा देशः} مثلن۔ کینٛژن تہٕ کینٛژو۔ ترٕہس تارا دلیشہٕ

اَمہِ سوٗترہِ مُطابِقہٕ چھُ 'تُر' لفظس تار آدیش ( CHANGE )
یوان ۔ مثلن ۔ تار ۔ ( ژوچہِ تاپہ )

سماس پرٛکرٔیا ( COMPOUNDS ) مُرکب کٲشرِ

زبٲنی منز تہٕ چھہِ وارِیاہ قسمکی سماس ( COMPOUNDS ) یا
مُرکب ۔ مثلن ۔ نٔس ژوٚٹ ، کنٕہ ژوٚٹ بیترِ ۔ یِمہِ وِزِ اَسی یِم لفظ
دپھناوو کہ تمہِ وِز بنہٕ یِہند روٗپ پتھ پٲٹھی مثلن ، نٔس ژوٚٹ
گووٕیُن نٔس ژھینہِ ہٕژ آسہ ۔ کنہٕ ژوٚٹ گووٕ سُہ یُس کنٕ ژھینمُت
آسہِ ۔ یِمن سماسن یا مُرکبن ہنز مثالہٕ چھینٕہ ایشور کولن کٲشرس گرامرس
منز وارِیاہ دِژمٕژ ۔ وُچھو کینہہ مثالہٕ ۔ اُتر پد ستھیہ پوٗنی
शبد ستھیہ پوٗوہ ' उत्तर पदस्थस्यपो अ शाबदस्य पोव: '
اَمہِ سوٗترہِ موٗجوب ییٚلہِ مُرکبس منز 'پ' (प) آسہِ تیٚلہِ چھُ
تتھ بنان 'و' (व) بنان مثلن ۔ گنگہِ ووٗنی ، شینہٕ ووٗنی ،
وِگہ ووٗنی ، مار ووٗنی ، کیرِ ووٗنی ، رٔدٕ ووٗنی ، ناگہ ووٗنی بیترِ ۔
ییٚمہِ وِزِ یِم لفظ مُرکبس منز آسنہٕ تیٚلہِ گژھہٕ 'پ' 'و' ہس منز
تبدیل مثلن ۔ وٕنیتھ ہندِ پانہٕ ستین ۔ اَتھ جُملس منز گووٕ "پ"
( प ) "و" ( व ) ہس منز تبدیل ۔ اَتہِ رٔد پانہٕ ستین وانہٕ ستہٕ
کینہہ ۔ 'پوٗرو پد ستھے نتشیہ انُسوارہ' ۔ 'पूर्व पदस्थे' ۔
اَمہِ سوٗترہِ مطابقہٕ مُرکبس منز ییٚلہِ پوٗنی لفظ گوڈ अस्यानुस्वार:
آسہِ تیٚلہِ بنہٕ 'ن' حرفس انُسوار 'ن' (न) NASALISATION

یعنے نوٗنس بنہٕ نوٗنہٕ غنہٕ (ں) مثلن ۔ پاں ترٛکھ ۔ پاں نوٹ ۔
پیٚلہٕ پہٕ مرکبس منز آسہٕ تیٚلہٕ بنہٕ ایٚک روٗپ پتھ پاٹھی مثلن ۔
پانٛیک ترٛکھ ۔ دانہٕ شبد سپا پہٕ ( दानशब्दस्यादि )
اَمہٕ سوٗترٕکنۍ پیٚلہٕ دانہٕ لفظ کس منز گوڈنیتھ آسہٕ تیٚلہٕ بنہٕ دانہٕ
لفظٕکس نوٗنس (ن) نوٗنہٕ غنہٕ (ں) مثلن ۔ داں کھارٕ ، داں
پھوٗٹ بیترِ ۔ مرکبس منز پیٚلہٕ آسہٕ تیٚلہٕ بنہٕ یہٕ شکل ۔ دانٛج
کھار بیترِ ۔

## تدھت پرٛکریا

(NOMINAL SUFFIXES)

ناوُن مثلن ۔ اِسمس ( NOUNS ) اِشارٕ ناوتس (PRONOUNS)
صِفتن ( ADJECTIVES ) ستیٚ پرٛتیہٕ یعنے پوٚت لوٗگ لگاوُنہٕ
ستیٚ یوسہٕ تبدیلی ییہٕ تتھ وَنوٗ اَسۍ تدھت مثلن ۔ اِسمس اِسم بنُن ۔
ABSTRACT
اِسم ، عقل ، اِسم ، عاقل ۔ اِسم ، لوے ، باٚے تون ۔
اِسم ، پیٚتر ، پیترٕت ۔ ABSTRACT NOUN ۔ اِسمس صِفت
NOUN
بنُن ۔ مثلن ۔ دَن یہٕ چھُ اِسم ۔ اَتھ بنہٕ دنہٕ وول صِفت ، دُری چھُ
اِسم ۔ اَتھ بنہٕ دُرہیک صِفت ۔ صِفتس اِسم بنُن مثلن ۔ جوان
چھُ صِفت ۔ اَتھ بنہٕ جوانی ABSTRACT NOUN ۔ صِفتس
صِفت مثلن ۔ پیٚشُل یہٕ چھُ صِفت ۔ اَتھ بنہٕ پیٚشہٕ جار صِفت ۔
اِشارٕ ناوتس صِفت مثلن ۔ میٚہ تہٕ تٔرۍ یم دوشوے چھِ اشارٕ

ناوتی تہٕ یمن بنہٕ صفتس منزٕ یم روٗپ مثلن ۔ میون تہٕ چون ۔
یتھے پاٹھۍ چھیہٕ بنیہٕ تہٕ مثالہٕ ۔ (अनादरा पत्यार्थे ऽ घम- शब्देभ्य: कठ)
انادرا پتیارتھے ادھم شبدیتھہ کٹھ

امہٕ سوٗترٕ موجوب ییہٕ 'کٹھ' پوٚت لوٗگ تتھین
لگاونہٕ ییلہٕ کانٛسہٕ بجس شرارت یا ہتک کرٕن آسہٕ مثلن ۔ ژوٗرٕ کٹھ،
گانہٕ کٹھ، پوگہٕ کٹھ، واژ کٹھ، رابہٕ کٹھ بیترٕ ۔
(पौंज़ अपज़ शब्दाम्यां योर) 'پوٗز ایزٕ شبدابھیام یور'
امہٕ سوٗترٕ سٟتۍ چھُ پوٗز تہٕ ایزٕ لفظس سٟتۍ 'یور' پوٚت لوٗگ یوان
مثلن ۔ پوٗزی + یور = پوٗزیور، ایزی + یور = ایزیور، منٛزٕ کُم
شبدات دوٗتارتھے، (मंज़ुम शब्दा दूतार्थे)

امہٕ سوٗترٕ سٟتۍ چھُ منٛزم لفظس سٟتۍ 'یور' یوان مثلن ۔ منٛزم یور ۔
پنچمینتاد دِگرتے کِنہٕ (पञ्चम्यन्ताद्दिगर्थे किनि)
امہٕ سوٗترٕ مطابقہٕ ییہٕ ABLATIVE کس انٛتس ییلہٕ کانہہ طرف
ہاوُن آسہٕ کِنہٕ' پوٚت لوٗگ (SUFFIX) لگاونہٕ مثلن ۔ ہپارٕ
کِنۍ، ییتۍ کِنہٕ، ہتۍ کِنہٕ بیترٕ ۔ سپتمینتات کُن ۔ (सप्तम्यन्तात् कुन)
یمہٕ سوٗترٕ کِنہٕ ییہٕ 'کُن' پوٚت لوٗگ تتھین یپارٕ کانہہ طرف آسہٕ ہاوُن
یعنہٕ LOCATIVE وِس منز
چھُ ییہٕ یوان مثلن ۔ تور + کُن = تورکُن ۔ ایک مطلب چھُ تَمہٕ
طرفہٕ ۔ یتھے پاٹھۍ یورکُن، کورکُن، ہورکُن، توٚت کُن، یوٚت کُن

بیتر۔ ( अभ्रचूमवातमात्रायां रिंग )
'ابھر دھوٗم وات ماترایام رِنگ'
اوٚبرس دٕہس تہٕ واوس یمَن لفظن ہِتۍ چھُ یِوان 'رِنگ' پوٚت لوٚگ
یِیلہِ رٕژھ کھنڈ ہاوُنۍ آسہِ۔ مثلن۔ اوٚبرٕ رِنگ، دٕہ رِنگ، واوٕ رِنگ۔

## سترٖی پرتیہہ پرٛکرٕن SUFFIXES OF FEMININE GENDER

مٕنشیہٕ جاتے سروترٕ باے : मनुष्यजाते: सर्वत्र बाय
امہِ سوٗترٕ ہِتۍ چھُ انسان ذاژٕ ہندٮ۪ن مادٕ لفظن ہِتۍ 'باے' پوٚت لوٚگ
لگان مثلن۔ حاج باے، دٕربابے، سونٕرباے، کھارٕ باے بیترٕ۔
کوترباے یِیہٕ نہٕ کیہنہ، تکیاز کوترٕ چھُنہٕ انسان ذاژ منز گٔنزرنہٕ
یِوان کیہنہ۔ کوترٕ ہٕنز۔ مادٕ گیہٕ کوترٕ۔ لانتانام جٕ: लान्तानाञ्ज:
امہِ سوٗترٕ ہِتۍ چھِ یِم لفظن آخرس لامہٕ (ل تہٕ) ہِتۍ ختم گژھن تِمن
چھُ ج (ج) بنان تہٕ چھِ تِم لفظ مادٕ شکل اختیار کران مثلن:۔
نر، وول، مادٕ، واج، نر، کونڈُل، مادٕ، کونڈٕج، نر، ٹھُل، مادٕ
ٹھٕج بیتر۔ کاونا گ وۄنٹ بھیشیہ' ( कावनाग वूंटभ्यश्च )
امہِ سوٗترٕ ہِتۍ چھُ کاو ناگہٕ وۄنٹہٕ لفظن نٕشہٕ مادٕ بناونہٕ وِزِ 'اِنۍ'
پوٚت لوٚگ یِوان مثلن:۔ نرچھُ کاو، مادٕ کاوِنۍ، نر۔ ناگ۔ مادٕ،
ناگِنۍ، نر وۄنٹ۔ مادٕ وۄنٹِنۍ، انیہ توپہ لیشُہ جاتے ( अन्य तोऽपि पशु जाते: )
بٮ۪یَن پٔش ذاژن منز تہٕ یِیہٕ 'اِنۍ' پوٚت لوٚگ
مثلن:۔ نر چھُ خر، مادٕ خرِنۍ۔ بیترِ۔ 'داندا دِھیورِن' ( दान्दा नदिभ्योरिञ )

اَمہِ سوٗتۍ پتھۍ یِیہِ دانِدر کانِدر بیتر لفظن ستۍ موٗنث بناوٕنہٕ وِزِ رٕنۍ، پوٗت لوٗگ لگاونہٕ مثلن:۔ نرگوو دانِدُر ، مادٕ ، دانِدرٕنۍ۔ نرٕ، کانِدُر، مادٕ کانِدرٕنۍ بیتر۔

کشمیٖری شبدامرتم کِس دوٚیمِس حصس منز چھُ کاشرۍ پاٹھۍ ترتیب وار ( ROOTS ) دِنہٕ آمتۍ مثلن۔ اَرۍ اَچھرن ہندۍ موٗل۔ اَٹ، اَٹھ، اَڈ، اُہر، اند، البس، البساو، اُڈر، اُڈراو، آپر، آبراو، یرٹھ، یِیر۔

## زِرۍ اَچھرن ہندۍ موٗل (ROOTS)

کڈ، کت، کتر، کٔتز، کٔرپ، کٔرشو، کٔن، کھٹ، اکھندٕر، کھن، کھار، کھول، کھس، گرٕشھ، گنڈ، گل، چمک، چاو، چُکاو، چھک، چھوٗمب، جکھ، ژٹ، ژم، ژٕل، ژھٹ، ژھل، زال، زین، ٹک، ٹھک، ٹھک، ڈر، ڈکھراو، ڈیش، تگ، تٕنر، تمبل، تاو، تھمب، ترژ، ترٕاو، تھک، تھد، تھل، دگ، دز، دوے، دودر، دور، نژ، نٹ، ناو، پھٹ، پھٹراو، پھب، پھرکاو، پھیٖش، پھور، پھرک، بز، بک، بر، منگ، مژراو، مر، یتر، یٹراو، یاپ، رنگ، رُو، رن، مٹاو، لڑ، لوٗر، دٕت، وٹ، وز، وہار، وور، شم، شرپ، شٹھ، سکھ، سندار، سمبال، ٹان، ہٹ، ہاو، ہن ابیتر۔

اَمہِ علاوٕ چھُ یتھ حصس منز کالن ( TENSES ) مُتعلق تہٕ

اُدِ سوُتر لیکھو متےٚ۔ یم کال چھِ ورتھناوِنہٕ آمتۍ مثلن؛

ازکال ( PRESENT TENSE ) . برونٛہہ کال ( FUTURE TENSE )

تہٕ پتھ کال ( PAST TENSE ) بیٚیہِ چھُ اَتھ منز کرِدنتن

( VERBAL SUFFIXES ) پیٹھ تہِ دَل دِنہٕ آمُت ۔

کرِدنت گیہٕ تِم کرِاوتی یمن پرتیہِ یعنے پوٚت لوٗگ لگاوِتھ

پننٕ اصل روٗپ بدلہِ مثلن۔ گِندان گِندان چھُ شہٕ کامہٕ اندواتّنادان۔

اُسان اُسان چھُ سۄ سوٗرے کَران۔ یمَن جُملَن منز چھِ "گِندان گِندان" تہٕ

"اُسان اسان" کرِدنت ۔ سو چھیٚہ پرہٕنی کوٗر۔ شہٕ چھُ پرٛوٗن لڑکہٕ ۔

یمن منز تہٕ چھِ پرہٕنی تہٕ پرٛوٗن کرِدنت ۔ یم کرِدنت چھِ یتھ

پاٹھۍ بنان۔

موٗلہٕ کرِیہِ ( ROOT ) پیٹھ اِسم ودتلُن مثلن :۔

گرٛتھ + اُن = گرٛتھُن ، دور + اُن = دوٗرُن . ہور + اُن

ہوٗرُن ، موٗلہٕ کرِیہِ پیٹھ اوِکور ( INDECLINABLE )

بنُن مثلن ۔ گرٛتھ + اِتھ = گرٛتھِتھ ، دور + اِتھ = دوٗرِتھ ، ہور +

اِتھ = ہوٗرِتھ بیتر۔

موٗلہٕ کرِیہِ ( ROOT ) پیٹھ کرِیہِ ودتلنی مثلن ،۔ گرٛتھ + وُن =

گرٛتھہٕ وُن ، پر + وُن = پرہٕوُن ، زین + وُن = زینہٕ وُن بیتر۔

(वर्तमाने धातुभ्यआन् ) ' ورتمانے دھاتُبھیہ آن ':

اَمہِ سوٗترٕ ستۍ ییہِ ازکالس منز داتوہن ( موٗلہٕ کرِیہِ ) پتہٕ 'آن'،

پوٚت لوٚگ۔ مثلن ۔ پر + آن = پران ۔ بوز + آن = بوزان ۔ کر + آن = کران ۔ شہ چھُ پران ، سو چھیہٕ پران ، شہ چھُ بوزان ، سو چھیہٕ بوزان ، شہ چھُ کران ، سو چھیہٕ کران ۔ یِمن جُملن منز چھِنہٕ موٗلہٕ کرٛیہٕ کانہہ تبدیلی یِوان تہٕ یِم چھِ ( INDECLINABLE ) بنان ۔

'ولپوٗروہ سوٚرانات'

اَمہٕ سوٗترٕ موٗجوٗب آسہٕ تِتھ موٗلہٕ کرٛیہٕ پتہٕ 'آن' پوٚت لوٚگ یِوان یُتھ آخرس سوٚر آسہٕ تہٕ بیٚیہٕ آسہِس سوٚرس ( VOWEL ) برونٛہہ 'و' ( ؤ ) یِوان مثلن :۔ کھ + وان = کھوان ، چ + وان = چوان ، دِ + وان = دِوان ۔

یِمو مثالو تلہٕ چھُ اَسہٕ نَنان زِ ایشور کول اوس تھَدِ پایُک گرٛیمر دان ۔ یوٚدوَے اَمی سٕندِس کتابہِ منز کیٚنہہ کوتاہیہ درینٛٹھ گژھان چھیہٕ توتہٕ چھیہٕ یہ تصنیف کاشرِس گرٛیمرس منز سنگہٕ میلہٕ حیثیت تھوان ۔ اَتھ تصنیفہٕ متعلق چھُ سر جارج گریرسن اَمِچہٕ گوڈٕ کتھہِ منز یِتھہٕ پاٹھۍ باوتھ کرمٕژ ۔

"Ishwar Kaul's work is a Grammar of the Kashmiri Language Written in Sanskrit on the model of ordinary Vyakarana. It is an excellent work and might have been composed by Hemachandra himself. Kashmiri is a language which

(contd.)

is very little little known, but which is of great importance for the purpose of comperative philology. Existing Grammars of it have been made by foreigners and are imperfect. They all suffer from at least one great fault, viz., that they are based on the representation of the language which is quite unable to express the many spoken vowel sounds in the language. Ishwara Koul adopted the Devanagri Character, ingeniously modified to suit his purpose."

امہِ علاوٕ چھِ ایشور کولن دیوناگری رسم الخطس منز "کٲشری دش بھانسودے"
ناوٕچ ڈکشنری لیچھمٕژ۔ یہ ڈِکشنری چھیٚہ تمہٕ سنسکرت شلوکن منز
لیچھمٕژ یمکہِ ژٕ جلد رِسٔرچ ڈپاٹمنٹچ سنسکرت مینسکرپٹ
لایبری (SANSKRIT MANUSCRIPT LIBRARY)
منز محفوظ چھِ۔

اَتھ ڈِکشنری منز چھِ بیٚون بیٚون کٲشرِ لفظن ہندی ناو
نوٗن مختلف زبانَن منز دِنہٕ آمتی تہٕ کٲشرِ سان چھِ یِم دَہ زبانہٕ
پلوان۔ اَمِچ اکھ مِثال چھیٚہ یتھٕ پاٹھۍ ہیٚش۔

"اخروٹ اکشوٹ والنٹ چہ جوز ہنگاک تتہ پرم
چار مغز، اچہ چار مغز، ڈوٗنو ترگا ستر گا کرٛ مادمی"
یتھ شلوکس منز چھ ڈوٗنکی ناو دٔہن زبانن منز مشلن۔
ہندوستانی زبانی منز اخروٹ، سنسکرتس منز اکشوٹ
انگریزِیس منز والنٹ (WALNUT) عربِیس منز جوز،
تُرکی زبانی منز ہنگاک، فارسی تہٕ پشتو زبانی منز چار مغز،
کاشرس منز ڈوٗن، لامی تہٕ بلتی زبانی منز ترگا۔
فارسی تہٕ عربی زبانی منز مہارتھ آسنہٕ کنی چھیہ ایشور کولن قانونِ
طِب تہٕ ابو نصر فراہی ہنز کتابہٕ۔ "نصابُ الصبیان" سنسکرت
زبانی منز ترجمہ کوٚرمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یمو سنسکرت شلوکن منز
"دُربھکشہٕ نارو دیاست" لیوٗکھمُت، یتھ منز مہاراجہ رنبیر سنگھنہِ
عہدکہِ درٛاگک تذکرٕ میلان چھُ۔

## کتابیات BIBLOGRAPHY


۱. وِشو سنسکرت شتنابدی گرنتھ جموں وکشمیر راجیہ بھاگہ۔

۲. کشمیری شبدا مرتم از۔ ایشور کول۔ ایڈیٹر، سر جارج ابراہم گریرسن۔

۳. ہمارا ادب (۷۸-۱۹۷۷ء) ترتیب۔ رشید نازکی۔

۴. کشمیری دش بھاشودے از۔ ایشور کول
مضمون:۔ ایشور کول۔ بدری ناتھ کلا۔

ڈاکٹر چمن لال رینہ

# شوپرٕنۍ تہٕ گرٚیرٚسن

کٲشرِ ہندِس اَدبس چھُ وِز وِزٕ شاعرو تہٕ اُدیبو پننیو تخلیقی کارناموٕ ذٕریعہٕ گوڈٕ بوٚرمُت تہٕ آبیاری کٔرمٕژ۔ ساننہٕ کٲشرِ تہٕ چھُہ وارِیاہن رِلوایتَن زٔنٕم دِیتمُت یِمَن منٛزٕ کٲشرُ شِو فلسفہٕ ساننہٕ زٔنٛوٕ پیٹھ چھُ تہٕ سانٮ٘ن ادبی حلقن منز چھُ یہٕ فلسفہٕ ہمیشہٕ زیرِ بحث روزان۔ چوٗنکہِ یہٕ فلسفہٕ چھُ زانٕنہٕ تہٕ فِکرِ ترٛٲوٕنہٕ لحاظہٕ ہنا گٕدٕٹھ آسان، اُدٕ موٗجوٗب چھِ شاعر تہٕ عالِم پننیو ادبی تخلیقو ذٕریعہٕ یِمَن مزازٕ وَرتاوِتھ عام گٔژھو تہٕ مُشاہدو ذٕریعہٕ لُکن تام سہل تہٕ آسان شکلہِ منٛزٕ واتناونٕچ کوٗشِش کران۔ یِتھ آسہ ادبی خدمت دٔنان چھِ۔ یہے کوٗشِش چھیہٕ اَدبُک پوشِر دِلنٕ، پھاپھلاونٕ

تہٕ ترقی کرنس منز اَتھ روٹ کران۔

اَمہِ بتہٕ چھُ وُنی کینس زیرِ بحث کرشنہٕ جوُ رازدانن شوپرنے۔
شوپرنے چھُ اکھ تھٔکن لایق تخلیقی کارنامہٕ، یُس زَن کرشنہٕ جوُ رازدان
دید، اُپنشد، مہابھارت تہٕ پُرانَن منز بنیادی بیٹھ تخلیق چھُ کورمُت۔
شوپرنے چھیہٕ کاشر منظوم تخلیق۔ شوپرنے گوو کاشرِ پاٹھی شوسُند
لگن۔ پرنے چھُ سنسکرت لفظ۔

ییلہِ اُسی اَتھ عنوانَس سُنان چھِ اَمہِ چھُ نُنان زِ شو چھُ اکھ
ذات، یُس کرمہٕ ئیندریو تہٕ گیانہٕ یندریو، مَن بُدھی تہٕ اہنکارکین
حدؤدَن منز آدِرنہٕ آمُت چھُ۔ ئیندریے گیہٕ حواس، کرم گیہٕ
عمل تہٕ گیان گوو علم۔ یم چھِ کُل ۳۶ توتھ آسان تہٕ شو چھُ
یمو منز گوڈنیُک توتھ یُس زَن باقے توتَن ہِنٛز سَتی چھُ۔ یتھ کِنی
چھُ شو باضابطہٕ پاٹھو آکارس منز یوان۔ نِراکار تہٕ نِرگون چھُ
ساکار بنان تہٕ اَمِس منز چھِ گون نموٗدار سپدان۔ لامحدوٗد
چھُ محدوٗد بنِتھ سانین نظرن منز، سانِس سوچس منز تہٕ سانہٕ
فکرِ منز اکھ باضابطہٕ ذہنی شعور تھوَن وول وہ ستاد ثابت
سپدان۔ "CULTURAL HERITIGE OF INDIA" مطابق
چھُ کرشنہٕ جوُ رازدان، پرمانندنُے اکھ شِشش (شاگرد) اوسمُت۔

اُمی منز یہ تخلیق چھیہٕ روٗحانی تہٕ فلسفیانہٕ صلاحیژو برتھ۔
یہ شاہکار تخلیق چھیہٕ اکھ خاص نموٗنہٕ یتھ منز یہ کانہہ تیُتھ شٹھینیار

چھُ باسان یِیمہِ کنِہ یہِ کنہٕ خاص مقامس پیٹھ واتنےٚ ژھوکہٕ ہے یا زِہیتھ گرٕژھ ہے، بلکہ چھُ کرشنہٕ جُو رازدانٕ پننہٕ ادبی کمالہٕ ستیٚ اَتھ دُسجار بخشمت تہٕ مقبولیتُک جامہٕ وٕلِمتھ۔ اُمی چھ شاعری ہندی اسلوب تہٕ اصول ورتاوِتھ یہِ تخلیق اِبھنو گیتن شعورٕ ی کمالس رُوحانی تہٕ عرفانی جمالس بروٚنٛہہ کنِہ پیش کرمٕژ۔

شو پرنے چھ گریرسنن ترتیب دِیمٕژ۔ یہِ چھُ "ASIATIC SOCIETY OF CALCUTTA" ہن سنہ ۱۹۲۴ء منز چھاپ کوٚرمٕژ۔

۲۳، جون سنہ ۱۹۲۴ء چھُ گریرسن اکھ گوڈٕکتھ لیکھان۔ گریرسنس ستیٚ چھُ مہاوُپادِیاے مُکندرام شاستری یِن تہٕ اَتھ کامہٕ کُن برابر توجہٕ دِیمٕژ۔ مہاوُپادیاے چھُ بقولِ گریرسن سنہ ۱۹۲۱ء منز سورگواس سپدُمت۔ تمہِ وقتہٕ چھِ یہِ کام آسان مکمل سپزمٕژ۔ مُکندرام شاستری یَن چھُ شو پرنیک سنسکرتس منز منظوم ترجمہٕ کوٚرمُت۔ تمیٚ چھُ اَتھ "چھایا" یعنے ژھاے ناو تھوومُت۔ بقولِ گریرسن چھُ مُکندرام شاستری کاشرُ بہلہٕ پایہ لسانی ماہر اوسمُت۔ گریرسنن چھُ وونمُت زِ۔

"I OWE MUCH TO THE TEACHING AND TO THE HELP HE GAVE ME IN THE PREPARATION OF CHAYA."

اَمہِ ستیٚ چھِ اُسی ژِنان زِ شو پرنے کوتاہ موٚلُل تخلیقی سرمایہ چھُ تیمہٕ تخلیقی کامہِ منز، یعنے چھایا بیکھنہٕ، ییتھ ہوی بہلہٕ پایہ لسانی ماہرن مہاوُپادھیاین تہٕ گریرسنس ستیٚ یہِ بارآدر کوشش کرٕ۔

گریرسنس چھُ پوٗرٕ ناو جارج۔ اے، گریرسن اوسمُت۔ سُہ

اوس ڈی لِٹ پی، ایچ، ڈی تہٕ ایل، ایل، ڈی "ASIATIC

SOCIETY OF BENGAL" یُک تہٕ اعزٲزی رُکن اوسمُت۔

ناگری پرچارنی سبھایہِ ہِند تہٕ اعزٲزی رُکُن اوسمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھُ

گریرسن یِمَن یِمَن ادبی حلقن سٍتۍ وابستہٕ اوسمُت۔ مثلن:۔

1. AMERICAN ORIENTAL SOCIETY.
2. INTERNATIONAL BIHAR AND ORRISA RESEARCH SOCIETY.
3. MODERN LANGUAGE ASSOCIATION.
4. ROYAL DANISH ACADEMY OF SCIENCE
5. BOMBAY BRANCH OF THE ROYAL ASIATIC SOCIETY.

اَمہِ علاوٕ اوس گریرسن فرانسچہ ادبی تنظیمہِ سٍتۍ وابستہٕ تہٕ

اَکھ سرگرم کارکُن۔ یہِ چھُ اکھ ثبوت گریرسنہٕ علم تہٕ ادب دوستی

ہُند۔ سُہ اوس اکھ صحیح انسان تہٕ سرکردٕ ادبی کارکُن۔ تِس اوس

تحقیقی مزاز، سُہ اوس اکھ عالِم تہٕ ادب شناس۔ شُو پرٕنیں

اوس تہنزن ادبی سرگرمین منز اکھ خاص شرف تہٕ مقام

حاصل۔ یہِ کتاب چھپیہٕ مشن پرٕسس منز چھاپ

سپزمٕژ۔ یہ اُس دیوناگری رسمِ خطس منز لیکھنہ آمٕژ۔ اَتھ کتابہِ چھ ۶۱۹
صفحہٕ آسان یُس کتاب چھیٚ ۱۹۱۵ ہَن شوٚلوٚکن پیٹھ مُشتمل۔ یتھے پاٹھی
چھیٚ "چھاپا" کتاب تہٕ ۱۹۱۵ ہَن شارن پیٹھ مُشتمل۔ یہ چھیٚ سنسکرت
زبانٕی منز لیکھتھ۔ اَتھ تہٕ چھُ دیوناگری رسمِ خطے۔ گریرسن چھیٚ
امہِ کتابہِ ہنز گوڈٕ کتھ انگریزی زبانٕی منز اَپچھمٕژ، تیٚمیچ PROOF
READING پروفیسر جولِن مُلاکن کرمٕژ چھیٚ۔ تمہٕ پتہٕ چھیٚ یہ
کتاب چھاپ سپزمٕژ۔

دٕلو اُسی دُچھو زِ فلسفیانہٕ اعتبارٕ کوتاہ سَنر چھُ شوٚپرینس
تہٕ یہ کمو مرحلو منٛزی چھُ گژران۔ کرشنہٕ جوٗ رازدان کیتھ کُنہٕ چھیٚ
یہ تخلیق کاشرس مزازس لایق بناومٕژ۔ باسان چھُ زِ گوڈنیتھ چھیٚ
تمٕ مذہبی رلوایشر کامہ ہیٚرمٕژ۔ تکیازِ تمٕ چھِ گوڈنیتھ شری گنیشنہٕ
ہنز توتا کرمٕژ، یتھ گریرسن "INVOCATION TO GAUSHII"
ناو تھوو۔ ہندٕ دیو مالایہ منز چھِ گنیشس آدِ دیو یعنے
گوڈنیک دیوتاہ وَننہٕ آمُت۔ پرتھ کانٛہہ مذہبی کام چھیٚ
اُہنزی توتایہٕ تہٕ پوزایہ ستی شروع سپدان تہٕ یوٚہے چھُ
پرتھ کامہِ کامیاب بناون وول سِدِ داتا مانہٕ یوان۔ گنیش
چھُ اکھ دیوتاہ یُس شوٚ پرانو مُطابق شو تہٕ پاروتی ہُند
سنتان چھُ۔ الگ الگ پُرانَن منز چھِ اُمس دیوتاہس
متعلق عجیب عجیب کتھ نَنان۔ اما پوٚز یہ چھُ الگ بحث۔

سون موضوعِ سُخن چھُ زِکرِ شینہٕ جوٗرازدان کیاز ِچھُ گوڈٕ گنیشَس پٮ۪ٹھ استوتی کران۔ صاف چھُ ظاہر سیدان زِ سُہ چھُ ہندو دیو مالایہِ منٛز پوٗرٕ پوٗرٕ پرٛژھ پرٛژھ تھوان۔ تمۍ کٔر گنیشس توتازِ شو پٔرنے گوڑٕ خوشس اسلوٗبی سان انٛد واتنُ تہٕ مکمل سپدُن۔ یوٗتے یوت نہٕ بلکہ چھیٚ اتھ فلسفہٕ اعتبارٕ خاص اہمیت حاصل۔

گنیش استوتی پتہٕ چھُ تخلیق کار پننِس گوٗرِ پٮ۪ٹھ توتا کران۔ یہ تہٕ چھِ کاشرِ مزاجٕچ عکاسی یوٚسہٕ زَن گوٗرس تہٕ شِشَن ہُند رِشتہٕ ہاوِتھ دِوان چھِ۔ کاشرِس ذہنَس منٛز کیٚتھ حدس تام چھُ پننِس ودٕ ستادس پیرس تہٕ مُرشدس تہٕ دٕیہٕ ہاوٕکس قدر تہٕ عزت سیدان تہٕ یہ شِشس تہٕ شاگرد کوتاہ شُکر گزار تہٕ ممنون چھُ اُمِس گوٗرٕ سُند آسان۔ گوٗر شیشِس پرمپرا چھیٚ سانین اُپنشدن منٛز خاص اہمیت تھوان۔ سانٛس شکھتی وادس منٛز چھُ اتھ سٹھاہے تھزر تہٕ بجر حاصل۔ اَمِچ مثالہٕ چھیٚ کلنارنو تنترٕ تہٕ گیانارنو تنترس منٛز کانٛی میلان۔ اَز کالس منٛز تہٕ چھِ شیٚوٕ آچاریہ پننین گوٗرن ہُند دٕہ مناوان۔ یہ رِوایتھ چھیٚ سٹھاہ پرانٛی۔ گوٗرا ستوتی چھیٚ انٛانی اخلاقچ اکھ ٹاکارٕ مثال یوٚسہٕ شو پٔرنیس منٛز درج چھیٚ۔ بقولِ تخلیق کار گوٗر چھُ سدگوٗر تہٕ پوٗز گوٗر بیپرٕ تہٕ بُزرگ یُس زَن وِزِ وِزِ تہٕ ژٕھرٕ ژٕھرٕ پننِس شِشس یا مُرشدس سیٚزٕ وَتھ ہاوان چھُ تہٕ تمۍ پٮ۪ٹھ کوتاہیہ دٔر کران چھُ۔

گوپاستونٔتی پتہٕ چھُ شو پرٛیس منٛز فکری منظر شروٗع گژھان۔
زٕ گوو زِ ذاتِ پاک چھُ ییٚمہِ کائناتُک دارٕمدار تہٕ بُنیاد تہٕ بیٚیہ اکھ
وجوٗدس منٛز اُنٛہ وول۔ ہندوستٲنۍ فلسفکس ییٚتھ پہلوٗہس وِزوٗزِ
ہندوستٲنۍ فلاسفرو بِنہٕ اِدراکہٕ (PERCEPTION) اُنہٕ مان
INFERENCE تہٕ لفظی تصدیق (VERBAL TESTOMONY)
ذٕرِیہِ حل کرنٕچ کوشش کٔر۔

باسان چھُ زِ گریرسٕنٕ چھُ شو پرٛنٛیُک مطالعہ کٔرتھ یہ
انداز کوٚرمُت زِ شیو فلسفہٕ چھُ کٲشرِ دماغَن تہٕ ذٔہنَن منٛز
ییٚتھ پاٹھٕ وٕتھ تہٕ شرٛیتھ یُتھ زن یہ فلسفہٕ کٲشر شٲعری منٛز تر
وِرٛتھناوُن آو۔ شیو فلسفہٕ سیٚدِ سیوٗد 'ونہٕ کھوتہٕ باسیوو
کرشنہٕ جوٗ رازدانس تہٕ زِ سہٕ کرِ یہ خدمت شٲعری ہُندے
آسرٕ ہیتھ۔ یِتھٕ کٕنۍ کھوٚت یہ فلسفہٕ کٲشرِ عام لُکن ہنٛز زیوِ
تہٕ یہ چھیٚیہ الگ کتھ زِ فلسفس سٕتۍ چھیٚیہ اکھ کتھا۔ اماپوز شٲعرٕ
چونکہِ چھُ پتہٕ وَتھ اکھ سٔہل تہٕ آسان ذریعہ رُودمُت ییٚمہِ سٕتۍ
زٲوِل تُوقط یاد تھوَنہٕ آسی یوان۔ نٔشر اوس نہٕ تیوٚت کارگر پیدان،
تکیازِ شیوی ادب چھُ وید، اُپنشد، آگم شاستر، پُران، رامایَن
مہابھارت تہٕ باقے شٲعری ادبس اندر میلان امہِ کنۍ باسیوو
زِ کرشنہٕ جوٗ رازدانٕنۍ یہ کوشش روٗز بٔڈاہ کامیاب تہٕ
کارگر۔

کرشنہ رازدانن اوٗن شو اکس شخصی شکلِ منز تہٕ ساری کِردار کرٕن عام انسانہٕ ہشندی آپہٕ پیش۔ "پرٕنے" گوٚو ٹکن۔ تہٕ ٹکن کیتھ کنٛ ییہ ہیے عام ذیٖہنس تام واتناونہٕ، کوٗر امی شو اکھ خاص کِردار کھڑا۔ پاروتی بیاکھ کِردار تہٕ راژ ہمالہٕ تہٕ نارد میٚنٛز بیتر کِردارن مُنٛد رٕژھ دِتھ ڈٔلِن اتھ پننہٕ ماحولکی جامہٕ۔ چنانچہٕ ہمالہٕ پربتس پیٹھ واتتھ گوری تہٕ وڈماژھانڈٕنی اوس اسہٕ نشہٕ دوٗر۔ ییمہٕ کنٛہِ شو چھُ گوری یا وڈما یہٕ شاریکایہٕ ہندس روٗپس منٛز ہارِ پربتس پیٹھ اُتھ ساٚنہِ خاطرٕ آسانی یاد کران۔

شو پرنیس منٛز چھُ کرشنہٕ جوٗ رازدان دٔلیس یہٕ ییٚژھ پرٛژھ منگان زِ ییتھ پاٹھی شنکر سوٗدی وآنس ٹوٗٹان چھُ تِتھی پاٹھی گوژھ سُہ اُمس تہٕ ٹوٗٹھن۔ یوٚتے یوت نہٕ دیان اکھنوگپت شیو آچاریہٕ تہِ چھُ پننی باٚشتہ یادگار تہٕ شش ہتھ ییٚمی دِہہ سورگس کھوٚتمُت۔ ییٚمہِ سِتہ اِسہٕ شیو فلسفک تھزر تہٕ بجر چھُ پرٕکھٹی پاٹھی نَنان۔ کٲشرٕ مُنٛد شیو فلسفہٕ آو وارہٕہن کتابن منٛز وڈھناونہٕ تہٕ پھانٛپھلاونہٕ۔ اما پوٗز کرشنہٕ رازدانن کوٗر یہٕ عام تہٕ سہل طریقہٕ پننہٕ شاعری یعنے منظوم تخلیقہٕ شو پرٕنیہ کنٛہِ کٲشرٕ زبان زانَن والین منٛز مقبوٗل۔

کرشنہٕ رازدان چھُ پننس گورس پرمانندس

پتہ پتہ تہندی پاٹھی ژیڈی شار لیکھان تہ وارِہن جاین چھرا پرمانٔدٕلی
ہوی شار وَنان یِمہ تِژِ یہ کتھ ثابت چھیہ سپدان زِ یہ چھ پرمانٔدن
رُت شَش اوسمُت۔

اُمس اوس گیتاجی ہند تہ سبٹھاہ اثر۔ چنانچہ چھُ تمی کینژن
جاین تمیک یعنے گیتاجیہ ہندِ فلسفک تہ اظہار کوٚرمُت۔

یوٚتانیتھ زَن گریرسن ہندِ انگریزٕ آسنُک تعلق چھُ تمس
اوس نہ کاشرِ فکرِ توٚرمُت۔ یُس زَن تمی مہامہو پادھیاے شری
مکند رام شاستری لیُس لِنشہ ہیوٚچھ۔ تو تہ چھِ اُسی سبٹھاہ شُکرگزار
گریرسنہ ہندی یِمی زَن کاشرُ نہ آپہ پتہ تہ کاشرس ادبی سرمایس
پیٹھ قلم تُل تہ صحیح طریقہ خدمت کرٕ۔ یُژھن بجن کامن پیٹھ یِیتر
میٚحنت کرٕنی چھُ گریرسنٕ سنٛز ادب دوٚستی تہ ادبی دلچسپی کیو
ادبی صلاحیژ ہند ٹاکارٕ ثبوٗت۔ کیہنہ آوازٕ چھِنہ ٹھیک پاٹھی
تہ اصل شکلِ منز تمس کاشرِ زبٲنی منز بھرنہ تجمژ مثالہ پاٹھی
چھُ گریرسنن زٕ یعنے (ज) (زا) چ آوازٕ چھیہ اُمی تہ رج،
(جا) چ آوازٕ ہنزی شکلِ درتاوِمژ۔ یتھے پاٹھی چھُ اُمی (ژ)
ژا تہ رچ، چا پاٹھی وٲنمُت۔ یُس زَن اُمی دیوناگری لیس
منز سنسکرتہ آیہ پوٚرمُت چھُ۔ اُمی چھُ (छ ज्ञ) "اِمہ"
لفظ "یِمہ" بدلہ لیوٚکھمُت۔ تریہ نیتھر چھُ اُمی تہ ترنیثر آیہ
لیوٚکھمُت۔ "زیہ" چھُن "جیہ" لیوٚکھمُت۔ بہرحال یہ چھیہ اکھ

مجبوٗری گریٚسٕتس آسمٕژ، تکیازٕ ئہ اوس غارٕ کاشرٕ۔

یہِ سوٗرے کیہنہٕ چھُ صرف گریٚسٕتہٕ پٔندی وُزھِ تہٕ تہٕنٛزی کوٗشِشہِ ہُند اثر زِ یِمَن گرٕنتَھن پیٹھ تہِ وُتھی نیٚبرٕ مٕنٛ لِکھارِن ہٕنٛدی قلم تہٕ تِہنٛدی ذیٚہن تہِ گیہِ اَتھ گوشس کُن توجہُ دِنس تہٕ یِمَن مسلن سام ہٕنس کُن راغِب۔ یہِ چھیٚ اکھ بٔڈ کَتھ۔ یِمَو سارِوے کوٗشِشو کِنی چھِ کاشرٕ اُمس عظیم لِکھارِس تہٕ ادیبس مایہٕ لوٗرت شُکرانہٕ اُداکران۔

ڈاکٹر ستیا بھاما رازدان

مترجم :- سوم ناتھ پنڈت

# کأشُر گرامر تہٕ گریرسن

اُزی کہٕ میانہِ یمہِ سیمنار پیپرُک موضوع چھُ کأشرِس گرامرس منز PARTICIPLE VERB تہٕ ADJECTIVE تہٕ سرجارج ابراہم گریرسن ۔ اَتھ موضوعس پیٹھ پننی خیال پیش کرنہٕ برونہہ چھس بہٕ یہٕ کتھ وَننی یژھان زِ یتھ پیپرس منز چھِ میٚہ کینہہ گرامر ٹرمہ بلکل تتھی طریقس منز استعمال کرمژ یتھ طریقس منز تمہٕ انگریزس منز ورتاونہٕ چھیٚہ لیوان ۔ اُمیُک وجہ چھُ یہِ زِ کأشرس منز میجنہِ میٚہ یمہٕ ٹرمہٕ صحیح معنیس منز۔ خأطرٕ PARTICIPLE چھِ تِتھ لفظس وَنان یُس 'ناوُت'، کراوُت

تہٕ باوُت، یِمن ترٛنوٕنی ہنٛز خاصیت آسہِ وَنان۔ کاشُر زبانی
منٛز چھُ بناوٕنہِ مطابق کرٛاوُت دۄہ یہ قسمک اکھ رُیُس AFFIX
جوڑنہٕ سِتی بنان چھُ تہٕ اکھ چھِ INFLECTED VERB ونان تہٕ
نمبر ۲ ہ کرٛاوُت یُس SUFFIX جوڑنہٕ سِتی بنان چھُ تہٕ
اکھ چھِ PARTICIPLE VERB وَنان۔ یہ کتھ چھےٚ پزٕ زٕ ازکالِچن
ہندوستٲنی آریہ زبانَن منٛز چھُ INFLECTED VERB کُ استعمال
وارٕ وارٕ ختم سپدمُت تہٕ تھہنٛز جاے چھےٚ ہُرکرٛاوٕتھو' تہٕ
زٕٹمُت۔ مگر یوٚتام زَن کاشُر زبٲنی ہُند PARTICIPLE VERB
تعلق چھُ، اَتھ زبٲنی منٛز چھُنہٕ INFLECTED VERB کُ
استعمال پوٗرٕ پٲٹھی ختم سپدیومُت بلکہ چھُ وُنہٕ تہٕ اَمیُک
استعمال سپدان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ کاشُر زبٲنی منٛز INFLECTED
VERB بدل "ہُرکرٛاوٕتس" سِتی PARTICIPLE VERB تہٕ
ورتاونہٕ یوان۔ اَزکس یَتھ پیپرس منٛز کرٕ بہٕ یِمہٕ کتھہِ ہنٛز باوَتھ
زِ سر جارج ابراہم گریرسن کیاہ چھُ کاشُر زبٲنی ہندِن PARTICIPLEن
متعلق وٕنمُت تہٕ تَسُند خیال کُتھ حدس تام چھُ صحیح۔ PARTICIPLE
ہٕنٛز خاصیت چھےٚ یہ زِ یِمن ہیٚتہٕ مختلف (اندٕتی) AFFIX جوڑنہٕ
ہیٚتہٕ چھِ یِم ناوُت تہٕ باوتچہِ شکلہِ منٛز تہٕ استعمال سپدان۔ اَمہِ
علاوٕ چھِ یِم جملس منٛز کراوتچ کام تہٕ کران۔ کرٛاوتچہِ شکلِ منٛز چھُ
یِہُند استعمال بےٚ اَنٛتھ کراوتچہِ شکلہِ منٛز سپدان۔ امٕا پوٚز

یم کراوتی چھنہٕ جُملس منز اصلی کرٲوتٕچ یعنے MAIN VERB چ
کام کران بلکہ چھہٕ امہٕ استعمالہٕ پتہٕ جُملس منز FINIT کرٲوت
تہٕ ورتاونہٕ یوان ۔ مثلن وَنن والی ہند زیوٚ " توٚہۍ ژٲرِتھ " جُملہٕ
بوزنہٕ پتہٕ چھُ بوزن وٲلس بنیہٕ کُنہٕ کامہٕ ہند سپدنک امکان
روزان یعنے توٚہۍ ژارن وول کرِ توٚہۍ ژٲرِتھ بنیہٕ کانہہ کام یعنے
شہ توٚہۍ رنہٕ بیترٕ ۔ یتھے پاٹھی ییلہٕ یم PARTICIPLE VERB جُملس
منز ناوتچہٕ شکلہٕ منز ورتاونہٕ چھہٕ یوان تہٕ یمن چھہٕ کراوٕت،
باوٕت یعنے VERBAL NOUNS وَنان تہٕ ییلہٕ یم باوتچہٕ شکلہٕ منز ورتاونہٕ چھہٕ
یوان یمن چھہٕ کرٲوت باوٕت یعنے VERBAL ADJECTIVE وَنان مثلن
"امس لڑکہ پِسند آمُن" تہٕ "میہٕ وُچھ اکھ اسُون لڑکہ" یمن دوٚن جُملن منز چھُ اسہٕ مولہٕ کراوٕت
تہٕ اکھ ستی چھُ ترتیب وار "اُن" تہٕ "وُن" SUFFIX جوڑنہٕ ستی کرٲی امہٕ کرٲوت اکلے
ناوتچ یعنے ABSTRACT NOUN چ تہٕ باوتچ شکل اختیار ۔ یتھہٕ پاٹھی چھُ "اَن"
اکاینہٕ ناوٕت یا VERBAL NOUN تہٕ "اہٕ وُن" چھُ VERBAL ADJECTIVE ۔ یوتام زن گرٕیر آسنہٕ
کامہٕ ہند تعلق چھُ تمی چھُ یمن دوٚنوی SUFFIX ن ہُند
ذِکر کورمُت ، اما پوز یموّ و SUFFIX ستی بنیہتی یم
PARTICIPLE VERB کتھن تہٕ کتھ چھہٕ کاشر زبانی منز ورتاونہٕ
یوان اُہِ دِکھنے چھنہٕ تموٚ پوٚر کرمِژ ۔ لفظن ہندہٕ گرتہٕ مطابق
چھہٕ کاشر زبانی ہندی یم PARTICIPLE VERB دوٚیہٕ قسمکی :-
اکھ گیہٕ تِم یم زن ناوتکو پاٹھی تعداد ، جنس تہٕ حالتکس سطحس

پیٹھ بناوٕنۍ حصہٕ دار بنان چھِ تہٕ دوٚیم گیہ تِم ہیٚم زن INDEDINABLE
لیٖتھ اَکۍ پے شکلہِ منز روزان چھِ تہٕ کرٛاوتی ہندِ تعداد جنس تہٕ حالتہ
مطابق چھِنہٕ یِمن کانہہ تبدیلی یوان۔ یِمن دوٚنوٚنی سطحن پیٹھ چھِ
کاشرِ زبٲنۍ ہندی PARTICIPLE VERB تہٕ دوٚیہ قسمکۍ بنان۔ اکھ
گیہ NOMINAL PARTICIPLE VERB تہٕ دوٚیم گیہ

INDEDINABLE PARTICIPAL VERB.

NOMINAL PARTICIPLAL VERB :-

کاشرِ زبٲنۍ منز چھِ یِمن کرٛاوتیٚن منز ناوتکۍ پاٹھۍ تعداد
جنس تہٕ حالتکۍ جز موجود آسنہٕ علاوٕ INFLECTED VERB کہ حرکتہٕ
ہنز صورتھ بیترِ جزٕ تہٕ شامِل آسان۔ یِیتھن چھیہ یہ کتھ تہٕ لایق
زِ کاشرِ زبٲنۍ منز تہٕ چھُ PARTICIPLE VERB بکُ استعمال
جُملس منز MAIN INFLECTED VERB بس یِتھ ہرِ کرٛاوتچ
شکلہِ منز پیدان۔ مثلن اکھ جُملہ چھُ "سُہ چھُ اَسان اَسان کام
کران"۔ اَتھ جُملس منز چھُ "کام کرٕنۍ" بوٚڑ کرٛاوت۔ "اَسُن"
کرٛاوت چھُ اَتھ بڈس کرٛاوتس یا MAIN VERB بس یِتہٕ
ہرِ کرٛاوتچ شکلہِ منز ورتاونہٕ آمٕت۔ مگر یِیلہِ کُنہٕ ساعتہ
جُملس منز بوٚڑ کرٛاوت آسہٕ نہٕ تمہٕ وقتہ چھُ یہ
PARTICIPLE VERB جُملس منز بڈٕ کرٛاوتچ کام کران۔
مثلن: "سُہ اوس گومُت"

NOMINAL جُملہٕ کرِ حرکژٕ ہنٛدِ صوٗرتہٕ مطابق ہیکَن ہیم

ACTIVE تہٕ دوٚیہٕ قسمٕکۍ آستھ: PARTICIPLE VERB

PASSIVE NOMINAL تہٕ NOMINAL PARTICIPLE VERB

کالہٕ ورتاوٕ مطابق ہیکَن بروٚنٛہہ ہیم - PARTICIPLE VERB

بیٚیہٕ ترٛیٚیہٕ قسمٕکۍ آستھ - از کالکہٕ، پتھ کالکہٕ تہٕ پیٚش کالکہٕ۔

NOMINAL PARTICIPLE VERB یوٚتام زَن از کالکہٕ حرکژٕ دار

بُکُ تعلُق چھُ یمہِ جُملُس منٛز بدٕلِس کرٛاوتِس سیٚتۍ تمِکِس حرکتس منٛز ییٚدن والہٕ کرٛاوتیٚچ وکھنےٚ کران۔ کاشُر زبانۍ منٛز چھِ یتھِ کرٛاوتیٚچ وکھنےٚ کرنہٕ باپتھ موٗلہٕ کرٛاوتِس سیٚتۍ "آن" یا "وان" SUFFIX جوڑنہٕ یِوان۔ یہٕ "آن" تہٕ "وان" SUFFIX چھُ صرف شہرکِس کاشرِس منٛز درینٛٹھۍ گژھان۔ یوٚتام زَن گامہٕ کاشرِکہِ تعلُق چھُ اَتھ منٛز چھُ "آن" بدلہٕ "اَن" تہٕ "وان" بدلہٕ صرف "وَن" SUFFIX جوڑنہٕ یِوان۔ سوال چھُ زِ آن / اَن کتیٚن چھِ لگان تہٕ وان / وَن کتیٚن چھُ لگان۔ آن یا اَن SUFFIX چھُ تمن موٗلہٕ کرٛاوتیٚن سیٚتۍ لگان ییٚہنٛد اَندیُم حرٛف CONSONANT آسہِ مثلَن: گژھان، پرٛان، ژاران، اَنان، لاگان، زینان، تَرانان۔ یا۔ گژھن پرَن، ژارَن، اَنَن، لاگَن، زینَن، ترانَن بیتر۔ "وان" یا "وَن" چھُ تمن موٗلہٕ کرٛاوتیٚن سیٚتۍ لگان ییٚہنٛد اَندیُم حرٛف "سوٗر" یا VOWEL آسہِ۔ مثلَن۔ نِوان، کھیوان، چَوان یا نِوَن، کھیوَن، چَوَن بیتر۔ یوٚتام زَن گریرِسن سُنٛد کامہِ ہنٛد تعلُق چھُ تمۍ تہٕ چھِ یمَن دوٚنوٚنی SUFFIX

اَن ہُند ذِکر کوٚرمُت۔ تمۍ چھُ لیوٚکھمُت :-

"THE PRESENT PARTICIPLE IS FORMED BY ADDING

-AN (WAN) TO THE ROOT, THUS

وُچھان ۔ وُپان" ETC ؂

اماپوٚز یَیلہِ تمۍ یمَن وُچھان ، وُپان بیتر لفظن ہُند جُملس منز استعمال چھُ کوٚرمُت تہٕ یمَو لفظو چھِ تیتِھن INFLECTED

VERB بنۍ صوٗرتھ اختیار کرٕمژٕ یِنَہٕ بِیتھ کہ PARTICIPLE VERB

بنۍ مِثلن ۔ "سُہ چھُ وُچھان" "تم چھِ وُچھان"۔ بیتر PARTICIPLE

VERB بنِہ شکلِ منز استعمال کرنہٕ باپتھ چھُ یہِ لفظ دوٚہ یہ پھِر ورتاونہٕ یِوان تہٕ اَمِہ پتہٕ چھُ بوٚڈ کراوُت تہٕ لگان مِثلن :

"یہِ چھُس پکان پکان کتاب پران"۔ اَتھ جُملس منز چھُ بوٚڈ کراوُت "پرٕن" تہٕ "پکان ۔ پکان" چھُ PARTICIPLE VERB

یُس دوٚہ یہ لَٹہِ چھُ ورتاونہٕ آمُت ۔ گریرسَن چھُنہٕ اَمِہ قسمُک کانہہ ذکر کوٚرمُت ۔ یہِ کتھ چھےٚ پزٕ زِ کاشُرس منز چھُ کراوتکہِ کالہ ورتاوُ موٗجوٗب تہٕ ہیکوٚنہٕ کالکہِ کراوتۍ باوتھ کرنہٕ باپتھ تہٕ موٗلہِ کراوتس رتی یوٚہے آن/ان یا وان/ وُن SUFFIX جوڑنہٕ یِوان ۔ مگر یہِ کتھ تہٕ ہیکوٚنہٕ اُسی

---

؂ LINGUISTIC SURVEY OF INDIA BY SIR G. GRIERSON VOL. VIII PART II

نظر انداز کرِتھ زِ پکوٚنہٕ کاہِ باوَتھ کرنہٕ باپتھ چھُ اَتھ بڈِس کرٛاوتِس

ہِتیٚ ہُر کرٛاوُت "چھُ" تہٕ کرٛاوتی سَندِ تعداد تہٕ جنسہٕ مطابق

درتاونہٕ یوان مثلن۔

سُہ چھُ پکان، تِم چھِ پکان، سوٚ چھےٚ پکان، تِمہٕ چھےٚ

پکان، تہٕ چھکھ پکان، تہیٚ چھِو پکان، بیترِ۔

یِمَو دوشوٚیو مثالو ہِتیٚ چھِ یہِ کتھ صاف ظاہر زِ گوڈنکِس

جملس منز چھُ 'چھُ پکان، چھِ پکان، بیترِ لفظےٚ INFLECTED

گریرِن چھُ صرف یہِ وَنُن خاموش بیوٗٹھمُت زِ اَز VERB

کالک SUFFIX 'آن، یاوان' چھُ PARTICIPLE VERB

بہٕ ہِتیٚ بنان تہٕ اَتھ مثال وُچھان 'وُپان' بیترِ دِتھ چھِ تِمو یِم

لفظ INFLECTED VERB. اکہٕ پاٹھۍ مختلف کالن منز

استعمال کرِتھ۔ ازکالکہٕ PARTICIPLE VERB ہِنٛدۍ کینہہ

مثالہٕ چھےٚ ییٚہ پیش:۔

موہنو مہٕ پٔرِن کھوان کھوان۔ (کھوٗن کھوٗن) ترٛشان

ترٛشان بیوٚو سُہ پھٔر (ترٛشن۔ ترٛشن) یہٕ لڑکہٕ چھُ اسان۔ اسان

پربتھ کانہہ کام کران۔

ییٚتِتھن چھےٚ یہِ کتھ وَنہٕ لایق زِ کُنہٕ کُنہٕ وقتہٕ چھِ یِم

PARTICIPLE VERB جملس منز اَکی پھِرِ تہٕ استعمال سپدان۔

مثلن۔ 'ترٛیش چوان مہٕ آس' مگر ییٚتھ مثالہٕ چھےٚ تعدادِ

مؤجوب ہٕ آسنس برابر۔

کاشرِ زبانہِ منز چھِ PARTICIPLE ADJECTIVE ترٛێیہِ قسمکۍ۔ یوٚتام زن اَز کالکۍ PARTICIPLE ADJECTIVE وُن ہُند تعلُق چھُ، یِم چھِ مۆلہ کرٛاوِتس سٟتۍ 'وُن' یا 'وُنہِ' SUFFIX جوڑنہٕ سٟتۍ بنان۔ مثلَن:۔

میہٕ وُچھ اَکھ کانپوُن لڑکہٕ۔ میہٕ وُچھ اَکھ کانپوٗنۍ کوٗر۔ پرٛوِنس بچَس پزِ دوہَے وقتَس پیٹھ سکوٗل نیرُن۔ یِمہِ کتابہٕ چھێیہٕ پرٛونمن بچَن کِتھ۔

اَکھ مُتعلق ہٕ چھُنہٕ گرٛیمرس کانہہ خاص بیان پیش کوٗرمُت۔

حرکتٕ دار تہٕ بے حرکتٕ دار یِتھ کالکۍ :۔ VERB / PARTICIPLE

( ACTIVE / PASSIVE PAST PERFCT PARTICIPLE VERB)

یوٚتام زن گرٛیمرس بٕہ کامہِ ہُند تعلُق چھُ سُہ چھُ کاشرِ زبانہِ منز ترٛێیہِ قسمکۍ یِتھ کال مانان۔ اَکھ سُہ یِتھ کال یُس حال حالے اند آمہِ ووتمُت۔ دوٚیِم سُہ یِتھ ہنا زیادٕ ہَن وق آمہِ گومُت تہٕ ترٛێیِم سُہ یِتھ سیٹھاہ وَق آمہِ گومُت۔ گرٛیمرسٕ نٕند وَنُن چھُ زِ یِمَن ترٛنوٛنی یِتھ کالَن ہنز باوَتھ چھێنہٕ کاشرِس منز مۆلہ کرٛاوِتس ترتیب وار "اُ" (اوٚو) تہٕ آو' SUFFIX جوڑنہٕ سٟتۍ یوان۔ یِنہٕ کِتھ

پوچھ دِنہٕ باپتھ چھِ تمِ یِمہٕ مثالہٕ دِژمژ۔ "وُچھ" وُچھوو" تہٕ "وُچھاو"
ییتہٕ چھُ سہٕ ییتہٕ وَنان زِ یِم لفظ چھِ شکلہٕ کِنۍ باوٕتی مگر یِم
چھِ صرف ییٚتھ کالچ باوتھ کرنہٕ باپتھے یوت استعمال سپدان۔
باوتچہِ وکھنے باپتھ چھِ یِمن ییتہٕ "مُت" SUFFIX جوڑنہٕ یِوان یِمہٕ
یوتام زان گرِیہٕ سنہٕ گوڈنچہِ کتھہِ ہنٛد تعلق چھُ یعنے ییٚتھ کالچ باوتھ
کرنہٕ باپتھ چھِ کاشرِس منز مؤلہٕ کراوتس ییتہٕ اُ' یوو' تہٕ
یاو' SUFFIX جوڑنہٕ یِوان۔ اَمالوز ییتھن چھُ گرِیہٕ سن
INFLECTED VERB ہِچ کتھ کران، PARTICIPLE VERB بہٕ بدلہٕ
تہٕ کیازِ میٚنہٕ کوٗر یِمہٕ کتھِ ہنٛد گوڈنیتھ ذِکر زِ PARTICIPLE چھِ
تتھ لفظس وَنان یُس پانس منز 'ناوُت' کراوُت تہٕ باوُت'
یِمن ترنوٚنی ہنز خاصیتھ آسہٕ تھوان تہٕ یوتام زَن 'وُچھ' وُچھوو'
تہٕ وُچھاو لفظن ہنٛد تعلق چھُ یِم چھِ صرف کراوہچ یا زِ خاصیت
تھوان۔ لہاذا کاشرِ زبانۍ منز چھُ حرکژدار تہٕ بےٚ حرکتھ ییٚتھ کالچ
باوتھ کرنہٕ باپتھ مؤلہٕ کراوتس ییتہٕ "مُت، SUFFIX لگان تہٕ
جُملس منز چھ اَتھ ییتہٕ "چھُ" یا" اوس" بیتر ہُر کراوُت تہٕ
وَرتاوِنہٕ یِوان۔ مثلن سہٕ چھُ گرٕ گومُت، سو چھیٚہ گرٕ گامژ، تِہ
اوسکھ گرٕ تِژلمُت' بیتر۔ یِمہٕ چھیٚہ حرکژدار صوٗرتچہِ مثالہٕ۔ تمۍ
چھُ تِہاوُل گام نیومُت۔ تمۍ آس کتاب پرٕمژ۔ تِمہٕ چھے
باتھ گیوومُت بیتر چھِ بےٚ حرکتھ صوٗرتکہِ مثالہٕ۔ ییتھن وَنہٕ بہٕ

یہ کتھ تہٕ زٕ یہ "مُت" چھُ جُملس منز کراوٕلہ بندٕ یا تَم لفظکہ جنسہٕ، تعدادٕ تہٕ حالتہٕ موجوب بدلان یتھ پتھ کراولہ ہنز کامہٕ ہُند اثر آسہٕ۔

یوٚتام زَن

PAST PARTICIPLE ADJUCTIVE وگ

سوال چھُ کاشرِ زبانۍ منز چھُ ییتہٕ موٗلہ کراوِتس پتہٕ "مُت" SUFFIX لگاونہٕ پتہٕ بنان۔ مثلن۔ گرٕ ژٔولمُت لڑکہ چھُ بیٚیہ گرٕ آمُت، ژٕ کیازِ چھکھ چھوٚلمُت پلَو بیٚیہ چھلان، یمَن جمُلن منز چھُ ژٔولمُت تہٕ چھوٚلمُت، لڑکہ ہنز تہٕ پلوٚچ خاصیتھ بیان کران تہٕ پتہٕ چھیٚیہ یہ کتھ تہٕ صاف ظاہر زٕ یم دوٚنوے لفظ یعنے "ژٔولمُت" تہٕ "چھوٚلمُت" چھِ موٗلہ کراوِتۍ۔ "ژٔل" تہٕ چھل لس پتہٕ "مُت" SUFFIX لگاونہٕ پتہٕ بنیمتۍ۔ یہ "مُت" چھُ جُملس منز تمہٕ لفظکِ تعدادٕ، جنسہٕ تہٕ حالتہٕ موجوب بدلان، یتھ خاصیتھ باونۍ آسہٕ۔ مثلن:۔

| | | |
|---|---|---|
| زٕ جنس | چھوٚلمُت پھرن چھُ بیٚیہ چھلان | MAS: SINGULAR |
| اوٚگنُ/دوٚگنُ | چھٲلمتۍ پھرن چھُ بیٚیہ چھلان | - PLURAL |
| مادٕ جنس | چھیٚچمٕژ قمیض چھُ بیٚیہ چھلان | - FEM. SINGULAR |
| اوٚگنُ/دوٚگنُ | چھیٚچمٕژٕ قمیض چھُ بیٚیہ چھلان | - PLURAL |

| | |
|---|---|
| ACCUSATIVE | ژھُلۍ مِتِس پلوس چھُ اِسٹری کران |
| اَڈِگُن/دوِگُن | ژھُلۍ مِتین پلون چھُ اِسٹری کران |

FUTURE PARTICIPLE VERB تہٕ PARTICIPLE ADJECTIVE

پیش کالک ADJECTIVE تہٕ PARTICIPLE VERB

کاشرِ زبانۍ منز چھُ پیش کالُک PARTICIPLE VERB

مۆلہٕ کرٛاوتِس سِتۍ "اُن" SUFFIX تہٕ "کیُت" لفظکہٕ میلہٕ سِتۍ بنان تہٕ پیش کالچہٕ کامہٕ ہنز باوَتھ کران یا خاصیتھ ہاونہٕ خاطرٕ چھہٕ مۆلہٕ کرٛاوتِس سِتۍ "اُک" SUFFIX لگاونہٕ یِوان۔ یِمن دۆنوٕنی ہنز مثالہٕ چھیہٕ پیش:۔

یہٕ توٗلُ چھُ رنُن کیُت، یہٕ چھُ رنگُک توٗلُ۔

PARTICIPLE VERB بُک دۆیِم قسم چھُ تِم PARTICIPLE یِم زَن اُکی شکلِ منز ہمیشہٕ روزن۔ یعنے یِمن زن تہٕ کرٛاوتی سندِ تعدادٕ، جنس تہٕ حالتٕ مطابق کانہہ تبدیلی یِیہٕ۔ یِمن ہیکو INDECLINABLES تہٕ وَنِتھ۔ یِم PARTICIPLE چھہٕ برونہہ کُن بیَیہٕ ترٛیہٕ قسمکۍ بنان۔ اَکھ گیہٕ تِم یِمن زَن بڈٕ کرٛاونکہٕ سپدنہٕ برونٹھے بیَیہٕ کُنہٕ کامہٕ ہندِ سپدنٕچ باوَتھ کرن۔ دۆیِمین لفظن منز ہیکو اَسی وَنِتھ زِ امہٕ کرٛادتہٕ پتہٕ چھُ بیَیہٕ کُنہٕ کرٛاونکہٕ سپدنُک اِمکان روزان۔ مثلن: "یہٕ کتاب پٔرِتھ گژھہٕ بہٕ مدرس" یا "بتہٕ

کھیتھ گژھکھ ژٕ بازر سودا اَنٕنہ"۔ یِم PARTICIPLE چھہ مۄلہ کرٛاوِ پیٚٹھ

سٟتؠ "اِتھ" یا "تھ" SUFFIX' لگاوِنہٕ سٟتؠ بَنان۔ "اِتھ" چھہ تِمن

کرٛاوِ مۄلن سٟتؠ لگان یِمن آخرس CONSONANT (زُری اَچھُر)

آسہِ تہٕ یِمن اَندس VOWEL (اوٚر اَچھُر) آسہِ تِمن سٟتؠ چھُ

صرف "تھ" لگان۔ "پٔرِتھ" تہٕ "کھیتھ" لفظن منز چھینہ یہِ کتھ

صاف ظاہر۔ گریرسن چھُ اَتھ CONJUCTIVE PARTICIPLE

وَنان۔

میٚہ چھُ باسان زِ کاشُر زبانہِ ہُند یہِ "اِتھ" چھُ VOWEL

(اوٚر اَچھُر) یا "سورٕ" سٟتؠ اَند سپدن والین لفظن سٟتؠ سورکہِ

دژگنیارٕ رٕنشہِ بجینہِ موکھلے "تھ"، ہیتھ یوت روزان۔ اسٹرکول

چھُ "کاشر شبدا مرت" ناو پنٕنہِ کتابہِ منز "اِتھ" س سٟتؠ

"کیتھ"، پۄت لاگیکھ تہٕ ذِکر کران۔ تِمو چھُ وونمُت "اِتھ کینھ

وا" تہٕ تِمہِ پتہٕ چھکھ اَمِچ مثالہِ دِژمژ:

"پٔرِتھ کیتھ" "گژھتھ کیتھ" بیترِ۔ اما پۄز گریرسن چھُنہٕ امیُک

کانہہ تہٕ ذِکر کوٚرمُت۔ مہانے پرکاشس منز چھُ "اِتھ"

بدلہٕ "اِت ایت" SUFFIX درینٹھ گژھان۔ مثلن:

دلیوت اوک کتی پُر راجہِ

امہِ پتہٕ چھینہٕ تِمن VERB PARTICIPLE اُن داری

داتان یِم زَن کنہِ کامہِ ہُند گرِ گرِ کرنس دَکھنے چھہ کران۔

یم VERB PARTICIPLE تہٕ چھِ جُملس منز دوٚیہ پھِر وَرتاونہٕ یوان تہٕ امہِ پتہٕ چھُ بوڈ کرٲوُت تہٕ استعمال یِدان۔ گرِیرتن چھُ اَتھ FREQUANTIVE PARTICIPLE وَنان۔ تسُند ونُن تہٕ چھُ۔

THE FREQUANTATIVE PARTICIPLE IS FORMED BY ADDING "ُ" MATRA TO THE ROOT WHICH IS THEN REPEATED AS IN "وُچھ" "وُچھو"

یم PARTICIPLE کیتھہٕ پاٹھۍ چھِ وَرتاونہٕ یِوان اُمِچہٕ کینہہ مِثالہٕ چھیہٕ پیش:

گیوٚوی گیوٚوی چھُ لوکَن رژِ ناوان

نژی نژی چھُس گیوٚر یوان

پڑی پڑی چھُکھ مشران ..... بیترِ۔

PARTICIPLE اَمہِ علاوٕ چھُ کاشرِس منز بیٚیہِ اَکھ VERB یُیمیُک استعمال تمہٕ کامہِ باپتھ یِدان چھُ یمہٕ کامہِ خاطرٕ بیٚیہِ کینہہ کرنہٕ یِیہ۔ مثلَن:۔

بیول وَونہٕ چھُ کھیس کُن منز گرٕہان۔ اُتھ جُملس منز چھیہٕ اصلی کٲم بیول وُون گرٕہنچ کٲم چھیہٕ بیول وونچہٕ کامہِ خاطرٕ کرنہٕ یِوان۔ دوٚیمین لفظن منز ہیٚکو ژٕنتھ زِ کھیس منز گرٕہنُک مقصد چھُ بیول وُون، لہٰذا چھُ اَتھ دوٚو مولہٕ کرٲوتس سیٚتی 'نہٕ' SUFFIX جوڑنہٕ آمُت۔

یِمَو علاوٕ چھِ تِم PARTICIPLE تہٕ میلان یِم اکائیٛنٛز
ناوِچ شکلِ منز چھِ استعمال یِوان مثلن :- گرٛزھن، اسُن،
گیوٗن، بیترِ۔ ظاہر چھُ زِ یِم چھِ مولہ کرٛاوِ تِس سٟتؠ "اُن" SUFFIX
لگاونہٕ سٟتؠ بنان۔ گرٛزِسُن چھُ یِہ "اُن" SUFFIX پیٛش کانٛگ
موٗنُث PARTICIPLE تہٕ یِنہٕ کتھِ پوچھر دِنہٕ مۄکھ چھِ تمی
یِمہٕ مثالہٕ دِژزِ "وُچھِن" "وُنِن" بیترِ۔ اگر شبدٕ گرٛت تہٕ
معنیس کُن وُچھو تہٕ یِیلِ چھِ یِم لفظ INFLECTED VERB کیٛ
PARTICIPLE —

متن لال تلاشی



## کأشرِ زبأنۍ ہُند گرامری مُطالعہٕ تہٕ

# گریسن

یِیمہِ مقالُک مقصد چھُنہٕ کأشرِ زبأنۍ ہُندِس گرامرس مُتعلق گریسنٕنِس کامِس ہُند کانہہ مُفصل جایزٕ، بلکہِ چھُ میون مقصد تِمن کینژن نوقطن کُن پرٕن والین ہُند توجہ پھِرُن یِم اَتھ مطالعس منز بحیثیتہِ کوتاہی درینٛھۍ گژھان چھیہٕ یا زِ یِم توجہُ طلب چھِہ۔

لسأنی وضاحتہٕ چھیہٕ رِلوایتی طور ترٛین شعبَن منز بأگرنہٕ آمژٕ۔ گوڈنیُک باوژہ ہُندۍ مأدی ذریعہِ یعنے طرزِ تحریرٕ تہٕ املابیترِ، دۆیُم گرامر یعنے مارفالجی تہٕ نحوٗ بیترِ تہٕ ترٛیِم لوغات سأزی۔ گریسنٕن چھیہٕ یِمن ترٛینَوٕنۍ منز قلم آزمأیی کٔرمژٕ۔

اَتھ سأری سے کامہِ سام ہیٚنہٕ برٛنٛہہ چھِ اَسۍ یِتھ نتیجس پیٹھ واتان اَمیُک بوٗڈ حصہ چھُ طرزِ تحریرٕکۍ مختلف کھٕرۍ تہٕ مسلہٕ اَنزراونس

کُن لوگمُت تہٕ تحریری کھوچر تہٕ اِملاہی بےٚ سۄبر چھُ تکرٕ تھہٕ
اَتھ رۄدمُت۔ طرزِ تحریرکی ہم مسلہٕ چھُنہٕ صرف گریرسنٕنس مطالعس
منزٕ بلکہٕ چھِ اکثر یورپی عالِم اَتھ منز ہیٚنہٕ آمتی۔ تِمَن دۄہَن کاشُر زبانؠ
ہُند کانہہ تہٕ اکھ مقبوٗلہِ عام رسمِ خط نہٕ آسنہٕ سببہٕ اوس پرتھ کانہہ
یورپی، رومن اچھرٕ ہنا شیر تار کرِتھ یِنہٕ طرزِ تحریر خاطرٕ درتاوان۔
اٮ۪یکھ وجہ ہیٚکہِ یہِ آسِتھ زِ کاشُر زبانؠ اوس نہٕ گوڈٕ پیٚٹھے کانہہ
تہٕ گرامر جامع صوٗرتس منز یُس یہِ زبان ہیٚچھناونس منز اَتھ روٗٹ
کرِہے۔ ایشرکول سُند گرامر یۄدوَے اوس تہٕ سہٕ اوس سنسکرتس
منز تہٕ تمی سُند طرزِ تحریر برونہہ کنہٕ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ چھُنہٕ
کاشرِ پوٚ لِکھارِ پوٚ اَمہِ حسابہٕ ہیٚکھنچ کوشش زِ نہٕ نٕہنے تہٕ کرٕمژٕ گریرسنَن
چھُ اَدے ژکھِ ہوٚت وَنان۔ (گریرسن ۱۹۱۲ ص ۷) زِ یِنہٕ چھُ
پرتھ کانہہ عالِم یِنہٕ قونوٗن پانے مُرتب کران۔

بہرحال گریرسنَن تہٕ چھُ کاشرِ زبانؠ خاطرٕ رومَن اچھرٕ
ورتوومُت تہٕ کاشرِ زبانؠ ہندی چھِ تمی ۲۷ واوِل تہٕ زٕ دُواوِل
(DIPTHONGH) بدٕ گٔڈی متھ یہِ چھُ یزٕی پاٹھٕ اکھ زلیوٗٹھ فہرست۔
یۄدوَے ہم ساری واوِل الگ فونیم ماہنوکھ تیٚلہِ آسَن
کاشرِ زبانؠ ہشہٕ دُنہس منز کمے زبانہٕ یمن ینٛنس وسیع واوِل
سسٹمس پیٚٹھ فخر آسہِ۔ مگر زِکہِ چھُنہٕ گریرسنُن مقصد کاشُر زبان
یِنہٕ واوِل گُنجاہرکِ نیشہِ ناوُن، بلکہِ چھیہٕ یہِ کینژھاہ تمی ہٕسنز

غفلت پتہ کینژھاہ تہٕ بندن وٕتہ ہاوکن ہنز ۔ بقولہ مور جنسٹرن
(مور جنسٹرن ۱۹ اص ۸۳-۸۴) سیٹھاہ برونہہ کالہ پیٹھ چھہ ہندوستانی
صوتیاتی ماہر پننہ نوزک تہ باریکھ مُشاہد سببہ مشہور آسی متی ۔ یم
ہُنا تہ صوتیاتی پھیر ہاوس منز پننہ مہارژ ہُند ہاو باو گرنس منز تہ
تفریق محسوس کران آسی ۔ شاید چھ امی عادتہ کنی الشر کولن تہ
پننہ کامہ منز کوڈ کاکی ہاومژ ییتھ باٹھی چھیہ تمس تہ کاشرہ
وادلو پیٹھ نظر ڈیجمژ تہ امیک اثر چھ برابر گریرسنس مطالعس
پیٹھ تہ بیومُت ۔

آسی ہمو گریرسنہ فہرستہ منز کیہنہ مثالہ ییمہ ستی
یہ عیاں سپدان زِ اکے آواز چھیہ مختلف وادلو ستی ہاونہ آمژ ۔
مثلن نیٖتو ' ہ ' ، ' ۂ ' ، ' ۃ ' وادہل ۔ گریرسن چھ ' ۂ ' وادلس متعلق
وَنان زِ ہندوستانی زبانن منز چھنہ یتھ کانہہ تہ وادہل ۔ یہ
چھیہ اکھ مخصوص کاشر آواز ۔ امِچ موجودگی چھ ' کرٕ تھکھ '
(KŪRᵘTHAKH) لفظس منز ہاوان ' ۂ ' وادلس متعلق چھ
وَنان زِ کاشرس منز چھ امیک وَتاو کھلہ سپدان ییتھ آواز انگریزی
' HUT ' تہ ' HOT ' لفظن ہندین وادہل آوازن درمیان چھیہ
مثلن " اَدرُن " ( ADᵃRUN ) ۔ دُچھتو دراصل چھ دوشونی
لفظن (کرٕ تھکھ تہ اَدرُن) منز ' اَ ' وادہل ۔ مگر گریرسن چھیہ
اکے آواز دوہو الگ وادلو ستی ہاومژ ۔ نیٖتو بیاکھ مثال ۔

لفظک PROMOTE چھیٚہ آواز گوڈنِکہ واوٕلہٕ۔ 'ö' تہٕ 'ô' واوٕل ۔
دوٚیِم ö ہش ۔ کاشرِ لفظٕچ مثال چھیٚہ 'ژور' دِنہٕ آمژ تہٕ اَمہٕ پتہٕ
چھُ 'ö' واوٕلس مُتعلق وَنان زِ اَمِچ آواز چھیٚہ 'GLORY' لفظٕکس
اوٕہس 'o' ، ہتی رلان ۔ کاشرِ لفظٕچ مثال چھیٚہ 'مول' ۔ ٹاکارٕ چھُ
زِ 'ژور' تہٕ 'مول' دوشوٕنی کاشرِ لفظن منز چھُ 'o' واوٕل ۔
پتھے پانٛژھ چھِ گریرسن 'ǖ' تہٕ 'ǘ' واوٕل دِتی متی ۔ بعضے چھُ
یہند وَرتاو 'اےٚ' تہٕ 'یےٚ' آوازن ہندِ خاطرٕ کرنہٕ آمُت
اَمابوز بعضے چھِ دوشوٕے 'یےٚ' بدلہٕ ورتاونہٕ آمتی تہٕ بعضے
چھِ اکھ اَکس بدلہٕ تہٕ ورتاونہٕ آمتی ۔

ماترا واوٕل چھِ یوٗرپی عالمن ہندِ بحثکی اہم موضوع
روٗدی متی ۔ گریرسن چھیٚہ میٖنولس تہٕ باقے تصنیفن منز یہنز
ذکرٕ وِزٕ وِزٕ کرٛمژ ۔ کاشرِ زبانی ہنٛزن آوازن یا واوٕلن ہنز
چھُ سہٕ ترٕیے صوٗرژ مانان ۔ اکھ سیٹھے ژھوٚٹ ، دوٚیِم ژھوٚٹ
تہٕ ترٕیِم زیٛچھ مثلن گریرسنی طرزِ تحریرٕ مُطابق :

(1) z^a (2) ahh , (3) pān

گوڈنِچ ژھوٚٹ آواز چھیٚہ ماترا واوٕل ۔ گریرسن
چھُ وَنان (گریرسن ۱۸۹۶) زِ یوٚدوَے یِم پتھ پانٛژھ نمار اہم
باسان چھِ مگر خابے کانہہ کاشُر لفظ آسہٕ تیٚتھ یُتھ منز
نہٕ یِم موجوٗد آسن یا یِتھ نہٕ یہند ڈٔسی لفظن ہنز گردان سازی

دوران یا گرامری تبدیلی دوران لفظس منز آوازِ پھیر سپدان آسہ۔ بقولِ گریرسن چھِ یم ماترا واول کُنہِ لفظچ آواز تِتھے پاٹھۍ متاثر کران یتھ پاٹھۍ انگریزۍ لفظ 'MAT' 'e' جورنہ ستۍ 'MATE' بنان چھُ 'e' واولہٕ ستۍ سپنز 'a' واولچ آواز مُتاثر مگر 'e' چھُ پانہٕ خاموش۔ یہ آو برونہہ وُنہ زِ گریرسنین اکثر کامن ہنز بُنیاد چھےٚ شدھ امہت یتھ منز ایشر کولن ماتراہن ہند درتاو اکہِ خاص اندازٕ کورمُت چھُ۔ تٕ اوس لفظس منز کُنہِ حرفس پیٹھ وِرام (ا) لگاوان یُس یہ ہاوان اوس اَمہِ برونہہ واولچ آواز چھےٚ مُتاثر سپدیمژ۔ ایشرکولس پتہٕ کرِ نہ کانٛہہ مقامی عالمن کاشرس گرامرس پیٹھ کام۔ اگر کینہہ کامہِ شلن خان غلام محمد پویل زبی سُند گرام (۱۹۰۳ء) تہٕ سیف الدین تاربلی سُند رِسالہٕ "مُتعلق اصوات کشمیری" بال آیہ مگر پرتھ ہش اِنفرادی کوشِشہ روز عام عالمن نشہِ دوٗر تہٕ یوٗرپی ین ہند وَنہ ہوٗک بنیود شدھ امہتے۔ یتھ پاٹھۍ چھُ بوٗتہٕ کاشر زبانۍ ہند صوتیات وِہنہاونہ وِزِ ماترا واولن کُن زوٗر توجہ دیتمُت۔ بقولِ برج بی، کاچرو (کاچرو ۱۹۶۹ ص ۲۹۴) چھِ یم ماترا واول پُراسرار صورژ زنگی پیش کرنہٕ آمتی۔ گراہم بیلی چھُ وَنان (بیلی ۱۹۳۷ ص ۱) زِ کانہہ تہٕ شخص یُس کاشُر رومن رسم خطس منز لیکھتھ وُچھِ نہٕ اتہٕ وُچھِ رکھِ ہیوٚر بہن لوکٕٹ واول تٕ سُدِ حاران زِ یم کیاہ چھِ تہٕ یہنز آواز

کیا چھیٚہ۔ یہِ بوٗزِتھ گژھِ سُہ زیادٕے حٲران زِ یِمو منٛز ہیٚکن
نہٕ واریاہ آوازٕ غٲر کٲشرۍ بوٗزِتھ۔ یِم چھِ اَسہِ تِمَن موٗسیقی لہرن
ہِنٛز یاد پاوان یِم سائنس دانَن ہِندِ وَننہٕ موٗجب اِنسانی کن چھنہٕ
بوٗزِتھ ہیٚکان مگر بیٚاری کَن چھِ بوزان۔ بیٚلی ین یوٚردوٚے تلفظس
منٛز یِمَن ماترایَن اہمیت دِنہٕ امالوٚز یِہندِ وجوٗدٕ نِش چھنہٕ سُہ
انکار کران۔ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ شن ماترا داولِن ہُند فہرست دِوان۔
موٗر جنسٹرین تہٕ چھنہٕ یِمو نِش ژلے انکار کران تمہٕ سندی کِنہٕ تہٕ
چھیٚہ یِہنٛز کٲم پانس برونٛہہ واول آوازٕ متاثر کرنہٕ۔ سُہ چھُ
یِمَن توارِیخی دلچسپی ہِندی مانان۔ اَرنسٹ نیوٚ تہٕ چھُ یِہنٛز ذِکر
کران تہٕ یِہندِ تحریرِ خاطرٕ چھن روٚمن رسم خطکی پانٛژھ داول
وَرتاوی متِ۔ یعنے گرِیرسنن ییٚلہِ گوڈنچہِ لٹہِ ماترا داولِن ہِنٛز کتھ
رٚچ پیٚتمیو عالِمو تہٕ کرٕ اَتھی تھٔپھ۔ مگر تِمو مُشروٗد زِ اَلشر کول
اوس بُنیٲدی سنسکرت لب و لہجہِ نِش زٲنیاب تہٕ باسان
چھُ زِ کٲشرِ زبٲنۍ ہُند صوتیات وَرتاونہٕ وِزِ چھُنہٕ سُہ سنسکرتکہِ
اثرٕ نِش مچھِ رُوزِتھ ہیٚوکمُت تہٕ امہِ پتہٕ ییٚلہِ گرِیرسنن کٲشرِ
صوتیاتُک مطالعہ کوٚر سُہ تہٕ لوٚک اَتھی نقشہِ قدمس پیٚٹھ۔ اکثر
یوٗرپی عالِم چھِ پانہٕ تہٕ یِمہِ کتھہِ ہُند اعتراف کران زِ یِمو منٛز
چھنہٕ اکثر آواز بوٗزِتھ ہیٚکان تہٕ یُس آواز نہٕ بوٗزِتھ ہیٚکو تِمُک
وجود تہٕ ہاو چھُ ژلے غلط۔

گریرسنن چھ یمن ماتراہن زیرِ اثر لفظس منز آوازِ پھیرِ کہ

کیہنہ اصوٗل تہٕ بدٕ کڈی متی مثلن۔

یێلہِ a ماترایہ بروٗنہہ 'a' آسہ سہ چھُ ə بنان مثلن

اندر ( ANDAR ) اَندٕر ( $\text{AND}^{a}\text{RA}$ )

یێلہِ 'ĕ' ماترایہ بروٗنہہ 'a' آسہ سہ چھُ ŏ بنان مثلن کانُن

( KANUN ) > کانٛراوُن ( KÔNĔRAWUN )

یێلہِ 'i' ماترایہ پتھ 'a' آسہ سہ چھُ 'ö' بنان مثلن مول /

MOL > ماٛلی MÖLI ) لفظکس گردانس دوران واوِل آوازن پٮ۪ٹھ

انہارہٕ متاثر سپدنہٕ چھُنہٕ صرف کاشُر زبانٕی منزے یوت۔ امابوزن

یہ چھُ توجہ طلب زِ اَمہ آوازٕ پھیرِ کہ اصوٗل چھا گریرسنن ماترا اثر

کِنہٕ یہ چھیہ واوِل ہشرن یا بێیہ کانہہ ازانٕی اصوٗل۔

صوتیاتی مطالعہ علاوہ چھُ گریرسنن کاشُر زبانٕی ہندِن باقے

گرامری جزن مثلن ناوُت ( NOUN ) باوُت ( ADJECTIVE ) کرناوُت

( VERB ) تہٕ پرٛ ناوُت ( PRONOUN ) نظامچ تہٕ ورٛتھنے

کرِمژ۔ یہ ورٛتھنے چھیہ گرامری وضاحژ ہندِس رِوایتی اندازس

پیٹھ۔ گریرسنس برونہہ آس ایجورتھ تہٕ ویڈن تہٕ کاشُر

گرامرچ اَمہ آیہ موختصر وِرٛتھنیہ دِژمژ۔ ویڈن تہٕ ایجورتھن بێیہ

کاشرِن ناوتین ہنز اَٹھ حالژ دِژمژ آسہ تہٕ کوٚر گریرسنن یہ

حالژ نظام ہنا آسانی سان پیش۔ کاشرِن ناوتین چھُ سہ ژورن

گرداںٕ منز باگران ۔ ناوَن ہنز گردان سازی منز چھُ ما ترا
واوِلن ہنز کارفرمائی وُچھان ۔ دۄیمِس گرداںٕ منز چھُ سٕہ تم مذکر
ناوٕ شامِل کران یم بقولہٕ تمہٕ سندِ "ہ" ما ترایہِ پیٹھ اندواتان چھِ
تہٕ گوڈنکِس منز باقی تمام مُذکر ناوٕ ۔ تمہٕ سندِ طرزِ تحریرٕ مطابق
چھِ ژۄر ، دۄش ، پریم ، سونٕر ، تٕرکھ ، وٗری ، دانہٕ ، گرٕ ، قاضی بیترِ ناوٕ
گوڈنکِس گردانس منز شامِل تہٕ گرٕ ، گۄر ، کوٗر ، مول ، مہنیوٕ ، ژلیوٗن
تہٕ گاٹلُ دۄیمِس گردانس منز ۔ پتھے پاٹھی چھُ ترٛیمِس گرداںٕ منز
تم مونث ناوٕ شامِل یہند NOMINATIVE واحد 'ا' یا 'ہ'
ما ترایہِ پیٹھ اند واتان چھُ تہٕ ژۄرمِس منز باقی تمام مونث ناوٕ ۔
ترٛیمِس گرداںٕ منز چھِ گرٕ ، کوٗر ، سیر ، گرٕ ، موج ، مژٕ ، کوچھ ،
ووٗرٕ تہٕ وُنہِ ہوی ناوٕ شامِل تہٕ ژۄرِمِس منز مال ، کرٕکھ ،
روپے ، بینہِ ، نٔدی ، کوٹھ ، گاو ہوی ناوٕ شامِل ۔

اماپوز یمو وراے چھِ کینہہ مونث ناوٕ یم یمن دۄشوٕنی
گردان باگرن ہنز اَستھ ہیکہ ہن ۔ مثلن پٹ ، بُڈ ، راتھ بیترِ ۔
گریرسن سندِ طرزِ تحریرٕ حسابہٕ چھِ پٹ تہٕ بُڈ ترٛیمِس گرداںٕ
منز شامِل تہٕ راتھ ، وال بیترِ ژۄرِمِس منز ۔ مگر یمن چھُ نہٕ گریرسنٕ
دِتمٕت واوِل پوٚت لوٗگ لگان ، بلکہ کانسونٹی بھیر تہٕ سِیدان ۔
غرض وَنُن چھُ ہِز تمہٕ سندِ ڈسی بدٕ کڈنہٕ آمٕت کاشُر زبانی
ہندِ صوتیاتی نظامُک بُنیادی کھوچرٕ چھُ تمہٕ سنز گرامی جزن

ہنز وضاحتھ بیٹھ تہٕ اثر انداز سپد مُت۔

کاشر زبانی ہندِس گرامرس منز چھیہٕ اَکھ اضافی حالت ( GENITIVE CASE ) دلچسپ۔ یہ نظرِ تَل تھاوِتھ چھُ کاشرِ زبانی ہُند تصریفی ( INFLECTIONAL ) مزاج بروٚنہہ کُن پیوان۔ گریرسن چھُ پانس بروٚنہہمین گرامر دانن ہندی پاٹھی اضافی حالت ہاوٕنہٕ خاطرٕ ہُند، سُند، اُک تہٕ اُن، پوٚت جاین (POSTPOSITIONS) ہُند ورتاو ہاوان۔ یِم نہٕ صرف کرٲول ( SUBJECT ) یا شخص کِس جنس بلکہ کرٲوی ( OBJECT ) کِس تعداد تہٕ جنسکِس لحاظ تہٕ بدلان چھِ۔ بقولِ گریرسن چھُ کاشر زبانی ہندین سارِنے مذکر ناوتین ہنز DATIVE حالژ ستی "س" پوٚت لگیکھ ورتاو سپدان تہٕ اضافی حالژ منز چھُ یوٚہے 'س' 'ہُند' پوٚت جایہِ "ہ" ہیچ جاے رٹان تہٕ یہ چھُ "سُند" بنان۔ مگر اَمہٕ مطابق گوٚژھ تیلہِ تمن اژوٚدی ناوتین ستی تہٕ "سُند" لگُن یِہُند DATIVE 'س' جوڑنہٕ ستی بناونہٕ یوان چھُ مثلن پلس، اسمانس، پوشس بیترِ۔ مگر اضافی حالت بناونہٕ وِزِ چھُ یمن ستی "اُک" لگان نزِ "سُند" یا "ہُند"۔ بہرحال کاشر زبانی منز چھِ اضافی حالژ ہندین پوٚت جاین ہندی شیٚقہ اصوٗل یِم ویٚتھی پوٚٹھی پاٹھی یِتھ پاٹھی چھِ۔

۱۔ تِم عام اژوٚدی ناوتی یِم واحد مذکر آسن تمن ستی چھُ "سُند" لگان۔

۲، ترییم شخص پٔرِ ناوِتی کُس واحد مذکرس ستۍ تہٕ چھُ "سُند" لگان

۳، ہُند، پوٚت جاچھُ باقے سارِنے ازٕوی جمع ناوتین ستۍ، زٕوی واحد مونث یا جمع مونث تہٕ مذکر جمع ناوتین ستۍ ورتاونہٕ یوان۔

۴، دٔیم یا ترییم شخص کُس جمع صورتس ستۍ تہٕ چھُ 'ہُند' ورتاونہٕ یوان۔

۵، 'اُک' پوٚت جاچھُ سارِنے ازٕوی واحد مذکر ناوتین ستۍ ورتاونہٕ یوان۔

۶، 'اُن' پوٚت جاچھُ انانہٕ ہندین ناون ستۍ ورتاونہٕ یوان۔

اما پوٚز تمن مونث ناون ستۍ یم 'ا' یا 'ی' وادس پیٹھ اند واتان چھِ، چھُ 'ہُند' ورتاونہٕ یوان۔ بعضے چھُ انانی ناون ستۍ تہٕ 'سُند' استعمال سپدان تہٕ اکثر چھُ 'سُند' پوٚت جا ورتاونہٕ وِزِ کُلہِ ناوس 'ا' پوٚت لوگ جوڑنہٕ یوان۔

کاشرِ زبانِ ہُند گرامرُک نظام تہٕ چھُ گرییٚتن سرسری طور وہرٕ صوت۔ گرییٚن چھُ صرف یہ وُنِتھ کِتھ رٔٹان زِ ساری کاشرِ گرامرٕ چھِ تردنی یا رٔکِنی۔ یوٚدوے سرسری طور آسۍ تہٕ اتھی باگرِ نظر تراوٕ واسۍ ہیکو تِیلِ ییٚن مزید ورگہٕ باگے کرِتھ۔ مثلن یُرکہٕ رٔنی گرامرتی ہیکہٕ ہوکھ آسۍ ترٛین ورگن منز باگرِتھ۔ گوڈنکس ورگس منز چھِ تم یِہندس پتھ کال گراول ناوتس منز 'NOMINATIVE' بدلہٕ 'AGENTIVE' حالژ ہُند ورتاو سپدان چھُ مثلن 'مے اوٚس' دوٚیمس منز چھِ تم گرامرتی شامل

پھندِس پیٚتھ کال کرٕاوتس NOMINATIVE حالتھ ورتناونہٕ یِوان چھیہٕ
مثلن بہٕ ژاس، ژٕ آکھ بیتر بہٕ ترٛیمِس منز چھ کیہہ کراوتی شامل
پھندس پیٚتھ کال کرٕاوتس ستی دوشہٕ وٕے NOMINATIVE یا
AGENTIVE حالتھ ورتاونہٕ یِوان چھیہٕ۔ مثلن میہٕ نوٚژ یا بہٕ نوٚژُس

بیتر۔

دوٚنی توٚ گریرسٹن وبرٕ ھنود مُت کاشرِ زبأنی ہُند کالہٕ
نظام۔ گریرسن چھُ ونان زِ مختلف کالہٕ ورتاوخاطرٕ ہیکوٚ اُسی اکثر
کرٕاوتی ہموٚ ٹلہٕ صوٗرژوٚ پیٚٹھ ورتاوِتھ۔ ۱، ٹلہٕ کرٕاوُت ۲، از کال ناوکرود
۳، پیٚتھ کال ناو کرٗوو ۴، ثبتہٕ ناو کرٗوو۔ مثلن کرٕ، کران، کوٗر، کوٗرمُت
مگر کیہہ کرٕاوتی فارمہٕ چھیہٕ ہموٚ نمبرٕ تہٕ باقے صوٗرژوٚ پیٚٹھ بناونہٕ
یِوان مثلن INFINITIVE فارمہٕ پیٚٹھ ہیکوٚ اُسی یم ترٕٛ کال بنأوِتھ۔
۱، میہٕ چھُ کرُن ۲، میہٕ اوس کرُن ۳، میہٕ آسہٕ کرُن۔
گریرسنٕ بٕنے ثبتہٕ پیٚتھ کال باگرن چھیہٕ توجہس لایق۔ سُہ چھُ
اُتھ ترٛین فارمن منز باگران۔ ۱، نزدیکھ پیٚتھ کال ۲، بٕنے ثبتہٕ پیٚتھ کال
۳، دوٗر پیٚتھ کال۔ مثلن۔

۱. میہٕ کوٗر ۲، میہٕ کریوو ۳، میہٕ کریا یوو
شاید گژھن نہٕ دٕ ڈیم تہٕ ترٛیم الگ الگ ناوکرٕاوی آسنہٕ،
بلکہٕ گژھن یم علاقأیی یا اوسلوٗبیاتی پھیر آسنہٕ۔ بعضے چھ اُسی پیٚتھ
کالک دوٗر ہاونہٕ خاطرٕ کرٕاوتس پیٚٹھ دباو تراوان امہٕ موجب

چھیٚہ اَتھ منٛز آوازٕ تبدیلی تہٕ یِوان ۔ دباو واکی کرٛاوٕتی چھہِ بعضے
اُسی شرطیہ صوٗرژ منٛز تہٕ وَنٛتاوان ۔ مثلن :۔
" میٚہ کرٕ بہٕ کوٗشِش مگر......

گرِیرسَن چھُ دراصل تُزوٗرگی ہاوِتی پٔری ناوِتی
(DEMONSTRATIVE PRONOUNS) نِظامَس لِر لوٗر پتھ کالکُ
یہٕ نظام ہیوٗ مُت ۔ بہرحال یِم چھہِ کیٛنہہ اہم کتھہ یِمَن مُتعلق
مزید مطالعہ کرنٕچ ضٔرورت گژھہِ ، یُتھ کاشُر زبانٕ ہندِس INFLECTIONAL
مزازَس پتہٕ کُنہ کارفرما اصوٗلن ہنٛز نشاندہی کرنہٕ ییہِ ۔ یِم
کامہٕ چھینہٕ اَسہِ اَمہِ لحاظ ضروٗری باسان تکیازِ ماجہِ زبٲنہِ ہِچھنَس
منٛز چھہِ یِم اصوٗل زانٛنہٕ غٲر اہم مگر یِمہٕ ساتہٕ اَسہِ پنٛنہِ زبان
غٲر کاشرٮ۪ن ہیٚچھناوٕنی پیٚیہِ تِمہٕ ساتہٕ پیٚیہِ اَمِچ اہمیت تہٕ عیان ۔

# کأشرِ ڈپارٹمنٹچہ کینہ کتابہ

| | |
|---|---|
| کأشرِ ادبُک توأریخ | ناجی مُنور، شفیع شوق |
| رٍیشُت پٕہ سأنؠ رٍیش | رشید نازکی |
| جدید کأشرِ شأعری | ڈاکٹر حامدی کاشمیری |
| کأشُرُک تھیٹر | محمد سُبحان بھگت |
| کأشُر ہندی ریڈر | ڈاکٹر ٹی، این، گنجو |
| ادبی اصطلاح | غلام نبی فراق |
| تفیاتھ | عبدالغنی مدہوش |
| نثرٕچ کتاب | ترتیب:۔ ڈاکٹر رتن لال شانت |
| نوٗشار سومبرن | ترتیب:۔ غلام نبی فراق |
| کأشُر شومت | ڈاکٹر بدری ناتھ کلا |
| تہذیبُک توأریخ | ناجی مُنور، شفیع شوق |
| ادحال نامہ (جلد اکھ) | چمن لال چمن، بشیر اختر |
| ادحال (جلد ژٕ) | ڈاکٹر آر، کے، اکاو، ڈی، این شاستری |
| تصوٗف: اکھ تعارُف | غلام محمد شاد |
| کأشرٕن مسلمانن ہندی رسم پٕہ رٕواج | غلام محمد خان |
| کأشرٕن بٹن ہندی رسم پٕہ رٕواج | سوم ناتھ پنڈت |

کٲشِرِ منز بُدھ مت

رہ پہ بھوانی

سنگلاب

کٲشِرِ ہندی تواریخ دان

قدیم شارِیاتس

کاشرِ ہُند دیُت

فصلن ہندی کیٖمی کریل

پتہٕ تہند تندورُک

افسانہٕ کیاہ گوو

ناول کیاہ گیِہ

دُدرنگ ہاتیٖس

مذہبی رہنُما

جے ، این ، گنہار

سومناتھ پنڈت

ترتیب :- رحمٰن راہی ، شفیع شوق

پروفیسر ایس ، کے ، کول

کے ، این ، در

ڈاکٹر نورالدین ریشی

ڈاکٹر رتن لال شانت

موتی لال ساقی

مظفر عازم

رشید نازکی

# انہارکی خاص شمارہ

شیخ العالمؒ نمبر

کاشر ادبُک فکری پوٚت منظر

ادبی تنقید ۱،

اَزِچ کاشر شاعری

تحقیقی رسالہ

ادبی تنقید ۲،

سریت پتہٕ ادب

کاشر زبانی ہنز بناوٹھ

کاشرُ لکہ ادب

